# انہار

## گریرسن نمبر



کاشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سری نگر

अनहार

ग्रियर्सन नम्बर

# اَنہار

( گریرسن نمبر )

ایڈیٹر

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

مجلس مشاورت

ڈاکٹر رشید نازکی

محمد شفیع سمبلی

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونورسٹی، سرینگر

ग्रन्थ- कश्मीरी शब्दामृतम्,
लेखक- डॉ० बी० एन० कल्ला।
'अनहार' ग्रियर्सन नम्बर में।

# ترتیب

یونیورسٹی ریسرچ جرنل - فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

جلد — ۱۰
شُمارٕ — ۱۳
ؤری — ۱۹۸۷ء
گوڈنیک چھاپ — ۱۰۰۰
موٗل — ۲۰ روپیہ

خطاط — معراج ترکوی

سرورق — اقبال ؛ مطبوعہ :۔ شالیمار آرٹ پریس

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل سرینگر

# گوڈکتھ

"اہار" چھُ کأشرِ شعبُک اکھ تحقیقی تہٕ تنقیدی رسالہٕ
آسنچہِ حیثیژِ منز پننی کینہہ شُمارٕ صرف تمن موضوعاتَن ہُند وحاطہٕ کرنہٕ
خاطرٕ وقف کران آمُت، یِم موضوع اَمہِ شعبُکین سالانہٕ سیمنارن ہندِس
موقعس پیٹھ مقالہٕ نگارن دعوتِ اظہار دِوان چھِ ۔ اہارُک یہِ
اَزیُک شُمارٕ تہِ چھُ پرُس مُنعقد کرنہٕ آمتہِ سیمنارکین تمَن مقالن
ہِکوٹہٕ چھاپ کرنہٕ خاطرٕ وقف تھونہٕ آمُت، یِم سرجارج ابراہم
گریرسن ہنزِ کأشرِ زبأنی پیٹھ کرمژِ کامہِ ہنزِ سام ہیوان لیکھنہٕ
چھِ آمتی تہٕ یِم اَتھ تام وقتس پیٹھ واتناونہٕ چھِ آمتی ۔ اگرچہِ اَتھ
لسانیاتس ستی براہِ راست وابستہٕ ڈاکٹر عنایت اللہ اندرابی ہولو
عزیزو سِلسِلہٕ وار وُگرایہِ باوجود پرارہٕنی تھأوی تاہم کرِ ڈاکٹر
نذیر احمد دار تہٕ رتنَ لال تلاشی ہولو عزیزو یہِ کمی پوٗرٕ ۔ یتھ شُمارس

طالب علمن تہٕ باقے سٹاف ممبرن تہندِ احترامچ تہٕ شکرگزاری ہنز ذمہ واری ہیُر راوان۔ یہ چھُس پننہِ طرفہٕ تہٕ اَمہِ ذمہ واری ہُند احساس تھوٚن والین پننین سارنے ساتھین ہندِ طرفہٕ ورٕتھ وانجہ تو یہ استقبال کران۔

میہ چھُ یقین زِ یِتہٕ تہنز شمولیت یمہِ سیمنارکس افادیتس اضافہ کرِ تہٕ بَتہٕ یمہِ سیمنارہٕ خاطر ژارنہٕ آمُت موضوع سانہٕ مادری زبانی ہندین کیتین زاوین تہٕ دلچسپ مگر نظر انداز گمٕتین پہلوون کُن توجہ پھرنُک باعث تہٕ۔ خاص تحقیقی تہٕ ٹیکنکل مطالعچ کل گُزرادن وول یہ موضوع ہیکہِ اَسہِ یتھ کالس مانتہٕ آمژن دۄن خاص کتھن ہُند پزر سر کرنس منز تہٕ مدد کرِتھ۔ اَکھ کتھ ہیکو اَسی انگریزی پاٹھی راءچ سیُدمُت مفروضہ آسنہٕ کِنۍ "CAREFUL SURVEY OF ENGLISH RESEARCHERS" "THOROUGHNESS OF" وُنتھ یِلہٕ زن دوٚیمہ کتھ "WESTERN MIND" ناو ہیکو دِتھ۔ آیا سر جارج ابراہم گریرسن ہنز کاشرس بابتھ کرنہٕ آمژ سارے کام چھایمن دۄن کھوتین بابتھ پاسہ نیران تہٕ ہاوُن اَسہِ یتھ سیمنارس منز شمولیت کرن وٲلۍ مقالہ نگار بنیہ مقالن بابتھ عالمانہٕ تہٕ محققانہ بحث کرن وٲلۍ حضرات۔ مثالہِ پاٹھی "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ہس منز گریرسن ہُند طرفہٕ کاشر زبان سنسکرتچ کور زانتہٕ بجایہ سنسکرتچ بنیہ زانتھ دردستانچن زبانن ہنز برتھیمۍ زبان گنزرنہٕ تہٕ یتھے پاٹھی کاشرس گرامرس انتہائی سہل قرار دِوان تمی سُند اَکھ صفحی بابتھ یہ دعوا کرُن زِ:۔

منز شاملِ مقالن ہندِس معیارس تہٕ اہمیتس متعلق کانہہ نوو تمہید
گنڈنہٕ بجایہ چھُ میٚ یی مُناسب باسان زِ سیمنارکہٕ رسمِ افتتاحس
برونٹھ مدعو سامعینن برونٹھ کنہِ پرنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ
کرن یہٕ پیش لفظ زِ نگہِ من وعن شاملِ یتھ زَن پرَن والین یتھ
شمارس منز شاملِ مقالن سِتۍ وابستہٕ سانین توقعاتن ہُند عکس
تہٕ نظر یہٕ ۔ بہر حال گوڈ کتھ ہندِ بقیہٕ حصہٕ زِنگہِ چھُ پیش وُہمہِ
نومبر ۱۹۸۶ء گاندھی بھونس منز جمع تقریباً ژورَن ہتن سامعینن
برونٹھ کنہِ پرنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ ۔

## خطبہٕ استقبالیہ

صدرِ محترم پروفیسر سرور صاحب، مہمانِ خصوصی پروفیسر
پشپ صاب، قابلِ قدر سامعین، خواتین و حضرات ۔ اَزبُک یہٕ سیمنار
چھُ کاشُر ڈیپارٹمنٹُک ژہم سیمنار آسنکہِ حیثیتہٕ اکہِ باگہِ پوٚرتہٕ رِوایتُک
تسلسُل آسی چھ یمہِ سیمنارکہِ ذٔریعہٕ اُکس تتھس ہٲلہ پایہٕ عالمِ ہندِس
جمع کرمتس تحقیقی سرمایس پھیرِ دیاوُنُک سنز کران، یمہِ کاشُر
زبان عالمی سطحس پیٹھ خاص اہمیت لبناونس منز ہٲلہ پایہٕ رول ادا چھُ
کوٚرمُت ۔ توہیہِ بزرگن تہٕ عزیزَن ہُند پننیو مصروفیاتو منز وقت
کڈِتھ مشکلاتو باوجود یمہِ سیمنارُک رونق ہُرادنہٕ خاطرٕ وقتس پیٹھ
تشریف اَنُن چھُ یژی پاٹھی کاشُر شعبہٕ کہن وستادن، ریسرچ سکالرن،

طالب علمن تہ باقے سٹاف ممبرن تہند احترام چھ تہ شکرگذاری ہنز ذمہ واری ہر راوان۔ بہ چھس پننہ طرفہ تہ امہ ذمہ واری ہند احساس تھاون والین پننین سارنے ساتھین ہند طرفہ ورٹھہ وانجہ توہہ استقبال کران۔
میہ چھ یقین زِ ییتہ تہنز شمولیت ییمہ سیمنارکس افادیتس اضافہ کرِ تہ بنہ ییمہ سیمنارہ خاطر ژارنہ آمُت موضوع سانہ مادری زبانی ہندین کیتین زاوین تہ دلچسپ مگر نظر انداز گمتین پہلوون کُن توجہ پھرنک باعث تہ۔
خاص تحقیقی تہ ٹیکنکل مطالعچ کل گُراون وول یہ موضوع ہیکہ اسہ پننز کاشر مانتہ آمژن دون خاص کتھن ہند پزر سر کرنس منز تہ مدد کرتھ۔ اکس کتھ ہیکو اسی انگریزی پاٹھی رایج سیدمت مفروضہ آسنہ کنہ "CAREFUL SURVEY OF ENGLISH
THOROUGHNESS OF دنتھ ییلہ زن دوٚیمہ کتھ RESEARCHERS"
ناوہ ہکو دتھ۔ WESTERN MIND" آیا سرجارج ابراہم گریرسن ہنز کاشرس پیٹھ کرنہ آمژ سارے کام چھا مُن دون کھوچن پیٹھ پاسہ نیران تہ ہاون اسہ ییتھ سیمنارس منز شمولیت کرن وانی مقالہ نگار بنیہ مقالن پیٹھ عالمانہ تہ محققانہ بحث کرن وانی حضرات۔
مثالہ پاٹھی "لنگوسٹک سروے آف انڈیا"ہس منز گریرسن سند طرفہ کاشر زبان سنسکرتچ کور زانہ بجایہ سنسکرتچ بنیہ زاتھ دردستانچن زبانن ہنز برٛھیمر زبان گنزرنی تہ تتھے پاٹھی کاشرس گرامرس انتہائی سہل قرار دوان تمہ سند اکس صفحس پیٹھ یہ دعوا کرن ز:۔

منز شأمِل مقالن ہندِس معیارس تہٕ اہمیتس مُتعلق کانہہ نوٗ تمہید
گنڈنہٕ بجایہ چھُ میٚہ یِی مُناسب باسان زِ سیٚمنارکہ رسمِ افتتاحہ
برونٹھ مدعو سامعینن برونٹھ کُنہٕ پرنہٕ آمُت خطبۂ استقبالیہ
کرن یہ پیش لفظ رٕنگی من وعن شأمِل یِتھ زَن پرَن والین یِتھ
شُمارس منز شأمِل مقالن سِتہٕ وابستہٕ سانین توقعاتن ہُند عکس
تہٕ نظر یِیہ۔ بہرحال گوڈ کتھ ہند بقیہ حِصہ رٕنگی چھُ پیش وُہمہ
نومبر ۱۹۸۶ء گاندھی بھونس منز جمع تقریباً ژورن ہتن سامعینن
برونٹھ کُنہٕ پرنہٕ آمُت خطبۂ استقبالیہ۔

## خُطبۂ استقبالیہ

صدرِ محترم پروفیسر سرور صاحب، مہمانِ خصوصی پروفیسر
پُشپ صاحب، قابلِ قدر سامعین، خواتین و حضرات۔ اَزیُک یہ سیمنار
چھُ کاشُر ڈیپارٹمنٹُک ہُم سیمنار آسنکہ حیثیتہ اکہ باگہ یوٗرتہٕ رہوانیُک
تسلسُل۔ آسی چھ یِمہ سیمنارکہ ذریعہ اَکس تہٕ تھس بہلہ پایہ عالم ہندِس
جمع کرِ مِتس تحقیقی سرمایس پھیرِ دیاوُنک سُنز کران، یِمی کاشُر
زبان عالمی سطحس پیٹھ خاص اہمیت لبناونس منز بہلہ پایہ رول ادا چھُ
کوٚرمُت۔ نوہہ بزرگن تہٕ عزیزن ہُند پننیو مصروفیاتو منز وقت
کڈِتھ مشکلاتو باوجود یِمہ سیمنارک رونق ہُرادنہٕ خاطر وقتس پیٹھ
تشریف اَنُن چھُ ٹرزی پاٹھی کاشُر شعبہ کین وستادن، ریسرچ سکالرن،

زبانو کھوتہ زوٗر توجہ کاشر زبانہِ ہند مجموعی مُطالعہ کرنہ خاطرٕ وقف کورمُت، ییٚمہ کنہِ شہ اکھ بہلہِ پایہ زبانہٕ دان تہ محقق زانہ علاوٕ اکھ ممتاز کشمیر نواز محسن تہ زانن پیٚو۔ تِہنز وکینژہ کوتاہیو سببہ تِہنْد پُرخلوٗص دیٚت بیٚیہ تِہنْد اِنہماک نظر انداز کرُن چھُنہ انصاف۔ خاص کٔرتھ یہ چیز نظرِ تَل تھوٗتھ زِ گرِیرسن سُنْد مطالعہ اوس EXTENSIVE نوعیتُک نہ زِ INTENSIVE نوعیتُک۔ تاہم چھِیہ تمہِ کیٚہہ پرژلونہ میلہِ پچہ لاگِتھ زبان شناسی ہنز۔ اوٗٹ لاینہ رنگہِ ساٗنی وَتھ روشن کرمٕژ۔ یہ پٔرزرتہ بیٚیہ نظرِ تَل تھوٗن زِ کانہہ عالِم ہیٚکہ نہ پننِس علمی مادانس منز مکمل آسنُک دعویٰ کٔرتھ یا کانہہ تحقیق ہیٚکہ نہ حرفِ آخر زانہ یتھ۔ لہٰذا چھُ علمی کامہِ خاص کٔرتھ تحقیقی کامہِ سام ہینہ وِزِ محقق سُنْد خلوٗص پیش نظر تھوٗن تہ تیوٗتے لازمی ییِژ تِہنزن کوتاہین ہنزِ نشاندہی ہیٚڈنکہ تہ ہیر کڈنکہ جذبہ وراے کٔرنی بلکہ کوتاہین ہندِ ازالہِ خاطرِ عالمانہ مشورٕ دِتھ بہتر صوٗرت وٕ تلاوُنی لازمی بنان چھِیہ۔

کاشرِ ڈکشنری کاشرِس تلفظس تہ کاشرِن علاقائی کیو طبقاتی بولیٚن خاص کٔرتھ کاشرِکہِ قدیم ترین تٕلہ ترٕ او رُژھرن واجنین پوگلی تہ کشتواری ہشن زِندہ بولیٚن زیرِ بحث انان تہ پیٚیہ اَسہ گرِیرسن ہندی نظریہ رد یا قبوٗل کرنہ وِزِ سیٹھاہ محنت کرٔنی تکیازِ تمہِ سُنْد استدلال چھُنہ تیوٗتاہ کمزور۔

" I MAY CLAIM TO HAVE ADOPTED AN ENTIRELY NEW SYSTEM OF ARRANGEMENT OF THE KASHMIRI GRAMMAR."

پتہٕ دوٚیمِس صفحس پیٹھ یہٕ فتویٰ صادِر کرُن زِ :۔

" KASHMIRI, WHICH HAS REALLY A VERY SIMPLE AND REGULAR GRAMMAR PRESENTS TO THE UNHAPPY STUDENT NOTHING BUT AN UNDIGESTED MASS OF APPARENTLY HOPELESS IRREGULARITIES WHICH CAN ONLY BE ASSIMILATED BY ROTE."

پتہٕ پیٹھے پاٹھِ چھُ وُچھُن زِ کاشُر اَدبچ زٕ ابتدائی ڈبیاب کتابہٕ یعنے شتی کنٹھ " مہانے پرٛکاش " پتہٕ لَل دید ہندی واکھ ترتیب دِوان اصلی کلام پتہٕ رَل گومُت کلامہٕ ژارنُک معیار کیا چھُ تٔس اوسمُت، یُتھ زَن اَسہٕ تمٕ بندی NORMS OF EDITTING باترتیبی اقدار اَتھہٕ پِن۔

یمَن گوشَن کُن توجہ کرَان اگر اَسہٕ پتہٕ باسہٕ زِ زبانِ ہُند تحقیقی سفر چھُ تَنہٕ پیٹھ کَتہٕ کور بردنٹھ لوٚکمُت اما پوٚز یہٕ کَتھ چھیٚ پننہٕ جایہٕ مُسلم زِ گرِیرسنٕس روزِ ہمیشہٕ یہٕ امتیاز حاصل زِ تمیٚ چھُ سرکارٕی سطحہٕ کِس اَکِس بڈِس منصوٗبس ستہِ آوُر آسنہٕ باوجود بێیو کینژو اہم

کأشر زبأنی ہندۍ بہلہِ پایہ محقق یُس بنہِ خاطرٕ یہ اکھ ماجہِ زٕو آسہٕ برعکس اکھ اِکتابی زبان آس، کأتیہن کأشرٕن اندر ہیوٚک زبان شناسی ہنز کلہِ وۄتلاوِتھ بأتس پیٚٹھ کام کرن والیو کتہِ حدس تام ہیوٚک لسأنی تشخص پرزلاونک تحقیق برونٹھ پکناوِتھ، تہٕ مأدن یتھ سیمنارس منز پرنہٕ یِنہٕ وألی مقالہ کُنہٕ حدس نام ہأوِتھ۔

ویسے چھُ باسان زِ عالمی سطحس پیٹھ تحقیق ہیٚکہِ جدید ہنہٕ وُچھِتھ ماگرٕتھ وۄنی گریرسن ہندی پأٹھی وارِہن ٹاکین وٕہرٕن ہنٛد تہِہنٛد ترک پیدٕ نی تہٕ خۄد مرکوز لوکٹین لوکٹین دأیرن منز کام کرنہِ ہنز بارسس ینہٕ۔ اکھ سِلسلس منز چھُ شاید کأشر ڈیپارٹمنٹ یہ توقع تھونس منز حق بجانب زِ ییٚتہٕ جمع یِد یمتین اہم دأنشورن تہٕ نمایندٕ ادیبن ہندو بحث مُباحثو اندرٕ وۄتلن بالواسطہٕ یا بلاواسطہٕ کینہہ تِتھی کأشرۍ مشورٕ یمن پیٚٹھ اُسہِ پننین اہم فل تہٕ پی، ایچ، ڈی کرن والین ریسرچ سکالرن تہندو مخصوص میلاناتو یعنے اپٹی چوڈو مُطابق خاص علمی دأیرن اندر سپیشلسٹ (ماہر) بناونچ رہبری زیادٕ مؤثر بناوِتھ ہیکو۔

پۆتس کرٕ بہٕ بیٚیہ اکہِ پھِرِ صدرِ محترمس، مہمان خصوصی ییٚن، مقالہ نگارن، نمایندٕ ادیبن تہٕ ادب دوستن فردأ فردأ استقبال۔
جناب سرور صاحب چھِنہٕ کُنہٕ تعارفکی موحتاج۔ تم چھِ اردو زبأنی ہندی اکھ مُقتدر نقاد آسنہٕ علاوٕ ساینہٕ یونیورسٹی ہندی بزرگ ترین

انگلستانٕکس آیرلینڈ علاقس منز واقع ڈبلن ناوکِس بندرگاہس

نکھہ ۷، جنوری ۱۸۵۱ء منز ژھنہٕ پیٚمتی گریرسن گوٚو ۲۰ ؤرِشہٕ واننہٕ

یعنی ۱۸۷۱ء منز ہے انڈین سِول سروِس ہُند مشکل امتحان پاس

تہٕ صرف ۲۲ ؤرِشہٕ واننہٕ یعنی ۱۸۷۳ء منز گوو سہ بقول سنیتی کمار چیٹرجی

ہیتہٕ بزن لوکچن پتہٕ بجن زبانن لَل کھول کرن واکس بھارت ناوکِس لسانی

سوٚرگس عاشق تہٕ اُتھی عاشقانہٕ مزرس تحت رُود سُہ قریب پانژاہن

ؤریین ہندوستانکِن مختلف علاقن منز لسانی سروے کران۔ گوڈنکین

پندہن ؤریین گوو سُہ تحقیقہ مۆت ییٚتھ لسانی سوٚرگس اندر مختلف

زبانن ہندین زادجارن تن تہا سام ہیوان۔ مگر تحقیقچ قدردان تہٕ

علمچ آبیاری کرن واجنی فرنگی حکومت کتہٕ ہیکہٕ ہے اُمس انگریز

نوجوان سُند یُتھ محققانہٕ جذبہٕ نظرانداز کرِتھ۔ چنانچہ آو سرکاری سطحس

پیٹھ ۱۸۹۸ء منز اہم ہندوستانی زبانن ہندِ سروے ہک بوڈ بار

پروجیکٹ اَدمی ہے گریرسن ہنز سربراہی منز دردس بنہٕ۔ ییٚس

ترہن ؤریین ہندِ زبردست محنتہٕ پتہٕ ۱۹۲۸ء منز تیتھے پاٹھی

مکمل کرنہٕ آو یتھ پاٹھی ایرانکی قومی شاعر فردوسین پرانین مسودن پھیر

دِتھ کُدرپو امتحانو پتہٕ "شاہنامۂ ایران" یہ ونان اند واتنا یوو زِ

بسے رنج بُردم دریں سال سی

عجم زندہ کردم بدین پارسی

دُجھُن چھُ پہ ز ۹، مارچ ۱۹۴۱ء تام زند روزن دول

پروفیسر پُشپ

# گریَرسنٕ کٲشرِ لسٲنی تحقیقکۍ ماخذ

۱. کٲشر زبٲنۍ پیٹھ لسٲنی سوچ کرِتھ لیکھنہٕ وقتہٕ یِم ماخذ گریَرسنس برونہہ کنہٕ روٗدی متۍ چھہِ تِم چھہِ شیٚنیہ قسمکۍ :-

اکھ :- کٲشرِ زبٲنۍ ہِندِ ناوُک اندراج

زٕ : کٲشرِ زبٲنۍ ہُند لوغت

ترٛے : کٲشرِ زبٲنۍ ہُند گرامر

ژور کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛزن خصوٗصیژن ہنٛز وِژھنے

پانٛژھ کٲشرِ ادبکۍ نموٗنہٕ

ووستاد تہٕ ۔ یِتھے پاٹھۍ چھہٕ یِمہٕ اجلاسکہِ خاص پٔرٛژھی پروفیسر پُشپ صاب تہٕ گرِیرسنن رہبری پتہٕ اَتھہ روٚٹ کرن والین پنڈت ایشر کول جوتشی تہٕ مُکندرام شاستری ہوین عالمن ہندی جانشین آسنہٕ علاوٕ شعبۂ کٲشرِ کین بانی کارن منزٕ تہٕ شامِل ۔

لہٰذا کرٕ بہٕ گوڈٕ پُشپ صابس گذارش زِ تِم کرن صدرِ محترمس بروٚنٹھ پننین خیالاتن ہُند اظہار ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی
صدر شعبۂ کٲشُر

ایج وڈرتھ (۱۸۴۱ء)، لیچ (۱۸۴۴ء) کنگھم (۱۸۵۵ء) آسٹن (۱۸۶۶ء) کیمبیل (۱۸۶۶ء/۱۸۷۵ء)، بوورنگ (۱۸۶۶ء)، ایلمزلی (۱۸۷۲ء)، ڈرو (۱۸۷۵ء) تہٕ ایشرکول (۱۹۱۶)۔

۳۰۲ ترے :- گرام لیکھن والین منز آسس یمن ہندی تصنیف بروٚنہہ کنہِ رۄدی متہٕ ؛

۰۱ انگریزی پاٹھی : ایج ڈرتھ (۱۸۴۱ء)، لیچ (۱۸۴۴ء) تہٕ وِیڈ (۱۸۸۸ء)۔

۰۲ اردوٗ پاٹھی : بشن نرائن (۱۸۷۳ء)

۰۳ سنسکرت پاٹھی : ایشرکول (۱۸۷۵ء)

۴۰۲ ژور : کاشر زبٲنی ہنزن خصوصیژن ہنز وضاحت کرن والی تصنیف آسی ایشرکولنہٕ "کاشمیر شبدامرتم" (۱۸۷۵ء) علاوٕ برکھارڈنی ترے مضمون یم اُمی جرمن زبٲنی منز کاشرس فعلس، اسمس تہٕ پوت لگس پیٹھ ZDMG (۱۸۸۹ء، ۱۸۸۸ء، ۱۸۸۷ء) س کڈی۔ (حالانکہ پوت لگہٕ بدلہٕ چھ اَتہٕ PREPOSITION لگاوِنہٕ آمت)۔

۵۰۲ پانژھ : گریرسنن آسی کاشر ادبکی یم نمونہٕ وُچھمتہٕ۔

۱. کاشر انجیلہٕ یمہٕ سریرام پور مشن کلکتہ کہ طرفہٕ (۱۸۲۱، ۱۸۲۷، ۱۸۳۲، ۱۸۸۴ تہٕ ۱۸۹۹ ایس منز) شایع سپز خاص کرتھ یار محمد بندِ مدتہٕ کاشرس منز پھِرنہٕ آمٕت

## شِشہٕ : شخصی زانٛہ کارۍ

۲.۱. اکھ : کٲشرِ زبانٛۍ ہِندِس اندراجَن ہِندۍ چھِ یِم ماخذ گریرسنٕس بروٛنٛہہ کنہِ آسۍ مٕتۍ۔

۱. امیر خسُروٕنۍ "نُہہ سپہر" یُس سنہ ۱۳۱۷ءیس منٛز لیکھنہٕ آمُت چھُ تہٕ ایلیٹ ہِندِ "ہِسٹری آف انڈیا" (۵۶۲/۳) کہِ حوالہٕ گریرسنٕس نظرِ گوو۔ اَتھ اندر چھُ کشمیری ناد لاہوری تہٕ سندھی بیترِ ناوَن زبانَن ستۍ ہیٚنہٕ آمُت۔

۲. ابوالفضل ہِنٛز "آیینِ اکبری" یٚمیُک پتاہ جیرٹ ہِندِ انگریزی ترجمہٕ (۱۱۹/۳) ستۍ گریرسنٕس لوٚگ۔ اَتھ اندر تہٕ چھُ کشمیری ناد درج۔

۳. اڈے لُنگ جوہان کرسٹوف سُند "سپراکھیِن اُنڈ منڈارین" (جلد ۱) یُس سنہ ۱۸۰۶ءیس منٛز برلنہٕ دراو تہٕ یٚمہِ کِس ص ۱۹۵ اس پیٹھ درج چھُ زِ "کٲشرِن ہِنٛز زبان چھےٚ سنسکرِتَس کوٗرتہٕ مراٹھی یَس ہِش آسٕتھ تہٕ چھےٚ سیٹھے مُشکل۔"

۲.۲ ز : کٲشرِ زبانٛۍ ہِندۍ یِم لوغت گریرسنٕس نظرِ گامٕتۍ چھِ تِمو منٛز چھُنہٕ یِمن ہِنٛزَن کوشِشَن ہُند ذکر کوٗرمُت :

سان "ایشاٹک سوسایٹی طرفہٕ" شایع سپز (۱۹۲۸ءہس منز)۔

۱۰. پرکاش رامُن رامایِن یُس دِواکر پرکاش بھٹ نہٕ ناوٕ زانٕہ آو تہٕ گریرسن نہٕ ترجمہٕ سان سوسایٹی طرفہٕ ۱۹۳۰ءہس منز کلکتہ پیٹھٕ ڈراو۔

۱۱. یہانے پرکاش یُتھ پیٹھٕ گریرسنن اکھ لسانی مطالعہٕ الگ پاٹھٕ تہٕ لیوٗکھ۔

۲۔۶ شِشتے: شخصی زاتی کارِ ہنز۔ گریرسنس حاصِل سپز تموٗ منز رٕوٗدی وارِیاہ بے ناوٕے۔ حالانکہ انگریزی جُملن کاشُر اوٗنس منز رٕوٗد کینژن ہُند سٕتھٕ اہم روٗل۔ (مینوٗل کِس پیش لفظس منز چھ یمن شہ زٕ کاشُر وُنی تھے کتھ کھوان چھُ) تاہم یموٗ اُمس وارِیاہ رٕنگیٗ مدد کوٗر تم چھٕ:

۱. مہامہو پادھیاے مُکند رام شاستری یِم سنسکرتکہٕ عالم اُسی تہٕ ملہٕ واکھ، شو پرنٕے، شری کرشنا وتار لیلا، رامہ چرت ہِون کاشرِن متنن یِمی گریرسنہٕ نہٕ باپتھ لفظ بہ لفظ سنسکرت ترجمہٕ تیار کٕری تہٕ اَمِہ علاوٕ ایشر کول "نہٕ کاشمیر شبدامرتم" ناوٕکہٕ گرامرکی زاوِ بچار فکرِ تارٕی۔ چنانچہ اَمِہ غرضہٕ نیوٗ سہٕ گریرسنن پٹنہ ناد دِتھ۔

۲۰. پنڈت گوبند کول یُس نوٗ طرزکہٕ تحقیق جان اَتھ وَتھ اُس تہٕ کیازِ سٹاین صاحبس سٕتی اُس اُمی سٕتھاہ کام

پرٛدن عہد نامہ۔

۲. داستان شیخ شبلی، یُس انڈین انٹی کویری بمبئی کِس ۱۸۷۲ کِس شمارس اندر درایہ۔

۳. محمود گامی ہنز یوٗسف زلیخا یوس برکھارڈن ZDMG کِس اندر (۱۸۹۵ تہٕ ۱۸۹۹) شایع کٔر۔

۴. نولزٕ ہنز کتابہٕ "A DICTIONARY OF KASHMIRI PROVERBS AND SAYINGS" اندر درج چھےٚ (۱۸۸۵ء)۔

۵. نولزٕ ہنز "KASHMIRI RIDDLES" کتابہٕ اندر درج پرٛژھ (۱۸۸۸ء)۔

۶. للہٕ واکھ یِم گریرسنن تہٕ ایل ڈی بارنٹن ترجمہ تہٕ شرح سان (۱۹۲۰ء) شایع کٔرِ۔

۷. حاتم تِلہٕ وانی ہنز وٕنہٕ مٕژ کتھ یِمہٕ گریرسنن تہٕ سٹاینن ترجمہ تہٕ دیباچہٕ سان (۱۹۲۳ء) لندنہٕ پیٹھ شایع کرٕ۔

۸. ہتھو پرٛنے ناو کرشن رازدان سُند شوگن یُس پنڈت مُکندرام شاستری ہنٛدِ مدتہٕ گریرسنن ترجمہ سان ۱۹۱۴ء پیٹھ ۱۹۲۴ء تام قسطوار چھپاونو۔

۹. شری کرشنا وتار لیلا یوسہٕ وشنہٕ کنٛہ صاحب کول نہٕ بدلہٕ دیناناتھن ظاہر کرنہٕ آیہ تہٕ گریرسن نہٕ انگریزی ترجمہ

۹۔ ماخذن ہنز مجموعی نشاندہی کرنہٕ پتہٕ چھُنا صلح دوُن
تراوِو تِہٕ تحقیقہٕ سرمایس تہٕ نظراہ یُس گریرسنن
کاشرِ زبانی متعلق وقتہٕ وقتہٕ اَہ بروہٕ نہٕ کنہٕ ترٛوو
یُتھ زن یِمن ماخذن ہندِ اثرگ پوٚت منظرِ نوٚن
گژھہٕ۔

۱۰۔ باسان چھُ زِ یِمَن دوٚہن گریرسنَن ہندکہٕ لسانی سروےہکہٕ
سنز کرنہٕ لجیوو تمنےٚ دوٚہن آیہٕ تس نِ اہم تصنیفہٕ اُتھ۔
اکھ ایشرکوٚلن "کاشمیر شبدامرتم" تہٕ دوٚیم برکھارڈ ہندی
لسانی مقالہٕ یِمَن اندر کاشرِ زبانی ہندِس فعلی، اسمی تہٕ
پوٚت لگی نظامس سام اَس ہیٚنہٕ آمٕژ۔ یِم دوشوے
وُچھتھ ہیوٚت گریرسنن کاشرِ زبانی ہندین زاوٕجارن
سنُنۍ۔ "کاشمیر شبدامرتم" اوس ایشرکوٚلن سنسکرتس
منز ہیم چندر ہندِ سوٚترٕ انداز یُو کھمُت یتھ اندر
پانٕنَن سندہ توضیحی اظہار ہیو وقتلیومُت اوس تہٕ
برکھارڈن اوس لاطینی گرامرکس شکنجس اندر کنہٕ وراٰیی
کاشرِ زبانی ہندی کیٚہہ موٚلہٕ اصوٚل نتہٕ کڈی ہتہٕ ۔
گریرسنس باسےیہٕ یِم دوشوے کوشِشہٕ ایچ وُرِتھ
لیچ تہٕ ڈیڈ ہندِ بو تمو گرامرو کھوتہٕ زوٚدار یِمن
لاطینی گرامرک ڈاڈٕ تصرف ہیوٚ گومُت اوس ۔

کرٕمژ۔ میںنول لیکھنس کوٚر اَدٕ تہٕ گریرسنس مَدد۔

۳. مس، ای جی ہل یوسہٕ وٚری بدیٖن سرینگر مشنری روزمژ
اَس تہٕ کاشُر بولنس منٛز طاق پسنٛد مژ اَس۔

۲.۷ بییٚن بییٚن تحقیق کارن ہُند تہٕ توٚز گریرسنس فاضل۔
خاص کرِتھ یِمن ہُند:

۱. میکس مؤلر سُند (۱۸۵۴): مُنڈا زبانٔی ہند اثرُک۔

۲. شمِٹ (۱۹۰۶) سُند : آسٹرو ایشاٹِک زبانٔی ہندِ
اثرُک۔

۳. ارسکِن بیری (۱۸۵۳) سُند: ہندوستانٔی زبانن ہنٛز
دُشاکھل ورگہ باگیہ ہند۔ یِمہٕ موجوب کاشر زبان
ہندی، بنگالی، گجراتی بیتر سنٛی زانہٕ آیہ۔

۴. بیمس (۱۸۶۷) سُند: ہند آریایی زبانن ہندِ تقابلی
مطالعُک۔

۵. ہارنلے (۱۸۸۰) سُند: گوڑی زبانن ہندِ تقابلی مطالعُک
(چنانچہ اَمس سِتۍ اَتھ واس کرِتھ لیچھ گریرسنن بہاری
زبانن ہنٛز تقابلی ڈکشنری تہٕ)۔

۶. سٹین کونو (۱۹۰۰-۳) سُند: یِمو پیشاچ تہٕ باشگلی
پیٹھ خاص لیوکھمُت اوس۔ (چنانچہ باشگلی پیٹھ لیکھ اَمِس
کونونس مقالس پیٹھ لیچھ گریرسنن
نوٹ یِم ۱۹۱۱ (۱۹۱۱) یس منٛز چھپیہ۔

۵. تہٕ (ZDMG ہس منز) دردی زبانن ہند تصور ہیوٚتُن وۄتلُن۔ چنانچہٕ ۱۹۰۱ ہس منز یێلہٕ "A MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" لیکھنہٕ بیوٚٹھ، کأشرِ زبأنۍ ہندی دردی انہار ژھارنۍ کل گنیس۔ مینول لیکھنک موٗلہٕ مقصد اوٚس کشیرِ ینہٕ والین وزیرن کأشُر ہیچھنس اَتھ وتھ انُن۔ اَما ۱۹۱۱ ہس منز مینول چھاپ کرناونہٕ درِ بیوٚس ظٲون زٕ وسطِ ایشیاہس اندر یِم پرأنۍ دستاویز تِمنے دوٚہن نٔو کڈنہٕ آمتۍ آسی، تِمن ہنزن زبانن فکرِ تاریخ کانہہ کُنر۔ اما میلہٕ پشاچی زبانن اندر یموٚ منز (گریرسنہٕ نہٕ وُنہٕ) کأشرس اَتھ ادبی زبان چھیٔہ۔

۶. مینول لیکھنہٕ پتے لیوٚکھ گریرسنن ۱۹۱۳ ہس منز پشاچی، پشاچ تہٕ جدید پشاچی عنوانہٕ ۲۷ ہن صفحن ہند مضموٗنا (ZDMG ہس منز)، یێمہٕ کِس بناہس پیٹھ ۱۹۱۵ ہس منز کأشرِ یُک لسأنۍ ورگُت سرکھر کٔرِتھ دردی بوٗدُن تہٕ اُمی غرضہٕ لیوٚکھن XLIV ہس منز تہٕ پنٕژنِ ۲۲ صفحن ہُند مضموٗنا۔

۷. ہُپأرۍ اوس وینا اورینٹل کانگریس (۱۸۸۶) کہ قرارداد موٗجوٗب ہندگ لسأنۍ سروے چلان تہٕ یپأری ہیٚتھ گریرسنن ایشرکول ہس موٗلہٕ موادس پیٹھ کأشر ڈکشنری تیار کرہٕنۍ۔ اَتھ لگی شراہ وٕری (۱۹۱۶ پیٹھ ۱۹۳۲ تام)

چنانچہ گریرسن کوٚر برکھارڈٹن مقالن انگریزی ترجمہ یم "ESSAYS ON A KASHMIRI GRAMMAR" ناوٕ بمبیہ ہندس اندر ۱۸۹۵ ہس پیٹھ ۱۹۰۰ تام نیران روٗدی تہٕ پتہٕ الگ کتابی صوٗرژ منز تہٕ چھاپ

۲. پیدی۔ پتی لیوکھن ۱۸۹۶ ہس منز کاشر زبانہٕ ہندس واولہٕ نظامس پیٹھ تہٕ مضموٗنا یتھ اندر الیشر کولنہٕ لسانی طریقہٕ کارٕچ وضاحت کرٕن۔ ماترا واول چھ اکھے دیت۔ یُس ووٗنی غارٕ ضروٗری باسان چھُ۔

۳. اَتھی دورانس کوٚرن "کاشمیر شبدامرتم" اضافہٕ سان دوٚن جلدن منز ایڈِٹ۔ (۱۸۹۷ تہٕ ۱۸۹۸ ہس منز)۔ اکھ موٗلی اضافہٕ کوٚرتس زِ ۹۴۵ ہن کاشرٕ ن کریہٕ موٗلن (بعنہٕ ریڈکلن) ہند فہرس دِتن اَندی آواز مطابق ترتیب۔ یعنہٕ: کھ، چھ، ز، ژ، یہ، تہٕ، ہر وغارٕ۔ دوٚیم کوٚرتس سوٚترن ہند ترتیب وار فہرس تہٕ شامل تہٕ تریم زِ گرامرس اندر مثالو زنگی آمتی لفظ تہٕ جملہٕ کرٕن ترتیب وار پیش۔

۴. ۱۹۰۰ ہس اَندی پکھی ہیو لوگ گریرسن ہندکہٕ شمال مغربی سرحہٕ اپارٕچن زبانن سام ہیتھ۔ چنانچہٕ ۱۸۹۸ ہس منز لیوکھن سوٗاتچن کینشن زبانن پیٹھ (۱۸ اس منز)۔ ۱۸۹۹ ہس منز لیوکھن پستاے لغمانی تہٕ دیہانی زبانن پیٹھ۔

1. It is probable that in Dardic languages distinction between dental and cerebral mutes is not as sharp as in India proper. (P. 63).

2. In Kashmiri and probably in all the Dardic languages, the following pairs of vowels are commonly confused : i, e, ī, ē, u, o, ü, ë (P. 62).

3. All the Dardic languages probably possess a-mātrā, but only in Kashmiri do we find positive information about it. (P. 109).

تہٕ کرِتھ محض لفظن ہندِس آواز۔ ہشرس پیٹھ زور دِتھ
جملہٕ گرتن اندر لفظن ہندین رشتہٕ گنڈن ہند ہشر دأی راوتہٕ
رۆس ہیکیا امہِ قسمچ کانہہ ورگہٕ باوتھ لیکھنہٕ۔ (CLASSIFI-
CATION) کرنہٕ یتھ؟ خاص کرِتھ کریہٕ لفظن تہٕ ضمیر
لفظن ہندِس گرتہٕ نظامس اندر۔ کأشر زبأنی ہندین
دردی رشتن پیٹھ پزنہٕ پیٹھ اصرار چھُ گریرسن نہٕ خود
اعتمأدی ہُند کوس ہیو باسان۔ خأر توتہٕ پتہٕ مانُن۔

تہٕ ژوٗن جلدن منز پیپرز پہ شایع۔

٨٠. اُتھی دورانس منز ییٚلہٕ گریرسن ژرٕہی تہٕ توروالی زبانن پیٹھ تہٕ۔ یِمہٕ ستۍ دردی زبانن پیٹھ بیٚیہ تہٕ گاش ترٛووُن۔ اما پَنٕنین تحقیقی مقالَن منز دردی رشتن ہندِس اِمکانس پیٹھ برابر زور دِوان رُوزِتھ تہٕ ہیوٚک نہٕ گریرسن کٲشرِ زبانۍ ہندی ژتھی دردی انہار بَدٕ کڑِتھ ییٚمہٕ کِنہ بُنیاز پیٹھ اَتھ شیقہٕ پاٹھۍ دردی زبان وَنِتھ ہیٚکہِ۔

١٠٤ کٲشرِ زبانۍ پیٹھ دردی اثر آسُن گیہٕ اکھ کتھ تہٕ کٲشرِچ بُنیاد دردی مانٛز گیہٕ بیاکھ کتھا یوسہٕ تہٕ تمہٕ مواد تہٕ سرکھہٕ پیٚدِتھ ہیکان چھیہٕ یُس مواد گریرسن میٛنولس منز تہٕ LSI کِس دردی زبانن ہندِس جلدس اندر ہیٚش کوٗرمُت چھُ۔ چنانچہ اُتھی کہُن کہُن کران چھُ سُہ ١٩٣١ پیٹھ ١٩٣٣ تام ١٨ ہندِین ترٛین شمارن منز چھپیمتین مقالن اندر تہٕ اَمہٕ بھتوری ہنز بُنیاد کھوکھرے تھوان۔ پوٚز گوو زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ وِز PROBABLY لفظ ورتاوِتھ اَتھ کتھہٕ شکس حلقس اندر باوُتھ کران، اَمہٕ حلقہٕ نبرٕ تہٕ کینہہٕ مثلن نی توٚہیم ہوی بیان:۔

تمو منز دوپ کینٛشی ہوی مالِس کۄ     تمو اندر دوپ لوکٹ ہوی مالِس

ہے مالہٕ، میٖہ دِ دنگ حصہٕ یُس میٖہ     اٰے مالہٕ مالکُ حصہٕ یہٕ میٖہ واتہٕ

واتہٕ۔ تۄ یِتہٕ تمی تہند خاطرٕ دِنہٕ باگرودن۔     تہٕ دِ میٖہ تہٕ تمی دیُت تمن مال باگرِتھ۔

سوٗنچِو کتھ چھیٖہ زِ کیا شخص، لوکٹ، مال، مہنیوٗ، کوٗنس یہٕ
دِنہٕ لفظن ہُند ورتاو چھُنا کٲشرن ہُند مشترکہ ورتاو۔ یمن کُنہٕ اکِس
فرقس ستۍ وابستہ کرُن چھا مناسب یا معقوٗل؟ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ
ہیکوٗ وَنِتھ زِ یِم چھِ ورتاوکۍ تِتھۍ انداز زِ کانہہ اکھ مذہب یا فرقہٕ
ہیکہٕ نہٕ یمن پننے یوت وَنِتھ۔

موختصر زِ گریرسن نہٕ لسانی سوٗنچُک زُودار میراث شیر
لاگِتھ تہٕ پزِ اسہٕ امہِ سوٗنچہٕ چین کینژن کمزور پیہٕ داون ہنز
نشاندہی کرٕنۍ تہٕ مفروضہٕ کِس کُنہِ پیٹھ کانہہ رنگہٕ لُر استاد کرنہٕ
بجایہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہنزن مولہٕ موٗلن تہٕ سرسام ہینٛنۍ۔ جلدباز تحقیق
کارن واتہٕ نہٕ اتھ کِھلہِ کٲشرِ زبٲنۍ ویدِچہٕ زبٲنۍ ہش یا عبرانی زبٲنۍ
ہش پرٲنۍ وَنِتھ تواریخی عملہٕ چین حقیقژن نہ ہوتہٕ کلہٕ دِین بلکہ
لگہٕ ہار موادس موروٗضی نظر تراوِتھ کٲشرِ زبٲنۍ ہندِس تواریخی
ارتقاہس پیٹھ تحقیقُک گاش تراوُن تہٕ امہِ زبٲنۍ ہنز صحیح
منگ پرزناوِتھ اتھ برونہہ برونہہ پکنہٕ دنگ پائے کرُن۔
یوٗہے گوو گریرسنس سارِوے کھوتہٕ شوٗبہٕ دار باج۔

زِ گریرَسٕنُن گرامری نظام چھُ کاشُر لسانیتچ اکھ اہم میلہٕ کٕنۍ یِمہٕ برونٹھہٕ یکنہٕ رُوس اَکھ موضوٗعس پیٹھ بامقصد قلم تُلن وونۍ مُمکنے چھُنہٕ۔

۲.۴ بیاکھ پھِہہ چھُ گریرَسٕنس پیوٚمُت یِمہٕ نِشہٕ باخبر روزنُک ضرورتھ چھُ، سُہ گوو کاشُر زبانۍ ہندوٗ کٔشیری تہٕ مُسلمان کٔشیری لیبلہٕ چپان کرِتھ دُشاکھل وٚننُ۔ ڈلوٗز گریرَسٕن کیا چھیٚہ زانِتھ مانِتھ اَمہٕ قسمچ حرکت کرمٕژ، تہٕ نہٕ۔ تُہُند کردار اوس پیٹھاہ ٹھوٚد تہٕ شوٚد، اما اَتھ کیا کرِو زِ کینہہ تصور چھِ ہنگہٕ منگہٕ الِنہٕ تہٕ وُلِنہٕ یِوان۔ سُہ گوو ہندوستانۍ زبانۍ ہُند ہندی تہٕ اُردوٗ دوٚن رنگن منز ظاہر سپدُن۔ یوٚہے رنگہٕ پھیُر چھُ گریرَسٕن کاشرِس اندر تہٕ بےٚ شوٗتکۍ پائٹھۍ وُچھنہٕ لگان تہٕ خبر کیا برابری چھُس یِوان رٕتمو دوٚیوٚ بیپرالوٚ سٕتۍ یِم PRODIGAL SON کِتھ ہندِ کاشر ترجمکۍ لَس برونٹھہٕ کُن واتۍ۔ کرِو تۄ یِمن تِہِنزِ تہٕ نظرا تہٕ پائنۍ سوٚنچ تۄ زِ یِمن ہندوٗ کٔشیری تہٕ مسلمان کٔشیری لیبل دِنۍ کوتاہ مناسب چھُ؛ کینہہ جُملے نِی تۄ گوڈنکۍ:

| MUSLIM DIALECT | HINDU DIALECT |
| --- | --- |
| اَکِس شخصَس آسۍ زٕ نیچوٚی۔ | اَکِس مہنوِس آسۍ زٕ نیچوٚی۔ |

ڈاکٹر ایس این گول

# لوغت سازی ہندی اصوٗل تہٕ

# گریرسن سنٛز کاشر انگریزی ڈِکشنری

لِسانیاتُک مدعا معنے تہٕ مقصد نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ امیُک مٲدان عام پأٹھۍ ترٛیَن حصن منٛز تقسیم کرنہٕ یوان۔ توضیحی لِسانیات ( DESCRIPTIVE LINGUISTICS ) تواریخی لِسانیات ( HISTORICAL LINGUISTICS ) تہٕ تقابلی لِسانیات ( COMPARATIVE LINGUISTICS )۔ لِسانیاتَس منٛز چھِ ہم وۄنۍ پرانۍ ناو بنیمتۍ۔ وقت بدلنَس ستۍ ستۍ چھُ امِہ منٛز نٔوۍ نٔوۍ مٲدانٕو واش کوٚرمُت تہٕ وۄہِکُو نۄو بمُت۔ یمَو منٛز چھِ عملی لِسانیات ( APPLIED LINGUISTICS ) تہٕ

زبان کھوٚژ زد گژھان تہٕ کٔتھ باتھ کرنہٕ وِزِ اِنسانس دٕپہٕ کھرٕ لگان
لُغت سازی ہُند تعلُق چھُ زبانٕہ ہندس اُتھی لفظی سرمایس سٟتؠ۔ وٕنٛی
پاٹھؠ وَنوٚ زِ ڈِکشنری چھےٚ لفظن ہنز ترتیب وار سوٚمبرن۔ یِہنز
وضاحتہٕ چھےٚ اکھ منز الگ الگ طریقو کرنہٕ یوان۔ ڈِکشنری ہُند
پریچھ کانہہ لفظ گژھِ اکہِ زبانٕہ ہُند اصلی تہٕ صحیح (AUTHENTIC)
لفظ آسُن تہٕ لفظن ہُند معنے مطلب گژھِ صاف، صحیح تہٕ ٹھیکھ
(EXACT, ACCURATE AND DEFINITE) آسُن۔ دراصل کُنہٕ لفظُک
معنے مطلب سمجاوُن چھُ برٛونہہ مُشکل آسان۔ مآنی توٚ اَسہِ چھُ لفظ
پٔناہ، اَمیُک معنے مفہوم تہِ چھِ زانان، مگر یٚیلہِ اَسہِ اَمہِ لفظچ
وَکھنے پیوان چھےٚ کرٕنی اَسہِ چھےٚ زبان زَن تہٕ کلان۔ اَتھ چھُ
وَجہ۔ لفظن چھُنہٕ صحیح بدل آسان۔ یِم بدل آسان تہٕ چھس تِمن
چھےٚ پانہٕ وانٕی کانہہ نتہٕ کانہہ فرق ضرُور آسان۔ مثالہِ پاٹھؠ ہرگاہ
کانٔسہِ پرژھو زِ کتاب کیاہ گیہِ تہٕ سُہ وَنہِ "کتاب گیہِ سوہ
یوسہ پرٕنہٕ پیہِ" ہیکہٕ کتابہِ ہُند صحیح مطلب اَستھ۔ اگر اَسی
کتاب پرِتھ چھِن ہیکان، اَسی چھِ اخبار 'رِسالہٕ' ساین بورڈ وغارٕ
تہٕ ہیکان پرِتھ۔ تِمیُک مطلب گو یِم ساری ین کتابہِ ہندس
زمرس منز شُمار کرنہٕ مگر تہٕ چھُنہٕ مُمکن۔ وَنُن چھُ یہِ زِ لفظُک
معنے مطلب گژھ موٗل لفظچ صحیح صحیح ترجمانی کرُن۔

یوٚہے وَجہ چھُ زِ ڈِکشنری بناونچ کام چھےٚ سٹھاہ

تخالفی لِسانیاتکۍ ( CONTRASTIVE LINGUISTICS ) ناو
قٲبلِ ذِکر۔ توضیحی لِسانیات، تقابلی لِسانیات تہٕ توٲریخی لِسانیاتس
مُتعلق چھُ یہ یوان وَننہٕ زِ یمو ہتی چھُ زبانٕ ہندین الگ الگ
نہجن تہٕ اَمہِ کِین اصولن ہُند مطالعہ کرنُک موقعہ میلان مگر یہ
مطالعہ چھُ غٲر عملی، تہٕ کیازِ اَمہِ ستۍ چھُنہٕ عام لوکَن کانہہ خاص فایدٕ
واتان۔ مگر تخالفی لِسانیات تہٕ عملی لِسانیات چھِ لِسٲنی اصولن
ہنز وضاحت کرنس ہتی ستۍ زبان دٲنی ہندِس وَرتاوس تہٕ
دوٚیمِس کتھن پیٹھ زور دِوان۔ مثالہِ پاٹھۍ وَرتاوُک مطلب
گوو لِسٲنی اصولو ستۍ زبان دٲنی ہُند سبق سہل، صحیح تہٕ موثر
بناوُن، زبان یا زبان ہتہٕ پاٹھۍ ہیچھناونی زِ کَم کھوتہٕ کَم رُکاوٹہٕ
( LANGUAGE INTERFERENCE ) ین بُتھِ۔ عملی لِسانیاتس
منز یم خاص موضوع یوان چھِ تِم گیہِ اسلوبیات (STYLISTICS)
شارٹ ہینڈ تہٕ ٹایپ، لغت سازی وغٲرہ۔

انگریزی پاٹھۍ چھُ اکھ لفظ ( LEXICOLOGY ) ییمیک
موٗل چھُ LEXICON ۔ ایمُک ڈِکشنری معنے چھُ لفظن ہنز
دولتھ۔ زبانٕ چھِ ویٹھی پاٹھۍ زِ پہلوٗ آسان، اکھ گوو ایمُک
لفظن ہُند سرمایہ تہٕ دوٚیم ایمُک گرامر۔ زبان وَرتاوس منز
اَنہٕ خاطرٕ چھُ یہ ضروری زِ اَسہِ گژھِ یمَن دوشوٚنی پہلوٗن پیٹھ اختیار
آسُن۔ ہرگاہ یمو منز اَسہِ اکہِ چیزس کمی آسہ تیلہِ چھیہٕ سانٕ

سائنس ہُکس منز چھیہٕ ڈکشنری بناونچ تواریخ کافی پرأنۍ۔
سنسکرت زبأنۍ منز لیکھمتی 'نگھنٹو' چھ دُنیہکۍ سارِوے کھوتہٕ پرأنۍ
کوشِش یوان تصوُر کرنہٕ۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ اَکہ مہرشی
یاسک سُند کوشن 'نِرُکت' ڈسیاب سپدمُت۔ یتھ پأٹھۍ
چھُ 'نِرُکت' کوشن ہُند سارِوے کھوتہٕ پرُدن نومُونہٕ۔ پانِنی
سُند گرامر "اشٹا دھیایی" چھُ ڈکشنری ہُند اکھ بہترین نومُونہٕ۔
امر سنگُن "امر کوشن" چھُ سنسکرت زبأنۍ ہُند مشہور تہٕ
بہترین لُغت۔ یمن کوشن ہنز بڑ کمزوری چھیہٕ یہٕ زِ یمن
چھنہٕ اچھُر ترتیب۔

لُغت سازی ہندۍ اصوُل چھِ مکمل پأٹھۍ صاف تہٕ
صحیح۔ یہنز ورژھنے چھیہٕ LEXICOLOGY منز یوان کرنہٕ۔
دوٚیمہ طرفہٕ چھیہٕ ڈکشنری بناونۍ اکھ ہونر۔ اوصُولس تہٕ
آرٹس ہیکو اَسۍ یتھہ پأٹھۍ پھُٹ کٔڈِتھ۔ مأزِ تو اَسہ چھیہٕ چاے
بناونۍ۔ امہِ خاطرٕ گژھہِ اَسہ بسٹوو، بانہٕ، پونۍ، چاے، دود
وغارٕ آسُن۔ یہٕ چاے بنیا خراب کہنہٕ جان اَمیک دارمدار
چھُ چاے بناوَن والی ہندس آرٹس پیٹھ۔

لُغت سازی تہٕ لسانیاتس الگ الگ ضبطن چھُ
پانہٕ وانۍ قریبی رِشتہٕ۔ مثالہٕ پأٹھۍ ہنو فونیمیات (PHONEMICS)
تہٕ لُغت سازی۔ فونیمیاتس منز چھُ اَسہ زبأنۍ ہندین فونیمن الگ

مُشکِل تہٕ کھُری دار مانٛنہٕ پوان۔ ڈاکٹر ایس۔ جانسن چھُ وَنان زِ
یہٕ چھےٚ سیٹھاہ بےٚ زُربر مِحنتھ تہٕ مشقتھ کامُ[1]۔ اکھ مشہوٗر لغت ساز
زگُتا چھُ وَنان زِ ڈِکشنری ہنز کامُ چھےٚ لِسانی سرگرمی ہنز سیٹھاہ
مُشکِل کامُ چھُ[2]۔

جے۔ جے سکےلِجر چھُ وَنان زِ بدترین مُجرِمَن گژھِہٕ نہٕ موٗنگ
یا سخت جسمانی سزایہٕ دِنہٕ، تِمَن گژھِہ ڈِکشنری بناونٕچ کامُ ہیٚنہٕ،
تہٕ کیازِ اتھ منز چھِ پرتھ کُنہٕ قسمُک عذاب تہٕ تکلیف شامِل[3]۔

ط (IT IS) "A HARMLESS DRUDGE."

—— KATRE, S.M. : LEXICOGRAPHY ; PAGE 1.

2ر "THERE CAN BE NO DOUBT THAT LEXICOGRAPHY IS A VERY DIFFICULT SPHERE OF LINGUISTIC ACTIVITY."

— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY. PAGE 15.

3ر "...... THE MOST COLOURFUL OF THESE OPINIONS BASED ON A LEXICOGRAPHER'S LONG EXPERIENCE IS THAT OF J.J. SCALIGER (16TH — 17TH. CENT.) WHO SAYS IN FINE LATIN VERSES THAT THE WORST CRIMINALS SHOULD NEITHER BE EXECUTED NOR SENTENCED TO FORCED LABOUR, BUT SHOULD BE CONDEMNED TO COMPILE DICTIONARIES, BECAUSE ALL THE TORTURES ARE INCLUDED IN THIS BOOK."

—— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY, P. 15.

لیکھنہٕ آمُت :- I'SVARA KAULA

I (اِی) ، S' (ش)

| | |
|---|---|
| مہامہو پادھیاے | MAHĀMŌPĀDYĀYĀ |
| مُکند رام شاستری۔ | MUKUNDRAM S'ASTRI |
| بُرزوٗل | BURZULᵘ |
| گوٗنٕ | GŌNⁿ |
| گوٚپھ | GOPH |

ڈِکشنری ہندِس دِیباچس منز چھُ ڈاکٹر گریرسن صحیح لیوٗکھمُت زِ کاشرِس منز چھِنہٕ گھ (GH) جھ (JH) ڈھ (DH) دھ (DH) بھ (BH) ہِوی فونیم ۱؎

اَمہِ کتھِ ستۍ چھُ یی ثابت سپدان زِ کاشُر انگریزی ڈِکشنری تیار کرنہٕ وقتہٕ اُس گریرسن ہنز فونِمی نظر وارہیٚہ ہُدس تام صحیح۔ مگر اَمہِ گرِشہِ پٮ٘ٹھ مُشتہ گژھن زِ کاشُر زبان اُس تہندِ خاطرٕ اکھ بیروٗنی زبان تہٕ شاید آسہِہن نہٕ تِم پانہٕ کاشُر بوٗلِتھ ہیکان۔ اَمہِ کنۍ چھِنہٕ تِم کاشرِ دواوہِ جان پاٹھۍ بدٕ ہیٚکِہِہتی کڈِتھ تہٕ تِمو چھیہٕ ڈِکشنری ہنز اچھر ترتیب تہٕ انگریزِ

۱؎ KASHMIRI HAS NO THESE CONSONANTS gh(घ) jh(झ) ढ(dh) - ध(dh), bh(भ) THE ONLY CONSONANTS WHICH IT POSSESSES THAT ARE STRANGE TO NAGRI SCRIPT ARE THE FRICATIVES च(TSA) - छ(TSHA) ज(za)

[ڈاکٹر گریرسن ہند ڈِکشنری ہندِس دیباچس منز درج]

الگ مرتبو کنہٕ نظر تراوان۔ فونیم کیاہ گوو، اکھ فونیم کتھ پاٹھۍ چھُ دوٚیمِس
فونیمس نِشہٕ بیوٚن تہٕ بدٕلن تہٕ تمن کوتاہ صوتی رِشتہٕ چھُ، فونیم تہٕ
ذیلی فونیم ( ALLOPHONE ) کیاہ گوو؟ وغارٕ —— فونیمیاتس منز
چھہٕ اَکھ یتھیٚے موضوعن دل دِوان۔ فونیم چھُ زبانۍ ہند بُنیادی
تہٕ ناقابلِ تقسیم جُز۔ فونیمچہ باریکی سمجھنہٕ ورٲے چھیہٕ کُنہٕ زبانۍ ہنز
ڈِکشنری بناوٕنۍ ناممکن۔ اَمہِ کتھہِ ہنز ترجمانی چھیہٕ گریرسن سٕنز
"کاشُر انگریزی ڈِکشنری" جان پاٹھۍ کران۔ ڈاکٹر صابن چھیہٕ
یہ ڈِکشنری ژٕ ون جِلدن منز تقسیم کٔرمٕژ۔ تمو چھیہٕ بڑ محنت
کٔرتھ کاشرِ سورن تہٕ کانسونن ( CONSONANTS ) ہنز
صوتیاتی زان کرناونچ بڑ کوشش کٔرمٕژ۔ یہ چھُ صحیح زِ ڈاکٹر گریرسن
اُس کُنہِ زبانۍ ہنز بدٕ کٔڈنس منز ماہر۔ تمو تہٕ چھہٕ کاشرِ زبانۍ
ہندی فونیم بدٕ کڈنس منز کافی محنت کٔرمٕژ تہٕ ہیٚنز رٕنز کافی
احتیاط تہٕ کوٗرمٕژ۔ یہ کام باعمل اَنہٕ خاطرٕ چھُ تمو مُکند رام
شاستری سُند یوٚت بہٕ تیوٚت مدد طلب کوٚرمٕژ۔ کاشرِ
زبانۍ ہندی فونیم رومن رسم الخط منز لیکھنس منز چھہ تم کافی
محتاط روٗدی متیٚ تاکہ کاشُر لفظ گوژھہ پنٕنس اصلی رُپس منز برونٹھہ کُنہٕ
یُن۔ کتھہِ ہند واتش ہیٚکہِ ڈکشنری ہندیو یمو مثالو ستیٚ نیر بتھ:۔

لفظ

الشُورکول —— ڈِکشنری منز چھُ یہ لفظ رومنس منز یتھہ پاٹھۍ

چھُ یمو اَتھ تحت اُمہِ کین الگ الگ رٕپن ہُند اندراج (ENTRY)
کورمُت ۔ ڈِکشنری ہنز اکھ مِثال چھیہٕ یِتھ پاٹھۍ :-

APUR OR A BUR – (8)

CLOUDS OVERCASTING THE SKY . मस्यर

– गाशा – GATA ( گٕٹہٕ ) – MOND (موٚنڈ)

– ह्वय (8) – जाल – तल्ल

لِسانیاتُک بیاکھ اکھ ضبط چھُ – SYNTAX

ویسے چھہِ ڈِکشنری منز عام پاٹھۍ لفظن جاے یِوان دِنہٕ مگر
بعضے چھُ یہ پیدان زِ لفظُک معنے مطلب یا مفہوم چھُنہٕ لفظو
سۍتۍ سمجاوُن مُمکِن آسان ۔ یِمن حالاتن منز چھُ جُملس یا جُملن پیٹھ
تکیہٕ پیوان کرُن ۔ مِثالہِ پاٹھۍ رٹون اکھ لفظ "میلُن" ۔ نیٖلہِ یہ اُسی
دلوہارس منز اَنان چھِن اَتھ چھہِ الگ الگ (SEMANTIC
SHADES) نظرِ گژھان ۔ یمہِ ژھایہ زانُنہٕ خاطرِ چھُ ضرورت
زِ اُسی کڈو کتھہِ ہنز پھٹ یموٚ مِثالو سۍتۍ :-

(۱) میہٕ میوٚل دوست وتہٕ پیٹھ ۔ (یہ گو واتفاقہٕ سان میلُن)

(۲) بہٕ گوس دوستس میلنہٕ ۔ (یہ گو پروگرام بناوِتھ میلُن)

(۳) میہٕ میلہِ اَز انعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصِل کرُن)

(۴) میہٕ میوٚل انعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصِل کرُن)

یتھےٚ پاٹھۍ ہیکون اُسی اِڈبر ہنزٕ لفظ وُچھتھ :-

ڈِکشنری ہندِس طرزس پیٹھ دِژمِژ۔ انفی ( NASAL ) آوازن ہنز فرق
تہٕ چھیٛنہٕ رومن رسم الخطس منز یم نشانہٕ چھ آہتی دِنہٕ تمہٕ سِتی چھیٛہ پرنس
منز بڑٕ دُشواری گژھان۔

لِسانیاتُک بیاکھ اکھ ضبط چھُ مارفالوجی ۔ اَتھ منز چھِ
اُسی لفظن ہنز بناوٹھ وُچھان ۔ لفظُک مول کیاہ چھُ ، اَتھ کُس پابند
رِپٕ یا پوٗت لوٗگ یا بروٗنہہ لوٗگ آوتہٕ اَمہٕ کنہٕ اَتھ کمہٕ مارفوفونیمی
MORPHOPHENEMIC تبدیٖلیہ سپز سماس ، سندھی تہٕ مارفوفونیمی
تبدیٖلی کیاہ فرق چھیٛہ وغاٖرٕ ۔ یِمہٕ کتھ چھیٛہ مارفالوجی منز دِبژھناونہٕ
یوان ۔ یِلہٕ رِپ ( MORPH ) ورتاوس منز یوان چھُ اَتھ سِتی
پابند رِپ ( BOUND MORPHEME ) لگنہٕ کنہٕ چھیٛہ اَتھ وارِیاہ
تبدیٖلی گژھان تہٕ کانٛی ذیلی مارفیم ( ALLOMORPH ) بنان ۔
ڈِکشنری ساز ہنز کام چھیٛہ زبانٛہ ہندی موٗل رِپ بدٕ کڈنہٕ تہٕ
تِمکہ ییتی ذیلی رِپ آسن تِم بدٕ کڈِتھ تِمن ڈِکشنری منز جاے
دِنہٕ ۔ کاشُر زبانٛہ منز یہٕ کرُن چھُ سیٹھاہ مُشکِل ، تہٕ کیازِ مارفوفونیمی
تبدیٖلیو کنہٕ چھِ اَمکی لفظ رِپ بڑٕ پیچیدٕ گژھان ۔ مثالہٕ پاٹھی "ابلوئِ"
"کرناوُن" " گژھوِنہٕ " وغاٖرٕ ہوٗن لفظٕ رِپن ہنز پرٛکرِتھ
( NATURE OF THE WORD ) بدٕ کڈنس منز چھیٛہ مُشکلہٕ دَرپیش
یوان ۔ یہٕ چھیٛہ بڑٕ خرچ کتھ زٕ گرٕیرِسن چھیٛہ یہٕ کام حتی الامکان ،
بڑٕ ایمانداری تہٕ محنتہٕ سان انجام دِژمِژ ۔ مارفیم بدٕ کڈِتھ

ستہِ پۄرٕ۔

موٗخصر پٲٹھۍ دٕنوٚ زِ لُغت سٲزی چھےٚ سیٹھاہ مُشکل تہٕ ذمہٕ وٲری ہنٛز کٲم۔ یہِ کٲم کرنہٕ خٲطرٕ گژھہِ لُغت سازس زبٲنۍ ہیٛتھ کٲفی عبوٗر آسُن تہٕ تمۍ ہنٛز لسانیٲتی نظر گژھہِ برٛونٛہہ آسنۍ۔ یتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ ڈاکٹر گریرسن آسۍ لسانیاتکۍ اکھ بُڈۍ مٲہر۔ تہنٛزِ کٲشرٕ انگریزی ڈِکشنری چھےٚ اَمہِ کتھِ ہُند ٹاکارٕ ثبوٗت۔ یہِ ڈِکشنری چھےٚ اکِہ حسابہٕ ترٛیٛن زبانَن ہیٛتھ کھڑا، تہٕ کیازِ اَتھ منٛز چھہِ کٲشرِ لفظن ہندۍ بدل انگریزی علاوٕ سنسکرتس منٛز تہٕ دِنہٕ آمتۍ۔ لفظن ستۍ چھنٛک اِشارٕ کرنا دِنہٕ کنۍ چھےٚ اَمہِ ڈِکشنری ہنٛز اہمیت تہٕ اِفٲدیت زیادَے ہیوٚن، تہٕ کیازِ کٲشرٕ سمجنٛس منٛز چھُ لفظن ہُند چنٛس اکھ خاص ٹھوٚز پٲدٕ کران۔ ینٛہو کمزوٗریو باوجوٗد چھےٚ یہِ ڈِکشنری کٲشرِس لسانیاتس منٛز اکِہ میلہٕ کنہٕ ہنٛز اہمیت تھوان۔ مگر تہٕ کرٕتھ تہٕ اَزۍکیو لسٲنی تقاضو مُطٲبق چھُ یہِ ضروٗری باسان زِ کٲشرِس منٛز گژھہِ نوٚ سرٕ ڈِکشنری تیار ینۍ کرنہٕ۔

---

یَتھ مقالس منٛز یِم تکنیکی لفظ ورتاوس منٛز چھہِ اَنہٕ آمٕتۍ تِہُند فہرست چھُ یتھ پٲٹھۍ:۔

(۱) اسمان چھُ اڈبرِ ستۍ وُلِتھ ۔ (اڈبر)

(۲) اسمانک اڈبرُ چھُنہٕ صاف ۔ (موسم)

(۳) ییٚمہٕ چھُ اڈبرُ، پتہٕ پیٚہن دہلہٕ ۔ (محاورٕ)

یہ کتھ وَنٕنۍ چھیہٕ ضروری زِ ڈاکٹر گریرسن چھُنہٕ یِم (SEMANTIC SHADES) جملو ستۍ وۄشھناومٕژ ۔ مگر دوٚیمہ طرفہٕ چھُ یہ تہٕ پوٚزٕ زِ تمو چھیہٕ ییٚمہٕ خاطرٕ پرٕ ہیتھ ممکن کوشش کرمٕژ زِ لفظکُ معنی گوٚژھ صاف، صحیح تہٕ وِیوٚد آسُن ۔

ڈِکشنری سازٕ سنٕز کام چھیہٕ دراصل معنے مطلب سمجاوُن آسان ۔ لفظکُ معنے چھُ وقت بدلنٕس ستۍ ستۍ واش کڈان یا گٹان تہٕ ۔ خوجہ صاب، حاکم دولت خانہٕ، غریب خانہٕ، گاوموج لیڈر، ژھٹھ تہٕ بیتھی واریاہ لفظ چھِ یِم بُنیادی معنے لیٚس ستۍ ستۍ وارِہن معنے ین کُن اشارٕ کران چھِ ۔ یِتھے پاٹھۍ چھِ "کنڈکٹر" (CONDUCTOR) "گرُدوارٕ" ہوی لفظ الگ معنے مطلب دِوان ۔ ڈِکشنری سازس گژھِ ستۍ ستۍ پابند رٕیُن ہنٕز خاص پہچان تہٕ پاٚرۍ زان آسنۍ ییٚمکہ مدتہٕ ستۍ چھُ سُہ لفظن ہند مطلب وَنٕنس تہٕ پیٚہنٕز درگہ باگنۍ کرنس منٕز کامیاب سپدان ۔ یہ چھُ صحیح زِ گریرسن ہندِ خاطرٕ آس کاشُر زبان اَکھ NON-NATIVE زبان تمہِ کِنۍ آس نہٕ تمن اَمہِ زبانۍ ہنٕز خاص تمدنی واقفیت مگر یہ کٔمۍ کٔر تمو پنڈت ایشور کولنہٕ تہٕ مکندرام شاستری ہندِ مدتہٕ

M

13, MORPH — لفظہ رپ

14, MORPHEME — مؤل رپ

15, MORPHOPHONEMIC — مارفو فونیمی

N

16, NASAL — انفی

17, NATURE OF THE WORD — لفظہ پز کرتھ

P

18, PHONEME — فونیم

19, PHONEMICS — فونیمیات

20, PHONETICS — صوتیات

S

21, SYNONYM. — بدل

## کتابن ہند حوالہ


1, GRIERSON, G.A. (Dr.) : KASHMIRI - ENGLISH DICTIONARY (VOL. I. II, III AND IV)

2, KATRE, S.M (DR.) : LEXICOGRAPHY; ANNAMALAI UNIVERSITY, MADRAS (1965)

3, KAUL, S.N. (DR.) : KASHMIRI TATHA HINDI KE

| کأشُر بدل | انگریزی لفظ |
| --- | --- |
| | A |
| ذیلی فونیم | 1, ALLOPHONE |
| عملی لسانیات | 2, APPLIED LINGUISTICS |
| | B |
| پابند رُپ | 3, BOUND MORPHEME |
| | C |
| تقابلی لسانیات | 4, COMPARATIVE LINGUISTICS |
| کانسونَنٹ | 5, CONSONANT |
| تخالفی لسانیات | 6, CONTRASTIVE LINGUISTICS |
| | D |
| توضیحی لسانیات | 7, DESCRIPTIVE LINGUISTICS |
| | E |
| اندراج | 8, ENTRY |
| | H |
| توأریخی لسانیات | 9, HISTORICAL LINGUISTICS |
| | L |
| زبأنی ہُند دخل | 10, LANGUAGE INTERFERENCE |
| زبان دأنی | 11, LANGUAGE TEACHING |
| لُغت سازی | 12, LEXICOGRAPHY |

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

# کٲشر زبٲنۍ ہندبن بُنیادۍ مُصوتن ہنز نشاندہی

# تہٕ

# گریرسن

لسانیٲتی اعتبارٕ چھُ کٲشر زبٲنۍ پیٹھ تحقیقی کامہٕ یوٗرپی سکالرو دس تُلمُت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ پھانپھلوومُت۔ تمہٕ مُلکی عالمو منز چھیہٕ گریرسنن کٲشر زبٲنۍ پیٹھ وارِیاہ اہم کام کٔرمُت۔ یمو کوٚر ایشر کولہٕ سُند سنسکرت زبٲنۍ منز لیوٚکھمُت "کشمیر شبدامرت" (۱۸۸۹ء) ایڈِٹ تہٕ چھوپیوٚک ۱۸۹۸ء یس منز۔ یمو لیکھو کٲشر گرامرٕکین وارِیاہن پہلوٗون پیٹھ مضموٗن یم زن زیادٕ ترٕ ایشر کولہٕ سنز کامہٕ پیٹھ مبنی آسی۔ یمو لیوٚکھ دون جلدن منز "STANDARD MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" ییمیُک گوڈنیُک حصہ ۱۹۱۱ء تہٕ دوٚیُم ۱۹۷۳ء منز چھاپ پیو۔

SONIMOON KA VYATIREKI VISHLESHAIN

(SEE VITASTA HE VATAYAN

PAGES 68 TO 80

PREM PRINTING PRESS, AGRA (1981)

4, TIWARI, B.N. (DR.) : SHABDOON KA ADYAYAN;

SHABDAKAR DELHI (1969)

5, ZGUSTA, LADISLAU. MANUAL OF

LEXICOGRAPHY. MOURTON

THE HAGUE : PARIS.

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

# کاشرِ زبٲنی ہندین بُنیادی مُصوتن ہنز نشاندہی

## تہٕ

## گریرسن

لسانیاتی اعتبارٕ چھُ کاشرِ زبٲنی پیٹھ تحقیقی کامہٕ یورپی سکالرو دس تُلمُت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ پھانپھلومُت۔ غار مُلکی عالمو منز چھیہٕ گریرسنن کاشرِ زبٲنی پیٹھ وارِیاہ اہم کام کرِمژ۔ یمو کور ایشر کولہٕ سُند سنسکرت زبٲنی منز لیوکھمُت "کشمیر شبدامرت" ایڈِٹ تہٕ چھوپُک ۱۸۹۸ ؁ ء یس منز۔ (۱۸۸۹ء) یمو لیکھو کاشر گرامرکین وارِیہن پہلوون پیٹھ مضمون یمن زن زیادٕ تر ایشر کولہٕ سنز کامہٕ پیٹھ مُبنی آسی۔ یمو لیوکھ دون جلدن منز "STANDARD MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" یمیُک گوڈنیُک حصہٕ ۱۹۱۱ء تہٕ دوٚیُم ۱۹۲۳ء منز چھاپ پیو۔

SONIMOON KA VYATIREKI VISHLESHAIN
(SEE VITASTA HE VATAYAN
PAGES 68 TO 80
PREM PRINTING PRESS, AGRA (1981)

4, TIWARI, B.N. (DR.) : SHABDOON BA ADYAYAN;
SHABDAKAR DELHI (1969)

5, ZGUSTA, LADISLAU. MANUAL OF
LEXICOGRAPHY. MOURTON
THE HAGUE : PARIS.

چھُنہٕ کُنہِ تہٕ زبانٛی ہُند کانہہ تہٕ پہلوٗ یا نظام کھۄرٕ دار یا مُشکل آسان ۔ یہِ کتھ چھِیہٕ ضرور زِ کاشُر زبانٛی ہُند صوتیاتی نظام یتھ منز مُصوتن تہٕ مُصمتن ہنز نشاندہی تہٕ شامِل چھِیہٕ، چھُ باقے قریبی ہند آریائی زبانو نِشہٕ بیوٚن ۔ امہِ موکھہ ییوٚو گریرسنن مُصوتن ہندِ نظامہٕ خاطرٕ 'COMPLICATED' لفظ ورتاوُن ۔

گریرسنن چھِیہٕ دوٕ یہٕ قسمکی مُصوتہٕ مانٛنہٕ متہٕ ۔ "عام مُصوتہٕ" یم زَن باقے زبانن منز تہٕ چھِ آسان تہٕ "ماترا مُصوتہٕ" یم صرف تِموٗ کاشُر زبانٛی ہنز خاصیت زانٛنہٕ ۔ اَسی کرَو یمن مُصوتن ہنز نشاندہی ہُند ذِکر الگ الگ ۔

## مُصوتہٕ :۔

گریرسنن چھِ کاشُر زبانٛی ہندی ۱۸ مُصوتہٕ مانٛنہٕ متہٕ تہٕ یمو علاوہ زِ ڈِھچھانگ تہٕ ۔ یم مُصوتہٕ کروکھ اَسی اَکِس چارٹس منز پیش ۔ یہندِ خاطرٕ ین گریرسنن ہندِ ذریعہٕ استعمال کرٕنہٕ متہٕ رومن اچھر ورتاونہٕ ۔ مثالن منز چھُ کاشُر رسم خطک استعمال کرُن ضروری ۔ کاشُر زبانٛی خاطرٕ ازکل عام استعمال یِیِن والی رومن اَچھر چھِ برٛونٹھ منز آہتی دِنہٕ ۔ گریرسنن چھِ یمن مُصوتن ہنز نشاندہی کرمٕژ :

یمۆ چھُ لِنگوِسٹک سٔروے آف اِنڈیا (LINGUISTIC SURVEY
OF INDIA) جلد آٹھِس دوٚیِمِس حصس منز کٲشرِ زبٲنؠ
مُتعلق تفصیل سان یوٚکھمُت۔ امہِ علاوٕ چھِیہٕ یمۆ کٲشرِ زبٲنؠ ہنز ڈِکشنری
"A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE"
ژۅن جلدن منز چھاپمٕژ (۱۹۱۶ - ۱۹۳۲)۔ یہ ڈکشنری چھیہٕ
۱۹۸۵ء منز دُبارٕ چھاپ سپزمٕژ)۔ یِتھ کٕنہ چھیہٕ کٲشرِ زبٲنؠ
مُتعلق گریرسنٕنؠ کام سیٹھاہ اہم یوسہٕ نہٕ زانہہ مشراونہٕ ییہ۔
گریرسنن چھُ کٲشرِ زبٲنؠ ہنٛدؠ مختلف لِسانیٲتی
پہلو ورتھناوؠمتی۔ یِتھ منز زبٲنؠ ہنٛد صوتیات، صرف، نحو،
لفظیات تہٕ معنیات شٲمل چھُ۔

صوتیاتس منز چھُ مُصوتن (VOWELS) تہٕ مُصمتن
(CONSONANTS) ہنز نشاندہی تہٕ تِہنٛد ورتاوُک گرٛت
لوان ورتھناونہٕ۔ یِتھ مقالس منز کرٕو اَسی گریرسن سٕندِ
ذٔریعہٕ کٲشرِ زبٲنؠ ہنٛدِ بُنیٲدی مُصوتن ہنز نشاندہی ہنٛد
مُطالعہٕ۔

مُصوتن ہنز نشاندہی کران چھیہٕ گریرسنن یِمہٕ
کتھِ ہنز ژینہٕ ونٕ درژھٕ ز کٲشرِ زبٲنؠ ہنٛدن مُصوتن ہنٛد
نظام چھُنہٕ سہل بلکہ چھُ کھرٕدار (COMPLICATED) یہٕ
سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ وارِہن رٔژن ہنٛد زانُن لازم۔ لسانیاتی اعتبارٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| (i in niši) | نِشہٕ | nišĕ | /i/ |
| (i: in ši:n) | شیٖن | shīn | /ī/ |
| (e in beni) | بێنہٕ | bĕnĕ | (ĕ) |
| (e: in tse:r) | ژیر | tsēr | /ē/ |
| (ɨ in kɨr) | کٕر | kür | /ü/ |
| (ɨ: in sɨ:tin) | سٕتین | sütin | /ü/ |
| (ə in ədrun) | اَدرُن | ạdarun | /ạ/ |
| (ə: in mə:j) | مأج | möj | /ö/ |
| (a in gari) | گرٕ | gara | /a/ |
| (a: in ka:th) | کاٹھ | kāṭh | /ā/ |
| (u in kus) | کُس | kus | /u/ |
| (ū in tsūr) | ژوٗر | tsūr | (ū/ |
| (o in kor) | کوٚر | kor | /o/ |
| (o: in tso:r) | ژور | tsōr | /ō/ |
| (ɔ in dɔd) | دۄد | dŏd | /ŏ/ |
| (o: in mo:l) | مول | môl | /ô/ |

گریرسن چھِ زٕ مُصوتہٕ اٖ اۆ اٚ دِتمتۍ یٕ
وَنان چھِ زٕ یم چھِ ماترا مُصوتہٕ کِہن اَثرس تَل اٖ اٚ اۆ




تمہِ چھِ زٕ ڈیپھتانگ ٲزمتۍ : ai تہٕ au ۔

عام طور چھِ کاشرِ زبانۍ ہندی مُصوتہٕ یِتھٕ کنۍ لیکھنہٕ یوان




ĕ، ô تہٕ ŏ خاطرٕ کرٕو ٲسۍ فی الحال الگ رومَن اچھرن ہُند استعمال۔

گریرسن چھیٚہ یِمن مُصوتَن ہنٛز مثالہٕ یِتھٕ کنۍ دِتمٕژ:

اُ (ا : ١٥) اُچھرِ وِستی ہاوُنی ضرۆری۔

دوٚیم زیٛوٚٹھ مُصوتہٕ چھُ /ۄ/۔ اَمہِ مُصوتُک چھُنہٕ کانہہ الگ ژھوٚٹ مُصوتہٕ دِنہٕ آمُت۔ یہٕ مُصوتہٕ چھُ او /ۄ/ مُصوتہٕ بنِتھ بیوٚن، یُس زِن صرف لفظن ہندِس شرُوعس یا لفظن منزِس ورتاونہٕ چھُ یِوان۔ یٖمہِ مُصوتُک نشاندہی چھیٖ اہم۔ کیٚنہہ سکالر چھِ اَتھ مُصوتس ڈیچھانگ /ۄ : ۄ/ مانان تہٕ کیٚنہہ پتھم اگولکار مُصوتہٕ (BACK UNROUNDED VOWEL) (ڈکول تہٕ شمت ۱۹۸۴)۔ اَمہِ مُصوتُک ژھوٚٹ رُوپ تہٕ چھُ کینٛژن شائن منز ورنہٕ کرُن مُمکن۔ یِم لفظ جوڑ وُچھو:

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| gۄtʼ گوٚٹ | (مُذکر) | gۄːtʼ گوٚٹ | (موٗنث) |
| mۄtʼ موٚٹ | (مُذکر) | mۄːtʼ موٚٹ | (موٗنث) |
| tshۄtʼ ژھوٚٹ | (مُذکر) | tshۄːtʼ ژھوٚٹ | (موٗنث) |

پتھٕکنی چھِ کاشرِس منز پتھم تھدی اگولکار

/ɨ/ تہٕ /ɨ:/ مُصوتہٕ (High back unrounded) ژ

مانٛنی تہٕ ضرۆری۔ یِہنز نشاندہی چھیٖ گریرسن کرمٕژ۔ یِہند وجود ییہٕ یِمن لفظہٕ جوڑن منز وُچھنہٕ:

| | | | |
|---|---|---|---|
| گُر /ɨ/ gur | (مُذکر) | گُرٕ /ɨ/ guːr | (موٗنث) |
| شُر ʂur | (مُذکر) | شُرٕ ʂuːr | (موٗنث) |

مُصوتَن ہندی بدلوُنۍ روٗپ ۔ اَمہِ موکھہٕ ہیکہٕ ہٲن تم یمَن الوفون
مٲنتھ ۔ گریرسنن چھِنہٕ یمہٕ نز مثالہٕ صاف پأٹھۍ درٕشمہٕ ۔

ڈِپھتھانگ چھہٕ ژ مانہٕ آمتۍ : ui تہٕ ai - au
ڈِپھتانگچہِ مثال چھِیہٕ tsūrau (ژور tsu:rav)
تہٕ gau (گوٗ gau) دِنہٕ آمِژ ۔ یِم ژ ڈِپھتھانگ
مانُنۍ چھِنہٕ ضرٗوری ، تکیاز ڈِپھتانگن ستۍ چھِنہٕ مثالہٕ واٹھ کھیوان
/ai/ چہِ جایہِ چھُ /ay/ تہٕ /au/ چہِ جایہِ /av/ یِوان ۔

گریرسننہِ مُصوتن ہنز نشاندہی متعلق چھِیہٕ یمہٕ موٗچہِ
موچہِ کتھہٕ تعرِ تل تھاوُنہٕ ضرٗوری :-

گریرسنَن چھِیہٕ نشاندہی منز مُصوتن ہند ژھوچرُ ،
زیچھرُ اکھ اہم بُنیاد قرار درٕشمہٕ ۔ تموٗ چھُ مُصوتن ہند زیچھر
پانژن رومن اچھرن پیٹھ اکھ 'بار' یا رکھ دِتھ ہوومُت (یعنے:
i، ē، ū، ā تہٕ ō) مگر دوٕن زیٹھین مُصوتن (ā تہٕ ô)
ہندِ خاطرٕ چھکھ الگ نشان تھاوِی مِتۍ ۔ آ (/ā/) مُصوتچ
ذکرٕ تہٕ چھُ سہٕ الگ کران تہٕ تمۍ چھُنہٕ اُ (/a/) تہٕ
آ (/ā/) مُصوتن ہند پانہٕ وٲنۍ رشتہٕ بیان کوٚرمُت ۔ اَمہِ
تلۍ چھُ ننان زِ سہٕ چھُنہٕ یمَن دوٕن مُصوتَن منز صرف ژھوچرچ
زیچھرچ فرق مانان ۔ مگر تھہزن مثالَن منز چھِیہٕ صرف
یِہے فرق لبنہٕ یِوان ۔ یتھ کُنۍ چھِیہٕ یہِ فرق اُ (/a/) تہٕ

کرِتھ۔ یِتھ کتھِ ستی اتفاق کرُن تہٕ چھُنہٕ ممکن۔ اگر لیکھنس منز غلطی ہیکہِ سپدِتھ مگر بولنس منز یمن دوٚن مُصوتن کُنے زانُن چھُنہٕ یقینس لایق۔ یہِ چھُ ممکن زِ کینژن لفظن منز آسنہٕ یہِ فرق بولہِ پھرکہِ وجہ کنہِ۔ گریرسنن چھٔنہٕ کانہہ تہِ مثال صاف پاٹھی دِژمٕژ۔

گریرسنن چھُ مُصوتن ہنز نشاندہی کران لفظن منز مُختلف جایَن پیٹھ تہٕ یہندِس ورتاوس پیٹھ تہِ لیوکھمُت۔ یمو چھُ صاف پاٹھی ووٚنمُت زِ بروٚنہم مُصوتہٕ /ا/، /ٲ/ تہٕ /اے/ /e/ اِستی چھنہٕ کاشُری لفظ شرُوع سپدان۔ یتھین لفظن ہندِس شروٗعس منز چھہٕ /ی/ یِوان جوڑنہٕ۔ لفظِکِس شروٗعس منز چھہٕ /ا/، /ٲ/ تہٕ /اے/ /e/ بجایہٕ /یا/ تہٕ /ye/ /یے/ یِوان۔

یِتھےکُنہِ چھنہٕ کاشُری لفظ /اُ/ /u/ تہٕ /o/ /و/ مُصوتو ستی شروٗع گژھان۔ لفظکِس شروٗعس منز چھُ یمن مُصوتن بروٚنہہ /و/ /wu/ یِوان جوڑنہٕ۔ یِتھہٕ کُنہِ چھہِ لفظکِس شروٗعس منز /u/ تہٕ /o/ بجایہٕ /wu/ تہٕ /wo/ یِوان۔

## ماترا مُصوتہٕ

گریرسن چھُ شیٚنہٕ ماترا مُصوتہٕ مانان۔ یم ماترا مُصوتہٕ چھہٕ: ۂ، ٕ، ٗ، ٕ، ٔ تہٕ ٚ۔ تمہندِ ونہٕ مطابق چھہِ یم ماترا مُصوتہٕ سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ یم چھہِ لفظکین خاص خاص گرتین منز مخصوص جایَن پیٹھ ورتاونہٕ یِوان۔ ماترا مُصوتن ہنز نشاندہی

/ɨ:/      /u:/

گۆر   gu:r (مُذکر)   گۄر   gɨ:r   (مونث)

ژۆر   tsu:r (مُذکر)   ژۄر   tsɨ:r   (مونث)

/ɨ:/ مُصوتن ہندی /ɨ/ تہٕ /ə:/ مُصوتہٕ ہِکن /ə/ تہٕ /ə:/ الوفون رٕ مانہٕ یِتھ، تِکیازِ یِمَن چھُ لفظٕکِس تانیٖثس (GENDER) سِتۍ واٹھ۔ پیٚٹھکنہِ چِنۍ مثالَن منز چھِ مُذکر لفظن منز /ɨ/ تہٕ /ɨ:/ یِوان تہٕ مونث لفظن منز /ə/ تہٕ /ə:/۔ کینژَو سکالرو چھِ /ə/ تہٕ /ə:/ ڈِھیتھانگ /ɨ+/ تہٕ /ɨ:+/ تہٕ قرار دِتۍ مِتۍ۔ کاشرِس صوتیاتَس منز چھیٚہ یِہنز نشاندہی کرٕنۍ تہٕ ضرۆری۔

گریرسن نہٕ مُصوتَن ہنز نشاندہی منز چھِ اکھ بیاکھ اہم کتھ زیرِ بحث اَننۍ لایق۔ تہندِ وَنِنہٕ مُوجُب چھِنہٕ واریاہ کاشرِ او /ɔ/ تہٕ اۆ /ɔ:/ مُصوتَن منز لیکھنس تہٕ بولنس منز فرق کران۔ یُوت نام لیکھنک تعلُق چھُ کیہنہٕ کاشرِی ہِکن یِہ غلطی اَز تہٕ کرِتھ یِمَن رسم خطٕچ پُورٕ واقفیت آسِنہٕ۔ مگر بولنس منز چھِ ساری کاشرِ یِمَن دۆن مُصمتَن الگ الگ پاٹھۍ بولان۔ گریرسنن چھِنہٕ کانہہ مثال دِژمٕژ۔

یتھےٚ کٕنۍ چھُ گریرسن وَنان زِ واریاہ کاشرِ چھِنہٕ ہِکان اےٚ /e/ تہٕ اِ /i/ مُصوتَن منز لیکھنس تہٕ بولنس منز فرق

(۴) ماترا مُصوت ــٗـ ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہِ چھُ لفظ کِس یا SYLLABLE کِس آخرس منز لِوان ۔ مثال چھُ سُہ دِوان "KOR" کور ۔ SYLLABLE کِس آخرس منز چھُ سُہ اَکھ مثال KOR"THAK (کورٹھک) دِوان ۔ یِمن مثالَن منز چھُنہٕ اَمہِ ماترا مصوتُک وجوٗد مانُن یقینس لایق ۔

(۵) ماترا مُصوت ــٗـ ۔ گریرسن چھُ مانان زِ یہِ ماترا مُصوت چھُ سیلبلس منز بس یا آخرس پیٹھ لِوان ۔ مثالہٕ چھُ سُہ دِوان (کرٗتھکھ ( Kərthakh ) KÜR"THAKH تہٕ KÜR"N (کرٗن Karin) ۔ گوڈنچہِ مثالہٕ منز چھُنہٕ امیُک کانہہ وجوٗد تہٕ دوٚیمہِ مثالہِ منز چھُ یہِ اصلی ا مُصوتہٕ ۔

(۶) ماترا مُصوت ĕ :۔ گریرسن چھُ یَیمہِ ماترا مُصوتٕچ مثال دِوان (بنٛزراوُن banĕrawun Banira:vun ۔ یِتھ مثالہٕ منز چھیٚہ /n/ مصمتٕچ PALATALIZATION موجوٗد، یتھ زَن سُہ ماترا مُصوتہٕ چھُ مانان ۔

ژھوٚٹ پاٹھۍ ہیکو اَسی یتھ نتیجس پیٹھ واتِتھ زِ کاشُر زبانۍ منز ماترا مُصوتَن ہُند وجوٗد مانُن چھُنہٕ ضروٗری ۔ زبانۍ ہِندی باقے صوتیاتی مسلہٕ تہٕ ییٚن یِمن ماترا مُصوتَن ہُند وجوٗد نہٕ مانُنہٕ ورایے تہٕ اَنزراونہٕ ۔ یِمن ہُند ذکر کران گریرسن ماترا مُصوتَن ہُند حوالہٕ نہٕ چھُ دِوان ۔ یِمن مسلَن منز چھُ الگ الگ

چھُ اکھ اہم مسلہٕ ۔ گریرسن ہنز کامہٕ پیٹھ چھُ باقے یوٗرپی عالموٗ تہٕ یمن ماترا مُصوتن ہند ذِکر کوٗرمُت ۔ یمن منز چھیہٕ (GRAHM BAILEY) ہنز "THE PRONUNCIATION OF THE KASHMIRI LANGUAGE" کام اہم ۔ یموٗ تہٕ چھُ ماترا مُصوتن ہُند وجوٗد موٗنمُت ۔

اما پوٗز ییلہٕ اَسی گریرسن ہندِ ذٔریعہ دِژمژٕ مثالہٕ وُچھان چھِ ماترا مُصوتن ہُند اکھ الگ وجوٗد چھُ مشکوٗک باسان ۔ یتیتھ کرو اَسی یِمن مثالن ہند ذِکر ۔

(۱) ماترا مُصوت ـٚ ۔ یہ ماترا مُصوت چھُ سُہ یمن مثالن منز ہاوان ؛ گرٕ تہٕ gara تہٕ Tsᵃh ژٕ ۔ یمَن مثالَن منز چھُ گریرسن ( t ) مصوتہٕ خاطرٕ ماترا مُصوتہٕ ہاوان ۔ یتھ کنہٕ چھُنہٕ ـٚ ماترا مُصوتُک کانہہ الگ وجوٗد ۔

(۲) ماترا مُصوت ـِ ۔ اَمِچہ مثالہٕ چھُ گریرسن asi تہٕ (اَسی əsⁱ ) guri گرِ وغارٕ دِوان ۔ پر یتھ کنہٕ مثالہٕ منز چھیہٕ اصلی یہ مُصمتِچ PALATALIZATION یتھ زَن گریرسن ـِ ماترا مُصوت چھُ مانان ۔

(۳) ماترا مُصوت ـُ ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہ مُصوتہٕ چھُ سیٹھاہ کم اِستعمال گژھان ۔ تہنز مثال Kᵒh کوٗت 'HE WAS WET' چھیہٕ مشکوٗک ۔ باقے مثالن منز ییہٕ رتمن جاین اوٗ /ο/ مُصوت ورتاونہٕ ۔

REFERENCES

Grierson, G. A. 1911 standard manual of the Kashmiri Language. London. Reptd. Rohtak Light and life publishers, 1972.

-- 1919. Linguistic survey of India vol VIII, part 2. Reptd. Delhi Motiram Banarsidas 1969.

— 1916 - 1932. A dictionary of the Kashmiri language Reptd. Delhi : D. K. publishers, 1985.
Kachru, Braj B. 1969. A reference grammar of Kashmiri. University of Illionois, Urbona.

— 1973. An introduction to spoken Kashmiri. University of Illinois, Urbana.
Koul, Omkar N. 1977. Linguistic studies in Kashmiri. New Delhi : Babri Publications.

— 1985. An intensive course in Kashmiri. Mysore : CIIL.

— and Peter Hook ( Eds: ) 1984. Aspects of Kashmiri Linguistics. New Delhi · Babri Publications.

— and Ruth Laila Schmidt 1984. Dardistan Revisited : An examination of the relationship between Kashmiri and Shina' In Koul and Hook ( Eds. ) 1984.

لفظہٕ گرٚتھن منز مُصوتن ہُند بدلُن تہٕ شاٲمِل ۔ مثلن VOWEL HARMONY ہندی رۄل ۔ کٲشرِس صوتیاتی نظامس منز چھُ مُصوتن علاوٕ مُصمتن ہندٕ بدلنکی تہٕ رۄل شاٲمِل ۔

کینژَو خٲمیو باوجوٗد تہٕ چھُ گرٚتھن ہنز مُصوتن ہنز نشاندہی سیٹھاہ اہم ۔ یہٕ نشاندہی چھِنہٕ وارِہس کانٛسہِ آمٕژ برکھاونہٕ ۔ باقے یوٗرپی سکالرو تہٕ چھِنہٕ مُصوتن ہنز یہے نشاندہی مانٛزمٕژ ۔

ڈاکٹر نذیر احمد دار

(پی، ایچ، ڈی لسانیات)

# گریرسن تہٕ کاشُر بولہِ

سر جارج ابراہم گریرسن چھیٚہ کاشُر زبان مختلف لسانیاتی خطوطن پیٹھ دیرِتھ اَنہِ تہٕ اَتھ منز چھیٚہ کاشرِ بولِین ہنز سام دِسہٕ لایق حیثیت تھوان ۔ گریرسن (۱۹۱۹) چھُ دِیٹھمُت پاٹھۍ کاشرِ بولِین دۄن حِصن منز باگراوان ۔ مثلن :-

(۱) وادی منز کاشرِ زبانٕ ہنز علاقائی بولہِ (REGIONAL DIALECTS) یِتھ منز کشتواڑی ، پوگلی ، رامبنی تہٕ سراجی شامل چھ

(۲) وادی منز کاشرِ زبانٕ ہنز معاشرتی بولہِ (SOCIAL DIALECTS) یِتھ منز مسلمان کاشُر تہٕ بٹہٕ کاشُر چھُ ، معاشرتی سطحس پیٹھ چھُ گریرسن کاشرِ زبانٕ شہری (URBAN) تہٕ دیہی (RURAL) بولِین منز تہٕ باگراوان ۔

OF LAHANDA" (GRIERSON 1919: 233)

یہ حقیقت چھیہ پرکھاونہ آمژ زِ مذہب، ثقافت تہٕ
زبان چھیٛنہٕ پانہٕ واٹنی اکھ خاص وابستگی ہاوان۔ اکِس معاشرس
منز چھِ مختلف اعتقادی فرقہٕ آکھے زبان اَستھ تہٕ بول چالہٕ منز فرق
ہاوان۔ گریرسن تہٕ چھُ امہِ کتھ ہُند قایل تہٕ اکھ بُنیادس پیٹھ
چھُ یہِ وادی منز بولن وول کاشُر دوٕن مذہبی طبقن (مسلمان
کاشُر تہٕ بٹہٕ کاشُر) منز باگراوان۔ گریرسن چھُ اَمِچ وبرٛ ژھنے
یمَن الفاظن منز کران:۔

" IN THE STANDARD KASHMIRI OF THE VALLEY, THERE ARE MINOR DIFFERENCES OF LANGUAGE, WHICH HOWEVER ARE NOT SUFFICIENT TO ENTITLE US TO DIVIDE IT INTO FURTHER SEPARATE DIALECTS. FOR INSTANCE KASHMIRI SPOKEN BY MUSLIMS DIFFER FROM THAT OF SPOKEN BY HINDUS ....... THE MUSLIM DIALECT BORROWS FREELY FROM THE PERSIAN VOCABULARY, ON THE OTHER HAND, THE HINDUS BORROW FROM SANSKRIT" (GRIERSON 1919: 234)

یہ چھُ زبانٕ ہُند آفاقی تصوُر زِ اکثر زبانہٕ چھیہٕ دیہی

وادی منز کأشرِن بولِن ہنز شناخت کران چھُ گریرسن
یِم الفاظ بیان کران۔

"KASHMIRI HAS ONE TRUE DIALECT — KASHTIWARI, SPOKEN IN THE VALLEY OF KASHTIWAR (COMMONLY KNOWN AS KASHTIWAR) LYING TO THE SOUTH EAST OF THE VALLEY OF KASHMIR. KASHMIRI HAS ALSO OVERFLOWED THE PIR PANCHAL RANGE INTO THE JAMMU PROVINCE OF THE STATE, AND IN THE VALLEY BETWEEN THE SOUTHERN HILLS OF THE RANGE, BETWEEN THE WATER SHED AND THE VALLEY OF CHINAB, THERE ARE A NUMBER OF MIXED DIALECTS, SUCH AS POGULI, SIRAJI OF DODA AND RAMBANI. THE FIRST TWO OF THESE REPRESENTS KASHMIRI MERGING INTO DOGRI. FARTHER EAST, OVER THE GREATEST PART OF RAISI DISTRICT OF THE STATE, THERE ARE MORE OF THESE MIXED DIALECTS ABOUT WHICH NOTHING CERTAIN IS KNOWN, EXCEPT THAT THE MIXTURE IS BETWEEN KASHMIRI AND THE CHIBHALI FORM

ہُند تعاوُن خاطرٕ چھہِ سائنسی خطوٗطن پیٹھ وسیع پیمانٕچ فیلڈ وٕرک کرٕنۍ ضروٗری۔ سٕمبرن چھُ فیلڈ وٕرک ہنٛز اہمیت یمو الفاظو ستۍ کران:۔

"THERE IS DIRECT RELATION BETWEEN FIELD WORK AND LANGUAGE DESCRIPTION. THE MORE FIELD WORK, THE MORE INFORMATION WE WILL HAVE ABOUT THE VARIABILITY OF LANGUAGE"

(SAMARIN 1967:4)

فیلڈ وٕرک مٲہرو (مثلن سٕمبرن (1967)، ہینس کرتھ، (1939) چارلس ایف ہاکیٹ (1958) بیترِ چھِنہٕ مُخبرن (INFORMANTS) نش معلوٗمات (DATA) استنباط (ELICIT) کرنہٕ خاطرٕ مختلف طریقہٕ تجویز کٔرۍ مٕتۍ مگر پرتھ کانٛہہ طریقہٕ چھُ INPUT ⟶ OUT PUT اصوٗلس پیٹھ مُشتمل۔ یعنی محقق چھُ مُخبرس کُنہ تہٕ طریقہٕ (سوالنامکہٕ ذریعہ، تصویرو ذریعہ بیترِ) ذہنس منز کینٛہہ تصوٗر تراوان یہ تصوٗر چھُ مُخبر ہندِ خاطرٕ INPUT بنان۔ مُخبر چھُ امہٕ تصورک متن الفاظو ذریعہٕ اظہار کران تہٕ امہٕ تصوٗرک متن الفاظن منز اظہار کرُن چھُ مُخبر سندِ خاطرٕ OUT - PUT - فیلڈ وٕرک دوران لگہار معلوٗمات حاصل کرنک دارٕمدار چھُ مُخبرن تہٕ سوالنامس پیٹھ۔ مُخبر تہٕ سوالنامہٕ چھُ تحقیقچہٕ

(RURAL) تہٕ شہری (URBAN) بول چالہِ منز فرق
ہاوان ۔ اَتھ سطحس پیٹھ چھہِ گریرسنَن کاشُر زبانی منز تہٕ فرق
لبُہمُت تہٕ پننِس مقالس منز چھُ سُہ اَتھ کتھِ کُن یِتھہٕ پاٹھی اشارٕ
کران ۔

"AGAIN THERE IS (IN KASHMIRI), AS IN ALL
COUNTRIES, THE DISTINCTION BETWEEN TOWN
AND VILLAGE TALK. IN VILLAGE A FEW OLD
FORMS HAVE BEEN PRESERVED THAT HAVE
DISAPPEARED IN TOWNS AND THERE ARE
ALSO VARIATIONS OF PRONUNCIATIONS"

(GRIERSON 1919 : 234)

یوٚدوے گریرسنٕنی کامس یمَن سطحَن پیٹھ بُنیادی حیثیت
چھیٚنہٕ تھوان ۔ مگر جدید "بولیاتی" (DIALECTOLOGY) طریقہٕ کار
نظرِ تَل تھوٚوِتھ چھُ گریرسن سٕنہِ اَتھ کامہِ منز واریاہ کمی محسوس
سپدان ۔ ماہرِ بولیاتو (DIALECTOLOGISTS) بولین ہنز سام
ہینہٕ خاطرٕ ہم زاوِیہ وہ پداوی متہٕ چھہِ اَتھ منز چھہِ فیلڈ ورک
(FIELD WORK) بولین ہندِ تعاینہٕ خاطرٕ طریقہٕ کار
(METHODOLOGY) بولہِ ہنز تشریح کرنہٕ خاطرٕ معیاری تہٕ
اہم حیثیت تھوان ۔ زبانی منز فرق ژارنہٕ خاطرٕ تہٕ بولین

کرٲن :-

" THERE ARE GOOD INFORMANTS AND THE BAD INFORMANTS, BUT CRITARIA FOR CONSIDERING ONE GOOD AND ANOTHER BAD ARE DIFFICULT TO ENUMERATE" (SAMARIN 1967: 23)

مُخبرٕس تِش اہم پتہٕ فایدٕ مند معلوٗمات حاصِل کرنٕس منز چھُ سوالنامہٕ خاص درجہ تھوان ۔ ماہرِ بولیاتو چھُ پرٛکھومُت زِ تفصیلی فیلڈ وٕرک ( INTENSIVE FIELD WORK ) کرنہٕ بروٚنہہ پتہٕ سوالنامس حتمی شکل دِنہٕ بروٚنہہ چھیٚہ اُتھ علاقس منز سرسری فیلڈ وٕرک ( PILOT SURVEY ) کرُنی لازمی تاکہِ مُحقق ہیٚکہِ ضروری پتہٕ غار ضروری سوالن منز فرق زانتھ پتہٕ بٔنِنس سوالنامس منز فقط تِتھی سوال شامِل کرِتھ یِموٚ سِتی مُخبرس تِش کَم کھوتہٕ کَم سوالو سِتی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معلوٗمات حاصِل سپدن ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سائنسی خطوٗطن پیٹھ فیلڈ وٕرک کرنہٕ خاطرٕ چھُ ٹیپ ریکارڈرُک استعمال کرُن اہم ۔ زبانن منز پھیر ژارنہٕ خاطرٕ پتہٕ بولین ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ چھُ طریقہٕ کار فیلڈ وٕرک لرِ لوٚر ۔ زبانَن منز لسانیاتی سطحَن ( مثلن فونیمیات صرف و نحو بیترِ ) پیٹھ پھیر طریقہٕ کارکِس سانچس منز تراوُنُک ارتقا سپدیوٚ ارداہمہِ صدی منز ییٚلہِ یوٗرپُک ماہرِ لسانیات لگ لفظن ہندِس بُنیادس پیٹھ زبانَن منز علاقائی پھیر ہاونہٕ ۔ کُنوہمہِ صدی منز سپدیوٚ

نوٚی یژ ستی مفاہمت ہاوان۔ ہرگاہ تحقیق نوٚی یژ فقط زبانٕ ہندی
بناوٹ اصوٗل ژھانڈنۍ آسہٕ، تیٚلہِ چھُ سوالنامہٕ کہِ ذریعہٕ اکس یا دوٚن
مخبرن نش تفصیلی معلوٗمات حاصل کرُن کافی۔ اتھ برعکس ہرگاہ محقق
سُند مقصد آسہٕ زبانٕ منز علاقائی معاشرتی سطحس پیٹھ فرق ژھانڈنۍ
تہٕ تتھ صوٗرتس منز چھُ وارِیاہن مخبرن نش اکہِ مخصوٗص سوالنامہٕ کہِ ذریعہٕ
معلوٗمات حاصل کرٕنۍ لازمی۔ یِم مخبر گژھن پننین علاقائی بولین ہنز
یا پننین معاشرتی بولین ہنز نمائندگی کرٕنۍ تہٕ محققس پننہٕ بولہٕ ہنز پوٗر
زان کاری دِنۍ۔ ماہرن چھُ یہ پرکھوومُت زِ کینہہ مخبر چھِ پننہٕ بولہٕ غار معیاری
درجہٕ دِوان تہٕ امہِ طبقکی مخبر چھِ محققس معلوٗمات دِنہٕ وِزِ پننہٕ بولہٕ
منز امہِ زبانٕ ہنز معیاری بولہٕ ہندی عناصر استعمال کران یتھی
معلوٗمات چھِ تحقیقس پیٹھ وارِیاہ غلط اثر تراوان۔ محقق سنز
ذمہٕ واری چھےٚ زِ فیلڈ وٚرک دوران تیتھ ماحول بناوُن، یمہٕ ستی
محقق مخبرس نش غار مصنوعی معلوٗمات استنباط کرنس منز کامیاب سپدِ۔
ماہرن چھُ بودمُت زِ "ANY SCIENTIFIC INVESTIGATION ON LANGUAGE WILL HAVE TO APPRECIATE THE NATURAL SPEECH."

فائدہ مند تہٕ غار مصنوعی معلوٗمات حاصل کرنہٕ خاطرٕ
مارٕ مٕندی مخبرن ہند انتخاب گژھن چھُ وارِیاہس حدس تام اتفاق۔
سٔنسیٚرن چھُ پننِس ذاتی تجربس پیٹھ اتھ کتھ کُن ہیٚنہٕ پاٹھی اشارٕ

وُہمہ صدی ہندِس ابتداہس منز زبانن ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ STRUCTURAL
APPROACH رٲیِج ۔ یہ نموٗنہٕ چھُ لِسانیاتی نظامس معاشرتی نظامس
ستیٚ مُشابہ کران ۔ اَمیُک تصوٗر چھُ یہ زِ لِسانیاتی نظامس منز چھِ
لِسانیاتی عناصر (مثلن فونیم، مارفیم بتیر) پانہٕ وٲنۍ اکھ اَکس ستیٚ
زُلرِ ناج ہندی پٲٹھۍ وآٹھ تہٕ زبانۍ ہنز تشکیل SYSTEM OF
RELATION کِس بُنیادس پیٹھ دِوان ۔ اَمہِ مزید چھیہٕ اَکھ نموٗنس
تحت زبان دوٚن سطحن منز باگراونہٕ آمٕژ مثلن اوٗندرٕ وٕنی سطح
( FORM ) تہٕ بیرٕونی سطح ( SUBSTANCE )۔ اوٗندرٕوٗنی
سطح چھِ زبانۍ ہند سُہ پہلوٗ یُس زبانۍ ہند بُنیادی بناوٹھ اصوٗل
بیان کرِ تہٕ بیرٕونی سطح چھیہٕ زبانۍ ہنز بول چال ظاہر کران ۔ یہ
خاکہ نظرِ تَل تھوٚوِتھ لگی ماہرِ بولیات زبانۍ منز فرق ژارنہٕ خاطرٕ
تہٕ زبانۍ منز بوٗلن ہندِ تعاینُ خاطرٕ زبانۍ ہنز بیرٕونی سطح پرکھاونہٕ ۔
ڈیٚٹھی پٲٹھۍ چھُ اَمہِ نموٗنُک تصوٗر یہ زِ بوٗلن درمیان لسانیاتی سطحس
پیٹھ تقابُل کران یم فرقہٕ لبنہٕ ین تہٕ یمن فرقن ہنز نشاندہی ہم معنی
لفظو ستیٚ کرنہٕ بروٚنہ چھُ اہم زِ یم فرقہٕ بوٗلن ہندس پنٕنس لسانیاتی
نظامس منز تعلیل کرنہٕ ۔ پیٹھ چھُ موختصر پٲٹھۍ اَمہِ نموٗنچ وِرژنۍ
یمن الفاظن منز کران:-

THE MAIN TENENT OF STRUCTURE LINGUISTICS IS
THAT ANY VARIETY OF LANGUAGE IS A SYSTEM;

زبانن تہٕ بولین لسانیاتی خطوطن پیٹھ فرق ژارنک نوو دود شروع ییلہٕ
آگست سچلچرن (AUGUST SCHLIECHAR) کوٚر FAIMLY TREE
MODEL یا STAMMBAUM MODEL یا COMPARATIVE
MODEL رائج ۔ ویٹھ پاٹھی چھُ امہٕ نموٗنک بُنیادی قاعدہ یہ زِ زبان
یا بولہٕ گرژھن ییک زمانی (SYNCHRONIC) تہٕ تواریخی (DICHRONIC)
زاوِین پیٹھ پرکھاونہٕ تہٕ امہٕ ستی ہیکہٕ زبانن یا بولین لسانیاتی سطحس
پیٹھ ہشر تہٕ فرق نٔنی کرنکس بُنیادس پیٹھ یہنز طبقہٕ بندی سپدتھ۔
اتھ نموٗنس تحت آیہٕ زبانن یا بولین درمیان لسانیاتی سطحس پیٹھ
ہشر یا فرق ہم معنی لکیرو (ISOGLOSSES) ستی اظہار کرنہٕ تہٕ
زبانن یا بولین درمیان نزدیکی یا دوٗر پر سپدلو ہم معنی لکیرکیو تعداد و
ستی مشخص ۔ یہ طبقہٕ بندی ہند سلسلہٕ ہیکہٕ زبانن تہٕ بولین ہنز
نسبی رشتہٕ بروٚنہہ کُن اَنتھ ۔ ہرگاہ زبانن یا بولین آسہٕ فرق
آسنس باوجوٗد بُنیادی ساختن منز ہشر تہٕ اتھ بُنیادس پیٹھ
ہین یم اَکیہے طبقس منز گنڈنہٕ ۔ یم طبقہٕ ہرگاہ مزید پرکھاوتھ
فرق آسنس باوجوٗد کُنہ حدس تام پانہٕ وُنی بناوٹی ساختس
منز ہشر ہاون تیلہٕ پیہٕ یمن اَکیہے ماخذی زبانی ستی نسبی
رشتہٕ واپرنہٕ ۔ اتھ نموٗنس پیٹھ آو ہند یوٗرپی، ہند ایرانی،
مُنڈا بیتر زبانن نسبی رشتہٕ پرکھاونہٕ۔

ڈی ساسرن (FERDINADND DE SAUSSURE) کوٚر

معاشرتی اصوٗلن ) سٟتؠ مفاہمت ہاوان تہٕ یِمہٕ فرقہٕ چھےٚ بولن والؠن
ہنز معاشرتی حیثیت ، نفسیاتی ساخت ، ثقافتی پوٚت منظر بیتر
اظہار کران ۔ اَتھی نموٗنس تحت کٔر ڈیل ہامزن ( DELL HYMES
یہٕ رأے قٲیم زِ ثقافتی پھر تہٕ لسانیٲتی پھیر چھہٕ پانہٕ وٕنی مفاہمت
ہاوان تہٕ زبان چھےٚ ثقافتیچ نشاندہی کرنس منز اہم ڈکھ کران۔
ڈیل ہامزن چھُ اَمِچ وضاحت یِمو الفاظو سٟتؠ کران:

" WORDS ARE FUNDAMENTLY THE SYMBOLS FOR

THE FEATURES OF THE CULTURE."

ولیم لیبون ( WILLIAM LABOV ) کٔر یہٕ دلیل پیش
زِ معاشرس منز چھہٕ مختلف معاشرتی طبقہٕ پننہٕ بول چالہٕ منز لسانیاتی
عناصرن ہنز فرق اظہار کران تہٕ یہٕ فرق چھےٚ معاشرچ طبقہ بندی
( SOCIAL STRATIFICATION ) کرنہٕ خاطرٕ اہم سبب بنان ۔
اَتھی سٟتؠ کوٚر لیبون زبانؠ ہنٛد رِوایتی FREE VARIATION تصورتہٕ
معاشرتی سطحس پیٹھ واضح تہٕ۔ بوٗنؠ زِ زبانؠ منز پرٛیتھ کُنہٕ سطحچ لسانیاتی
فرق چھےٚ معاشرتی اصوٗلن تحت پیدان، یِمہٕ فرقہٕ چھےٚ معاشرس
ساخت دِنس منز اہم حصہٕ نوان ۔ بولہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ یم طریقہٕ کار
پیش چھِ کرنہٕ آمتؠ یِمو منز سپدو بیٚیتھ فقط مخصوص طریقہٕ کارن
کُن سرسری اشارٕ ۔ فیلڈ ورک تہٕ طریقہٕ کارکس سطحس پیٹھ چھےٚ
بولہٕ ہنز تشریح کرٕنؠ تہٕ اہم تہٕ بیٚیتھ یہٕ مو خصر یاٹھ بولہٕ ہنز

THE ITEMS WITHIN THIS SYSTEM ARE DEFINED NOT IN TERMS OF ANYTHING OUTSIDE THE SYSTEM, BUT BY THEIR MUTUAL OPPOSITIONS AND FUNCTIONS IN RELATION TO ONE ANOTHER."

(PETYT 1980:120)

دورِ جدیدس منز ووپدیو زبانٕ منز فرق ژارنک معاشرتی، لسانی (SOCIOLINGUISTIC) نموٗنہٕ۔ یہ نموٗنہٕ چھُ زبانٕ ہنز تشریح زبانٕ ہنز معاشرتی ہستی (SOCIAL ENTITY) کِس بُنیادس پیٹھ کران تہٕ اَمہِ معیارٕ مُطابق چھُ اکھ فرد معاشرس ستۍ زبانٕ ہندِس بُنیادس پیٹھ مُنسلک سپدان۔ چوٗنکہ معاشرس منز چھُ اکھ فرد متحرک کردار ادا کران تہٕ اَمی سُند یُس تھ گژھٕ کردارٕچ عکاسی چھےٚ زبانٕ ہنز ترکیب وار استعمال کرنہٕ ستۍ واضح سپدان۔ بقولِ فشمین۔

"LANGUAGE BEHAVIOUR AND SOCIAL BEHAVIOUR WILL BE APPRECIABLY RELATED IN MANY LAWFUL WAYS" (FISHMAN 1968:6)

زبان بحیثیت معاشرتی عناصر وبژھناونہٕ خاطرٕ کرٕ محققو مختلف رایہِ قائم تہٕ یِم تھ کانہہ رایہ روٗز اَمہِ کتھہِ ہنز قایل زِ بول چالہِ منزٕ لسانیاتی عناصرن ہنز فرق چھےٚ غار لسانیاتی اصوٗلن (یعنی

(علاقائی یا معاشرتی) ہیکہ بولہِ ہنز تشکیل دِتھ۔ پس بولہِ ہنز
تشریح چھیہٕ بھیر (امہِ زبانٕ ہندین طبقن درمیان) تہٕ مفاہمت
(اکہِ طبقکین بولن والین درمیان) اظہار کران۔ اتھ دوران
آد یہ تصور تہٕ دِنہٕ زِ طبقن درمیان یہ بھیر پیہ ہم معنی لفظو
ستی اظہار کرنہٕ تہٕ اکھ بولی لسانیاتی لحاظہ کاٗژاہ نزدیک یا دوٗر
چھیہٕ بیٚیس بولہِ نِش ہیکہِ ہم معنی لفظن ہُنِد تعداد واضح کرِتھ۔
یہ وضاحت سپدِتھ ووٚتھ محققن بیاکھ سوال زِ یٚیلہِ زِ یا امہِ
کھوتہٕ زیادٕ طبقہٕ آسن یا پانہٕ وٚنی فرق تیٚلہِ کونہٕ دِمو یمن بولہِ
بدلہِ زبانٕ ہنز اصطلاح۔ امہِ سوالک حل آو یتھ پاٹھۍ دِنہٕ
زِ اکہِ طبقچ سوٚ بول چال چھیہٕ بولی یٚیلہِ یم لسانیاتی سطحس
پیٹھ کُنہٕ حدس تام پانہٕ وٚنی بھیر تہٕ کُنہٕ حدس تام مفاہمت
آسن مگر ستی آسن یم بولی پانہٕ وٚنی MUTUAL
INTELLIGIBILITY خاصیت تھوان۔ یعنی ہرگاہ
اکِس لسانیاتی خطس منز چھ مسلسل بولہِ (DIALECT
CONTINUUM) ا، ب، پ، ت، ٹ ۔۔۔۔ بولنہٕ یوان
تہٕ 'ب' بولی چھیہٕ 'ا' تہٕ 'پ' بولی آسانی سان سمجھتھ ہیکان
مگر 'پ' بولی بولن والِس چھیہٕ 'ا' بولی بولن والِس سمجھنس
منز مشکل پیش یوان تہٕ MUTUAL INTELLIGIBILITY
خیالات پوٚت منظر تھوٚتھ چھیہٕ یمہ الگ زبانہٕ مگر اتھ

تشریح وۄتھناوِنہٕ۔ ابتداہس منز آیہٕ بولہٕ ہنز اصطلاح زبانٕ
ہنز تِتھ بول چالہٕ دِنہٕ یوسہٕ دیٖہی لوکن ہنز، انپڑھ لوکن ہنز تہٕ
معاشرکس پس ماندٕ طبقن ہنز بول چال آسہٕ۔ یِتہٕ آو یہٕ باوِنہٕ زِ
معاشرُک تعلیم یافتہٕ طبقہٕ، معاشرتی تھزر تھون والی طبقہٕ تہٕ شہری
لوکن ہنز بول چالہٕ چھُ زبانٕ ہند رتبہٕ حاصل۔ اَمہٕ پتہٕ آیہٕ
بولہٕ ہنز یہٕ تشریح غار لسانی قرار دِنہٕ تہٕ یہٕ تشریح رد کران
آیہٕ۔ نوٚ تشریح پیش کرنہٕ تہٕ اَتھ مطابق چھیہٕ بولہٕ اکہٕ مخصوص
زبانٕ ہنز مختلف قسم یم پانہٕ وٕنی میلتھ چھِ اَمہٕ زبانٕ ہنز
تشکیل دِوان۔ چونکہٕ اَتھ تشریح آوٕ نہٕ کینہہ تہٕ معیاری حد مقرر کرنہٕ
تہٕ امیُک مطلب آو یتھ پاٹھی ژارنہٕ زِ فردٕ سنز انفرادی بولی
(IDIOLECT) تہٕ ہیکہٕ زبانٕ منز بولہٕ ہند درجہٕ حاصل کٔرتھ
یہٕ مطلب آو یتھ بُنیادس پیٹھ کڈنہٕ زِ پرتھ کانہہ فرد چھُ پننہٕ
بولہٕ منز کینہہ مخصوص لسانیاتی عناصر استعمال کران یُس اَمس
فردس معاشرکس باقٕے فردن نِش چھُ الگ کران۔ یہٕ مسلہٕ
نظرِ تَل تھوٚتھ بوو ماہرو زِ زبانٕ منز بولہٕ تشکیل دِنہٕ خاطرٕ پیٚزِ
اکھ ضبط قایم کرُن، یتھ تحت کینہہ اہم لسانیاتی فرق ژارنہٕ
تہٕ یم لسانیاتی فرق آسن اَتھ زبانٕ منز طبقہٕ بندی کران یِتی
آسن اکہٕ طبقُک بولن والی پانہٕ وٕنی لسانیاتی مفاہمت ہاوان۔
زبانٕ منز یہٕ فرق تہٕ مفاہمت بنیہٕ اَمہٕ یِتی طبقن ہند تقسیم

کامہ پھیُر دِنہٕ ییہِ اَتھ پؠٹھ۔ حقیقت ٹاکارٕ پاٹھی چھُ زٕ گریرسنَن
چھُنہٕ بولیاتی قاعدن تحت پننٮ۪ تحقیق وٕرتھنووٕمٕژ تہٕ اَتھ
صورتس منز چھِ اَمی پنٕنی نتیجہٕ قابلِ تنقید۔ یتھ ذکرٕ آیہٕ
ابتداہس منز کرنہٕ زٕ مخبرن نِش معلومات استنباط کرنہٕ خاطرٕ
چھیٚہ براہِ راست فیلڈ ورک کرُن لازمی۔ اَتھ برعکس چھِ
گریرسنَن کاشُر زبان بولن منز باگراوہٕ خاطرٕ معلومات
حاصل کرنکھ ناراست طریقہٕ استعمال کٔرمٕژ تہٕ یم معلومات
چھِ وارِیاہس حدس تانی اَڈیکی ثابتھ سپدمٕژ۔ معلوماتن ہنز
خامی چھیٚہ گریرسنَن ہٕنہِ کامہِ منز وسیع پیمانس پؠٹھ لبنہٕ یوان تہٕ
ییٚنتھ ییہِ مختصر پاٹھی یمو مثالو سٟتی اَمہِ خامی ہنز نشاندہی
کرنہٕ۔ گریرسنن چھُ کشتواڑی بولہِ ہندس فونیماتی نظامس
منز فونیم 'ۂ'، 'ہ'
[GLOTTAL VOCOID [h.]
شامل کورمُت مگر اَمہِ فونیم چھِ غارٕ موجودگی چھیٚہ اَتھ بولہِ منز
مخصوص لسانیاتی خاصیت تہٕ یہِ فرق چھیٚہ کشتواڑی بولہِ
باقے کاشرس نِش الگ کران۔ یم مثال کرن کشتواڑی بولہِ
ہنز یہِ خاصیت ثابتھ۔

(١) الفاظن منز گوڈنہٕ کِس مقامس پؠٹھ فونیم "ۂ" یا "ہ"
موجودگی تہٕ غارٕ موجودگی۔

برعکس چھیٚ یِمہٕ اَکِس زبانۍ ہنٛز مختلف بوٗلہٕ۔ یہِ سوال حل کرنہٕ
خاطرٕ آو بیاکھ اصوٗل باونہٕ تہٕ اَمہِ اصوٗلہٕ مطابق آیہِ زبانۍ منٛز
اکھ معیٲری بوٗلی (STANDARD DIALECT) قایِم کرنہٕ۔ معیٲری
بوٗلہٕ چھیٚ یہِ خاصیت زِ سو گژھہِ ادبی لحاظ مقبوٗل تہٕ پرٕذیٖر
آسنۍ ریڈیو، ٹیلی وِجن بیترِ گژھہِ یہے بوٗلی استعمال کرنۍ۔
زبانۍ منٛز معیٲری بوٗلی قایِم سپدِتھ گژھن اَمِچہ باقے بولہٕ ساخت کہِ لحاظہٕ
اَتھ معیٲری بولہٕ ستۍ رشتہٕ ہاونۍ۔ اَمہِ مزید گژھہِ یِمن سارنٕے بولین
ماخذی زبان کُنی آسنۍ۔ یِم سٲری خیالات نظرِ تل تھٲوِتھ چھیٚ بولہٕ
ہنٛز تشریح یتھٕ پاٹھۍ سپدیمٕژ۔

زبان چھیٚ بولین ہُند ڈھانچہٕ تہٕ بولہٕ چھیٚ اَکِس خاص
ضبطس تحت پاننٕۍ اہم لسانیاتی پھیر ہاوان مگر اَمہِ پھیر
باوجود چھُ یِمن بولین اَکُے لسانیاتی ساخت یُس ساخت زبانۍ
ہنٛز معیٲری بولہٕ ستۍ رلان چھُ۔ یِمن بولین چھُ کُنے نسبی رشتہٕ
آسُن ضروری۔ بولہٕ چھیٚ پھیر (باقے طبقکین بولن والین ستۍ،
تہٕ مفاہمت (بینین طبقکین بولن والین ستۍ) کِس بُنیادس
پیٹھ تشکیل سپدان۔ بولین ہنٛز نزدیکی یا دوٗری چھیٚ ہم معنی
لفظ اظہار کران۔ MUTUAL INTELLIGIBILITY چھیٚ
بولہٕ تشکیل دِنس منٛز کم درجہ تھوان۔ زبانۍ منٛز بولہٕ پرکھاونُک
تہٕ بولین ہنٛز تشکیل دِنُک خاکہٕ نظرِ تل تھٲوِتھ ہرگاہ گریرسن نہٕ

(۳) الفاظن منز آخری مقامس پیٹھ فونیم "ہا" "ہ" پیچ موجودگی پتہ نہ عار موجوٗگی

| کشتواڑی بوٗلی | وادی منز بولن وول کاشُر |
|---|---|
| رُو | رُوہ |
| تبا | تباہ |
| کا | کیاہ |
| واراہ | واریاہ |

پیٚٹھِمن معلوٗماتن پیٹھ چھِ گریرسنن کشتواڑ بولہِ مطابق یم تاثرات پیش کرِ متی۔

"DARDIC LANGUAGE AS A RULE DO NOT POSSESS THE SONANT ASPIRATES GH, JH, ḌH, DH, BH,. THEY ARE COMMON IN KASHTIWARI AND ARE EVIDENTLY BORROWED FROM PAHARI. THUS WE HAVE GH IN GHAR, A HOUSE AND GHUR; ḌH IN KRŪDHI ANGRY DHĀM IN FEAST, BH IN BHAY, A BROTHER, BHIAN, A SISTER, BHOCCHI OF HUNGRY. WE EVEN HAVE INITIAL OR MEDIAL M

| کشتوٲری بۆلی | وادی منز بولن وول کاشُر |
|---|---|
| اوا | ہوا |
| اُفتہٕ | ہفتہٕ |
| اوٗشیار | ہوشیار |
| آیت | ہایت |
| آکھ | ہاکھ |
| اِمت | ہمت |
| یچھُن | ہیٚچھُن |
| اُن | ہوٗن |
| اُنٕ | ہوٗنٕ |

۲، الفاظن منز وسطی مقامس پیٹھ "فونیم" "ہٕ" "ہ" موجودگی تہٕ غاٗر موجودگی

| کشتوٲری بۆلی | وادی منز بولن وول کاشُر |
|---|---|
| زار | زہر |
| گانٕ | گھہنٕ |
| اِمتان | اِمتحان |
| کاٗنٕ | کہاٗنی |
| دوم | دُہیُم |

نزدیک پوان۔

"ONE OF THE TYPICAL CHARACTER OF MODERN DARDIC LANGUAGE IS THE FREQUENT HARDENING OF ORIGINAL SONNET LETTERS, SO THAT G BECOMES K, J BECOMES CH, D BECOMEMS T AND D OR V BECOMES D. THIS WAS A UNIVERSAL RULE IN THE REIGN WHEN PISACHA PRAKRIT WAS SPOKEN."

(GRIERSON 1919: 242)

کشتواڑی بولہ مطابق یہ راے قایم کرنہ ژاتھ منز چھ فونیماتی سطحس پیٹھ دردِک زبانن ہنز خاصیت لبنہ یوان، کرن حسب ذیل مثالہ ڈکھ۔

| وادی منز کاشُر | کشتواڑی بولی |
| --- | --- |
| گُنیل | کُنیل |
| گنٹھ | کنٹھ |
| گاب | کاب |
| داڑ | تاڑ |
| ڈکہ | تکہ |

BECOMING MH IN MHĀL, FATHE"
(GRIERSON 1919:348)

گریرسنس چھ یم معلوٗمات غلط فراہم سپدیمژ زِ مسموع بندشی کنسوننٹ (VOICED STOP CONSONANTS) چھیہِ کشتوٲڑی بولہِ منز ہکاریت (ASPIRATION) اختیار کران پتہ اُتھ علاقس منز براہِ راست فیلڈ وٲرک کرنہٕ پتہٕ چھ یم نتیجہٕ رُدپدان پتہ یہ حقیقت. برونہہ کُن یوان زِ مسموع بندشی کنسوننٹن چھنہ فقط ہکاری پنچ غاٗر موٗجودگی، بلکہ چھ اکثر الفاظن منز مسموع بندشی کنسوننٹ غاٗر مسموع بندشی کنسوننٹ (VOICELESS STOP CONSONANT) بنان۔ مثلن۔

| کشتوٲڑی بوٗلی | گریرسنٕنز معلوٗمات | وادی منز کاشُر |
|---|---|---|
| کرٕ | گھر | گرٕ |
| کرُ | گھوڑ | گرُ |
| پوے | بھاے | بوے |
| پینٕز | بہن | بینہٕ |
| پوچھ | بھوچہ | بوچھ |
| ماٗل | مہال | مول |

یم معلوٗمات چھ کشتوٲڑی بولہِ گریرسنٕس یتھ اصولس

سراسر غاٹر بسانی پتہ مبہم مثلن بقولِ گریرسن۔

"IT [SIRAJI] MIGHT, WITH ALMOST EQUAL CORRECTNESS, BE CLASSED AS A DIALECT OF KASHMIRI OR AS A DIALECT OF WESTERN PAHARI, BUT I HAVE PUT IT IN THE FARMER CLASS, BECAUSE IT POSSESS CERTAIN TYPICAL DARDIC CHARACTERISTICS WHICH DO NOT BELONG TO THE LATTER."

(GRIERSON 1919 : 433)

"IN FACT RAMBANI, CAN VERY FAIRLY BE DESCRIBED AS MIXTURE OF SIRAJI AND DOGRI. IT STILL POSSESS ENOUGH KASHMIRI PECULARLIES TO ENTITLE IT TO BE CLASSED AS A DIALECT OF THAT LANGUAGE."

(GRIERSON 1919 : 458)

علاقٲیی لحاظہٕ کٲشر زبانۍ ہنز بولہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ ہیمہٕ کمی گریرسن نہٕ کامہٕ منز محسوس سپدان چھیہٕ یہنز نشاندہی آیہٕ پیٚتیتھ مو ختصر پاٹھی کرنہٕ۔ تمہٕ ہنزس تحقیق منز چھ گریرسن

چونکہ معلوماتن ہنز خامی چھیہ غلط نتیجہ دِنہٕ خاطرٕ ذِمہ وار
پتہٕ امہٕ نوٗ یٚژ ہنز خامی چھیہ گریرسن سٕنہ کامہٕ منز صاف پاٹھو لبنہٕ
یِوان۔ کاشرِ بولین مطابق چھیہ کاچرٕون تہٕ یہٕ کمی محسوس کرنہٕ
پتہٕ لوٗمُت۔

"AT PRESENT THE DIALECT SITUATION OF KASHMIRI IS UNCLEAR, AND WITHOUT INTENSIVE FIELD WORK IN THE KASHMIRI SPEAKING AREAS IT IS DIFFICULT TO COMMENT ON IT."

((KACHRU 1969 : 18)

معلوماتن ہنزن خامین ہتی چھیہ گریرسنٕنہ کامہٕ منز طریقہٕ
کارچ تہٕ بولین ہنز مُناسب تشریح کرنچ تہٕ کمی محسوس سپدان۔
گریرسن چھُ باوان:۔

"KASHMIRI HAS ONLY ONE TRUE DIALECT — KASHTIWARI ...." ((GRIERSON 1919 : 233)

گریرسنٕنز یہ اصطلاح "TRUE DIALECT" چھیہ غارٕ لسانی
اصطلاح تہٕ لسانیاتکین دٲیرن منز بولہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ "TRUE"
یا امیُک ضد "FALSE" چھُنہٕ کانہہ گنجایش تھوان۔ گریرسن
ہم تاثرات سرآجی تہٕ رامبنی بولہٕ مطابق قلمبند کرمٕتی چھِہ تم چھِہ

کٲشُر زبانۍ منز وسیع علمی ذخیرٕ موجوٗد آسِتھ چھیٚ یہِ لسانیاتی
خطوٗطن پیٹھ ژُکہِ سان پرکھاونہٕ نِش تقریباً محروٗم روٗزمُت۔ یہِ زبان جدید
لسانیاتی تہٕ بولیاتی خطوٗطن پیٹھ وِشھناوُن چھیٚ وقتُک اہم ضروٗرت تاکہِ
اَمِچَن بولِیَن مُطابق ہیکہِ اَکھ تازٕ نقشہٕ برونہہ کُن یِتھ یِمہٕ ستۍ کٲشُر
زبانۍ ہنزٕ تہٕ کٲشرِ لُکن ہُند تواریخ پوٚت منظر سائنسی خطوٗطن پیٹھ
معلوٗم سپدِ۔

## حاشی

1. یہِ مقالہٕ غارٕ ٹیکنیکی زبانۍ منز بیان کرنہٕ آیہِ پوٗرٕ کوشش کرنہٕ تاکہِ
پرن والین ییہِ نہٕ یہِ مقالہٕ پرن وِزِ کانہہ تہٕ ٹھوٗر۔
2. کشتواڑی بولہِ مطابق یِم معلوٗمات فراہم کرنہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ سنجے
کُمارن (بی، ایس، سی، زراعت) شُکر گُذار یِمَو پننہٕ مصروٗفیات
لوٚب کُن تھوٚتھ میٚہ کُن واریاہ وقت صرف کوٚر تہٕ یِم معلوٗمات
فراہم کٔرۍ۔

یِمہِ کُن تہٕ اِشارٕ کوٚرمُت زِ کاشُر زبان چھےٚ معاشرتی سطحس پیٹھ (مثلن بٹہٕ، مسلمان، دیہی تہٕ شہری) فرق ہاوان مگر یہِ دٔلیل ثأبت کرنہٕ خأطرٕ چھنہٕ گریرسنَن کانہہ تہٕ ٹھوس مثال پیش کرٛمژ۔ یِمہ خأمی نظرِ تَل تھوٚوِتھ چھےٚ یہِ رائے قأیم کرٛنۍ صحیح زِ بولہِ پرکھاوَنُک خاکہٕ تہٕ گریرسنۍ بولِین ہنز وِژھنے چھنہٕ یانہٕ وۄنۍ کُنہِ تہٕ زاوِیس پیٹھ رلان تہٕ لہٰذا چھُنہٕ اَتھ تحقیقس کانہہ علمی دٔربہٕ۔ اَتھ صوٗرتس منز ین یہٕ گریرسنۍ یِم نتیجہٕ مُستند قرار دِنہٕ۔ فرگوسنن تہٕ چھےٚ گریرسنہٕ کامہِ منز معلوٗماتن ہنز تہٕ طریقہٕ کارِچ کمی ژینہٕ مٕژ تہٕ بوومُت۔

" THE EXISTENCE OF LSI [ LINGUISTIC SURVEY

OF INDIA] DOES NOT GAURENTEE SENSIBLE

DECISION, AND THE LSI IS NOW OUT DADED

IN ITS METHODS AND MUCH OF ITS INFORMATION."

(FERGUSON 1971: 151)

گریرسنہٕ کامہِ منز یِمہ خأمیہٕ آسنکہ باوجوٗد تہٕ چھُ کاشر زبان ہِنٛز خطوٗطن پیٹھ پرکھاونُک گریرسنُن اکھ اہم دیُت۔ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی "یوٚدوے گریرسنہٕ ہندِس سروے لِس منز کینژن خأمِین ہنز نشاندہی کرنٕچ گنجأیش چھےٚ توٚتہِ تہٕ چھےٚ اکھ غأرملکی آسنہٕ کِس حیثیتس منز تٔہنز کأم مقأمی عألمن تہٕ محققن ہندِ خأطرٕ قأبلِ رشک تہٕ وَتہٕ ہاوُک" (بانہالی ۱۹۷۷ : ۴۴)

## BIBLIOGRAPHY


Banihali, Marghoob
1977
"Pguli Ka:siri Zab:n hinz akh aham bu:l" Anhaar Vol 1 No: 1 Srinagar, University of Kashmir P. G. Deptt. of Kashmiri.

Dhar, Nazir A.
1983
A Sociolinguistic Study of Kamraz dialect of Kashmiri Language. Ph. D. dissertation Poona University (un-published).

1985
'Ka:siri Zaba:n manz ayza:za:t - Ma: srati: lisa:ni:sa:m' Anhaar vol. 8, No:11 Srinagar, University of Kashmir, P.G. Deptt of Kashmiri

1986
"Some significant Phonological features of Kashtwari dialect" Paper present in XV All India Conference of Linguists: Maduria Kamraj University-Maduria.

Ferguson, Charles A
1971
Language Structure and Language use California Standford University Press.

Fishman, Joshua A
1968
"The Sociology of Language - Introduction" In: Readings in Sociology of Language. The Hagua: Mouton and Co.

موتی لال ساقی

# کأشرِ زبأنی ہُند آگُر تہٕ گریس

کأشرِ زبأنی ہند آگُر وَنہٕ اَنُس تہٕ بَدِ کڈن وِزِ چھُ تمَن
گرٛنن رٔوس تہذیبی تہٕ تمدنی لہرن ہُند دیان تھاوُن یِمَو بِکہٕ وَہٕ تمِہ
تَتھ مولِس سرمایہٕ زأیِن چھُ دیتمُت یتھ یِنَہُ وَیٚتھر لوٗژ زأنِتھ
اَسی کأشُر تمدُن چھِ وَنان تہٕ یٚیمچ سنہٕ وِڈنلے کأشرِ زبان
چھیہٕ۔ کشیرِ یِم مختلف زأژن تہٕ قبیلن ہندی توأریخہٕ کِہ پتھ کالہٕ
بیٚتھ کھیٚنجن تہٕ کھیٚلین منز وأتی تِمن ہنز گرٛند کرٕنی چھُنہٕ سہل
معاملہ کینہہ، ووٗدی گوو یہٕ کینژھا اَسہٕ ڈٔلس تل چھُ تمہِ موجوب
چھِ آسٹرِک، چیٖنی، پارتھی، سیتھی، یونأنی، تُرک، بوٹہٕ تہٕ گجری
شأمِل۔ ناگن تہٕ پشاچن ہُند ذکر چھُ وُنِتام تیٚشِ پھِر آمُت

Grierson, George A
1919
Indo-Aryan Family, Northwestern Group: Specimans of the Dardic or Pisacha Languages (Including Kashmiri) Linguistic Survey of India Vol 8 Part 2 Calcutta. Reprinted Delhi: Motilal Banarasidass 1968.

Hymes, Dell H.
1964
Language in Culture and Society: a reader in Linguistics and Anthropology. New York: Harper and Row.

Kashru, Braj B
1969
A Reference Grammar of Kashmiri. University of Illinois.

Labov, William
1966
Social Stratification of English in New York City. Washington: Centre for Applied Linguistics.

Petyt, K. M.
1980
The Study of Dialect- An introduction to dialectology. Andre Deutsch.

Samarin, William J.
1967
Field Linguistics: Guide to Linguistic Field work. New York: Halt, Rinchart and Winston.

Saussure, Ferdlnand de
1959
Course in General linguistics Translated by Wade Baskin. New York: Philosophical Library. Original published in 1931.

ہُند کٲشِر تہٕ اَمکِس اَندٕ پکھٕ علاقس منز واتُن تہٕ ناممکن آسِتھ تہِ کیازِ
سانہٕ زبانٕ منز چھِ وُنہٕ تہٕ کینہہ بُنیادی لفظ موجود یمن سیدِ سیود دراوڑ
زبانٕ ستیٚ واٹھ چھُ ۔ آسہِ کہ زاژ ہندِن لوکن ہُند ناو بوزِتھ چھنہٕ
تَمبلہٕ تلنچ کانہہ ضرورت، تیکیازِ آسہِ کہ لفظ چھُ دارِہن دوستن
دوٕ پرباسان حالانکہ پرٛزر چھُ یہ زِ یم چھِ تِمے لوکھ یمن سنسکرت
کتابن منز "نشادٕ" چھُ وَنہٕ آمُت ۔ ناگن متعلق چھُ یہ وَن ضروری
زِ مہاوامشہٕ موجوب آسی مسیحس برونہہ پوٚنژمس ہتیٚلس منز ناگ
زاژ ہندی لوکھ کٲشِر پیٹھٕ گاندھار تہٕ اَمہِ اپور علاقس منز آباد ۔
چنانچہٕ بودھ ستو مدھیانتک گوو بودھ دھرمُک تبلیغ کرنہٕ کٲشِرِ
پیٹھے گاندھار یِیتہٕ ناگ بسان آسی، مہاوامشہٕ کِس بیانس
چھُ شتیٚ مس ہتیٚلس منز ہیون سوانگ تہٕ تصدیق کران ۔
دوٚیٚمِ روٚدی پشاچ، پشاچن ہُند تعلق تہٕ اوس آریائی قبیلس
ستی ۔ یِم لوکھ گئے پہاڑی علاقن منز آباد، یِمہٕ کِنیٚ یمن آریائی
تمدن کِس مرکزن ستیٚ سیدِ سیود واٹھ ژھیوٚن ۔ ضروریژ تہٕ
حالاتو بناوی یم لوکھ ہنا بُتھی پھری تہٕ تہٕ یمو کرٕ نہٕ مادانی علاقن
منز آباد آرین لوکن ہنز برتری تسلیم ۔ مادانی علاقن منز
آباد آرین آسہ نہ جفاکش پشاچن ستیٚ بُتھ لاگے کرنس
سوٚمب ہیکِتھ مگر قلم اوس مادانی علاقہٕ کِس لوکنے اَتھ ۔
تمو دیت بانٔ علاقن منز آباد لوکن پشاچ ناو یعنے کوٚچ

زِ دوٗنٛ چھِ یِم ناو کُنن گوبان ہی۔ بیاکھ اکھ قبیلہٕ ییٚس برونٛہہ کالی کشیٖر دوت چھُ کھش ہُند قبیلہٕ۔ یہِ قبیلہٕ روٗد وارِہس کالس مغربی ایشیاہس منٛز حکمران تہٕ اکہِ وقتہٕ پھرٕن بابلس گرٛہ کار تہٕ وٕتھ وار کرٕتھ ترٛوٗن۔ انگریزی ییٚس منٛز چھُ یمن لوٗکن KASSITE ونٛنہٕ آمت تہٕ سنسکرتس منٛز پیٚوو یمنٛہٕ کھش ناو۔ اِمے قبیلہٕ کین لوٗکن چھ پہاڑس منٛز کھکھ تہٕ کاشرِس منٛز کھاہ ونان۔ اَز تہٕ چھ اَمہِ ذاتِہ ہِندی لوٗکھ راز ویر تہٕ باہہ ہندس علاقس منٛز آباد۔ ویدک آرین چھِنہٕ تِم لوٗکھ یِم گوڈٕ انوار ہندوستان آے۔ آسٹرک تہٕ دراوڑ آسی ویدک آرین برونٛہہ یور آمتی۔ یِمہٕ دراوڑ اکہِ شہری تمدنُکی بانی کار بنیٚ یہٕ تہٕ روٗدی آسٹرک گامن گھٹن منٛز لسان لسان تہٕ یِم لوٗکھ آسی ساری سے ہندوستانس منٛز چھکرِتھ یِمُک ثبوت تِمہٕ لفظہٕ دٕتریٚتی لگان چھُ ییٚس آسٹرک زبانٛ ہُند لفظ ووٗترٕ دوٚیمین بھارتی علاقایی زبانن منٛز تہٕ خود سنسکرت زبانٛ منٛز دٕنہِ موجود چھُ۔ آسٹرک لوٗکن ہنٛز اکھ کھیٚج اُس کشیٖرِ تہٕ واتِمژ یِمُک ثبوت آسہٕ کاشرِ زبان تہٕ فراہم چھِنہٕ کران تہٕ یِتھ زبانٛ گریرسن پاشِگلی ناوٕ ناگ زبان تصور چھُ کران تتھ نسبت چھُ جدید لسانی تحقیق ونان زِ کافرن ہنٛز یہٕ زبان چھِنہٕ بذاتی آسٹرک زبانٛ ہندے مُژی دوٗنٛ۔ پیٚتھے کُنٛ ہیٚکہِ تہٕ دراوڑن

ہُند کُشیرِ تہٕ اَمِکِس اَندٕ پکھٕ علاقس منز واتُن تہٕ ناممکن آسِتھ تہٕ کیازِ
سانہِ زبانٕ منز چھِ وُنہِ تہٕ کیٚتھہ بُنیادی لفظ موٗجوٗد یِمن سیٚدِ سیٚود دراوڑ
زبانٕ ستٕ واٹھ چھُ ۔ آسہٕ ک زاژ ہندِ لوٗکن ہُند ناو بوٗزِتھ چھِنہٕ
تمبلہٕ تلنچ کانہہ ضروٗرت، تکیازِ آسہٕ ک لفظ چھُ وارِہن دوستن
دِہ پرباسان حالانکہ پرزِ چھُ یہِ زِ یم چھِ تمے لوٗکھ یِمن سنسکرت
کتابن منز "نشاد" چھُ وَنہٕ آمُت ۔ ناگن متعلق چھُ یہِ ونُن ضروٗری
زِ مہاوامشہٕ موٗجوٗب آسی میسحنٕ بردہہ لوٗنسٕ رس ہتی لس منز ناگ
زاژ ہندی لوٗکھ کشیرِ پیٹھ گاندھار تہٕ اَمِہ اپور علاقس منز آباد ۔
چنانچہِ بودھ ستو مدھیانتگ گوو بودھ دھرمُک تبلیغ کرنہٕ کشیرِ
پیٹھے گاندھار ییٚتہٕ ناگ بسان آسی، مہاوامشہٕ کِس بیانس
چھُ ستہٕ مس ہتی لس منز ہیون سوانگ تہٕ تصدیق کران ۔
دوٚدٕ روٗدی پشاچ، پشاچن ہُند تعلق تہٕ اوس آریائی قبیلس
ستی ۔ یم لوٗکھ گٔے پہاڑی علاقن منز آباد، یِمہِ کِنہٕ یِمن آریائی
تمدن کِس مرکزن ستہٕ سیٚدِ سیٚود واٹھ ژھیوٚن ۔ ضروٗرژ تہٕ
حالاتو بناوی یم لوٗکھ ہنا بُتھی پھری تہٕ یمو کرٕ نہٕ مادانی علاقن
منز آباد آریٚن لوٗکن ہنز برتری تسلیم ۔ مادانی علاقن منز
آباد آریٚن آس نہٕ جفاکش پشاچن ستہٕ بُتھ لاگے کرنس
سوٚمب ہیکِتھ مگر قلم اوس مادانی علاقہٕ کِس لوٗکنے اَتھہٕ ۔
تمو دیُت بالٕ علاقن منز آباد لوٗکن پشاچ ناو یعنے کوٚچ

زِ ووٚزٕ چھِ یِم ناو کٕنٛ گوبان ہی۔ بیاکھ اکھ قبیلہٕ یُس بروٚنٛہہ کالی کشیرِ ووت چھُ کھش ہُند قبیلہٕ۔ یہِ قبیلہٕ رُوٚد وارِہہس کالس مغربی ایشاہس منٛز حکمران تہٕ اکِہ وقتہٕ پھِرُن بابلس گرٕکار تہٕ وٕتھ وار کٔرِتھ ترٛوٚوُن۔ انگریزی یَس منٛز چھُ یِمَن لوٗکَن KASSITE وَننہٕ آمت تہٕ سنسکرتس منٛز پیوٚو یِمنٛہٕ کھش ناو۔ اَمہِ قبیلہٕکین لوٗکن چھِ پہاڑٕس منٛز کھکھ تہٕ کاشرس منٛز کھاہ وَنان۔ اَز تہٕ چھِ اَمہِ زاژ ہِندی لوٗکھ راژوٕر تہٕ باہَنارِہِ ہِندس علاقس منٛز آباد۔ ویدک آریَن چھِنہٕ تِم لوٗکھ یِم گوڈٕ انوارِ ہِندوستان آے۔ آسٹرک تہٕ دراوڑ آسی ویدک آریَن بروٗنٛہہٕ یور آمتی۔ یِمَو دراوڑ اکِہ شہری تمدنٕکی بانی کار بٔنٕی یہٕ تہٕ رُوٗدی آسٹرک گامَن گھٕٹ منٛز لسان لبسان تہٕ یِم لوٗکھ آسی سارِسے ہندوستانس منٛز چھکرِتھ یِمُک ثبوت تِمہِ لفظٕ وٕترِ ستی لگان چھُ یُس آسٹرک زبانہِ ہُند لفظ ووٚترُ دوٚیمین بھارتی علاقایی زبانَن منٛز تہٕ خود سنسکرت زبانہِ منٛز وُنہِ موجود چھُ۔ آسٹرک لوٗکن ہنٛز اکھ کھیٚج اُس کشیرِ تہٕ واٗژمٕژ یِمیُک ثبوت آسہٕ کاشرِ زبان تہٕ فراہم چھیٚنہٕ کران تہٕ یِتھ زبانہِ گریرسن باشگلی ناوٕ ناگ زبان تصور چھُ کران تتھٕ نسبت چھُ جدید لسانی تحقیق وَنان زِ کافرن ہنٛز یہٕ زبان چھیٚنہٕ بذاتی آسٹرک زبانہِ ہُندٕ مُژی ووٚزٕ۔ یِتھے کٕنٛہِ ہیکہِ نہٕ دراوڑن

پوٚکمُت زِ ژکس تام وانن چھُ سۄدر پاژِتھ ژکہٕ تلہٕ چوٚن لایق آب
کڈنس برابر بنیومُت آسان ۔ بےٚ شوٚنکھ پاٹھی زبانہِ ہُند پانس
اندر ژوٚمینِ تہذیبن ہُند ہُرتر جذب کرُن چھیہٕ اکھ ژھینہٕ رۄس
عمل یتھ متعلق عالمن کاٚنہہ تہٕ اختلاف آسہٕ نہٕ ۔

یہٕ سورُے زانِتھ تہٕ اُتھ ساریہس وۄن دِتھ چھُ کاشِر زبانہِ
ہُند آگر نیب بُد کڈُن تیٚلی ممکن یٚلہِ تَم ساری تہہ مُژراوٕنہٕ ین
یمو مَنزِ کاشِر زبان اَسہٕ تام واتٕمِژ چھیہٕ ۔ جلد بازی منز کانہہ
فٲصلہٕ دِین چھُنہٕ تحقیقہٕکین قاعدن کو مہ ہیکان اَنِتھ تہٕ اَمِکی
ہیکَن ناکارہ نتیجہٕ نیرِتھ ۔ تحقیقس منز گژھن ہمیشہٕ عقیدِ بدلہٕ
حقایق تہٕ واقعات وَتہٕ ہاوِکی آسنی ۔

گرِیرسنس یہٕ رِٹہٕ کھاُرن چھُ سراسر ناانصافی زِ تمہٕ
لیوٚکھ سرکاری سرپرستی منز یمہٕ کنہِ تَسندی نتیجہ تہٕ نظریہٕ درست
ہیکَن نہٕ آستھ ۔ اَسہٕ چھُنہٕ یہٕ وُچھُن زِ تمہٕ کیتھ پاٹھی لیوٚکھ بلکہ چھُ یہٕ
وُچھُن زِ تمی کیا لیوٚکھ تہٕ تتھ کیا چھُ مول ۔ کاشِر زبانہِ ہندِس
آگرنیبس متعلق گرِیرسنن نظریہٕ رد کرُن چھُنہٕ تیوت سہل یوت
سہل اسہٕ زونمُت چھُ، تہٕ کیازِ تیٚلہِ چھُ اسہٕ زبانہِ ہندِس
اُکس پوٚرِ خاندانس متعلق ینُن نظریہٕ بدلاوُن تہٕ یہٕ چھُنہٕ توٚت تام
ممکن یوٚتام نہٕ تمن سارنے زبانن بیٚٹھ نوِ سر کام ییہٕ کرنہٕ یمہٕ
زبانہِ پٕژاچ خاندانچہِ الگ لنجِ گنٕزرنہٕ چھیہٕ آمژٕ ۔ کھیٚلہِ منز

ماز کھینہٕ واٲلی تہٕ غارٕ مہذب ۔ یہٕ ناو آس نہٕ بذاتی یمَن لوٗکن ہنز ذات بلکہ ریژھ ۔ مگر یہٕ لیکھِتھ گوو تہٕ گوو ہوٚکھتھ تہٕ اَمہٕ پتہٕ رۆودی یم لوٗکھ پشاچ ناوے لوٗکن ڈٲنس تل ۔

کاشرِ زبٲنی ہُند آگرِ نیب بدکڈُن چھُ اکھ حسین دُنیا ۔ اکھ تیُتھ حسین دُنیا یتہٕ رنگَن ہند گنجار نظرن گیوٗر تلان چھُ ۔ پزر چھُ یہٕ زِ لسٲنی نسلیاتکین ماہرن ہندِ باپتھ چھیہٕ سٲنی زبان تیتھ زرخیز تہٕ لوٗج زِ بے لاگ تحقیق ہیکہِ ترٛژھن کتھن ہندیہِ پتاہ کڈِتھ یمَن ہند وُنتام ذِکر تہٕ سپدمت چھُنہٕ ۔ یہٕ چھُ اکھ تیُتھ شعبہ یتھ کُن وُنہٕ دیان دِین باقے چھُ ۔

لوٚدوٗے میہٕ زیٹھِ زیوٗٹھ تمہید گنڈنس عادت چھُنہٕ مگر کتھ چھیر دِین باسیوم ضروٗری، ییتھ زن سورُے پوٚت منظر بروٚنہہٕ کنہٕ روزِ، تہٕ اوٚکنِ زِ اَسی ہیکون نہٕ کانہہ تہٕ زبان تمہِ علاقکہِ تمدنی پوٚت منظرِ نش بدوٗن کڈِتھ پرکھٲوِتھ ییتھ علاقس منز سہ زبان بولنہٕ آسہِ یوان یمیانین نظرن منز چھیہٕ زبان تمدنی اکھ واہچ سارِہے کھوتہٕ حسین تہٕ جمیل علامت یوس بےشونکی پاٹھی پانس اندر تہٕ سورُے رٹِتھ چھیہٕ تھوان ییتھ کُن اکثر پرٛی متین لیکھی متین دیان چھُنہٕ گرٛژھان تہٕ یمہِ ساتہٕ پرٛی متین اتھ کُن دیان گرٛژھان چھُ، تمہِ ساتہٕ چھُ تہذیبی سفر تیوٚت بروٚنہہ آسان

پۆکمُت زِ ژِکس تام وانُن چھُ سُندر پاژِتھ ژکہِ تلہٕ چۆن لایق آب
کڈنس برابر بنیومُت آسان ۔ بےشونکھ پاٹھی زبانٕ ہُند پالُس
اندر دۆیمین تہذیبن ہُند ہُرتُر جذب کرُن چھیہِ اکھ ژھینہٕ رۆس
عمل یتھ متعلق غالبن کانٕہ تہٕ اختلاف آسہِ نہٕ۔

یہٕ سورُے زانِتھ تہٕ اکھ ساری ہے وۆن دِتھ چھُ کاشُر زبانٕ
ہُند آگر نیب بدٕ کڈُن تیٚلی ممکن یٚلہِ تِم ساری تھہٕ مُژراوہٕ ین
یمو منزٕ کاشر زبان اُسہٕ تام واژمژ چھیہِ ۔ جلدبازی منز کانہہ
فاصلہٕ دینُن چھُنہٕ تحقیقکین قاعدن کومہِ ہیکان اِنتھ تہٕ اَمِکھ
ہیکُن ناکارٕ نتیجہٕ نیرِتھ ۔ تحقیقس منز گژھن ہمیشہِ عقیدٕ بدلہٕ
حقایق تہٕ واقعات وُنہٕ ہاوِکی آسنی۔

گریرسنس یہٕ رٕٹھ کھارُن چھُ سراسر ناانصافی زِ تمی
لیوکھ سرکاری سرپرستی منز یمہٕ کنہٕ تہندی نتیجہٕ تہٕ نظریہٕ درست
ہیکُن نہٕ آستھ ۔ اُسہِ چھُنہٕ یہٕ وُچھُن زِ تمی کتھ پاٹھی لیوکھ بلکہ چھُ یہٕ
وُچھُن زِ تمی کیا لیوکھ تہٕ تتھ کیا چھُ مول ۔ کاشر زبانٕ ہندِس
آگرنیبس متعلق گریرسنُن نظریہٕ رد کرُن چھُنہٕ تیوت سہل یوت
سہل اُسہِ زونمُت چھُ، تہٕ کیازِ تیٚلہِ چھُ اُسہٕ زبانٕ ہندِس
اُکس پۆرہٕ خاندانس متعلق ہنُن نظریہٕ بدلاوُن تہٕ یہٕ چھُنہٕ تووت تام
ممکن یوٚتام نہٕ تِمن سارنے زبانن ہیٚتھ نوٚ سرٕ کام یہٕ کرنہٕ یمہٕ
زبانٕ پشاچ خاندانچہِ الگ لنجہِ گنزرنہٕ چھیہِ آمژٕ ۔ کھیلہِ منز

ماز کھیٚنہٕ وٲلۍ تہٕ غار مہذب۔ یہٕ ناو آس نہٕ بذاتی یِمن لُوٗکن ہُنز
ذات بلکہ رێژہ۔ مگر یہٕ لێکھتھ گوٚو تہٕ گوو ہوٚکھتھ تہٕ اَمہٕ پَتہٕ
رُوٗدی یِم لُوٗکھ پِشاچ ناوے لُوٗکن ژٕنس تل۔

کٲشُر زبٲنۍ ہُند آگُر ییٚنہٕ بَد کڈُن چھُ اکھ حسین دُنیا۔
اکھ تیُتھ حسین دُنیا ییٚتہٕ زِگن ہُند گنجار نظرِ گیوٚر تلان چھُ۔ یِنز
چھُ یہٕ زِ لسٲنی نسلیاتکین ماہرن ہندِ باپتھ چھیہٕ ساٲنۍ زبان تیٚژ
زرخیز تہٕ بوٚج زِبے لاگ تحقیق ہیٚکہِ ترٛٲمن کتھن ہندِ پیٚتاہ
کڈِتھ یِمن ہند دُنستام ذکر تہٕ سپُدمت چھُنہٕ۔ یہٕ چھُ
اکھ تیُتھ شعبہٕ یتھ کُن وُنہٕ دیان دیُن باقے چھُ۔

یوٚدوٚے میہٕ زیٹھ زیوٗٹھ تمہید گنڈنس عادت
چھُنہٕ مگر کتھِ پھیر دیُن با سیوم ضرورۍ۔ ییٚتھ زن سورُے
لوٚت منظر برونہہ کنہٕ روز، تہٕ اوٚنِز زِ اسی ہیکون نہٕ کانہہ
تہٕ زبان تمہِ علاقکہِ تمدنی لوٚت منظرِ نش بدوٚن کڈِتھ
پرکھٲوِتھ یتھ علاقس منز سۅ زبان بولنہٕ آسہِ یِوان۔ میانین
نظرن منز چھیہٕ زبان تمدنی اکھ واسیح سارِوے کھوتہٕ
حسین تہٕ جمیل علامت یوسہٕ بێے شونکی پاٹھی پانس اندر تہٕ
سوٗرُے رٹِتھ چھیہٕ تھوان ییٚتھ کُن اکثر پرٛیمتین لیکھیمتین
دیان چھُنہٕ گژھان تہٕ ییٚمہِ ساتہٕ؛ پرٛیمتین اتھ کُن دیان
گژھان چھُ، تمہِ ساتہٕ چھُ تہذیبی سفر تیوٚت برونہہ آسان

درِد زبانٕ (۱) شِنا یا شنِٕیا (۲) کٲشُر (۳) کوہستٲنی۔ کافر قبیلچن زبانَن متعلق کتھ کران چھُ گریرسن لیکھان زِ یِمَن منٛز چھُ اکثر دٕ، لامس منٛز تبدیل گژھان ییٚمہٕ کِنۍ یِمَن مشرقی ایرٲنۍ زبانَن ستۍ کٲفی ہشر چھُ مگر یِمو زبانو چھُ اندی پکھی زبانَن ہند اثر تہٕ قبوٗل کوٚرمُت۔ کھووٕرِ متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ کھووٕر چھےٚ خاص قسمُک درد زبان مگر یہِ چھےٚ کم کاسہ دوٚیمین زبانَن مقابلہٕ اکھ آزاد مرتبہٕ تھاوان۔ یوٚدوَے اَتھ کافر قبیلس ستۍ تہٕ کیہنہ چیز رلان چھِ۔ درد زبانَن نِش چھےٚ اَکی تھدی بالن پےٚ ژھینہ کرٕمژ تہٕ یِمَن ستۍ چھُس سٹھاہ کم مُشترکہٕ۔ تمام درد زبانو اندر چھےٚ کھووٕر ایرٲنی گھاچھا زبانَن نکھہ یِمہٕ ہندوکش کِس شمالس منٛز بولنہٕ چھےٚ یِوان۔

درد قبیلس متعلق بحث کران چھُ تہٕ لیکھان زِ درد قبیلس منٛز چھےٚ خاص دردستانچہِ زبانٕ شامِل۔ ژھوٚٹۍ پاٹھۍ یہِ زِ گِلگتُک شِنا بولن وول علاقہٕ، گریز، چِلاس، بندہٕ پچھر تہٕ سوات کوہستان۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ ہونزا نگر تہٕ چترالُک علاقہٕ شامِل۔ کٲشر ورٲے چھےٚ درد قبیلچہِ زبانٕ وُنۍ کِین اُتھی علاقس تام کم کاسہ محدوٗد۔

خاص درد زبانٕ ہنٛز سارِوے کھوتہٕ پرژ مثال چھےٚ گریرسنہٕ ہندی کِنۍ شِنا۔ اَمِچ مُعتبر صوٗرت

الگ کٔڈِتھ صرف کاشُر زبانے پانٔژ موضوع بناوِتھ ہیکہٕ نہٕ کینٛہہ
اَند وآتِتھ تہٕ اَوٕکنہِ زِ کانٛہہ تہٕ کینٛہہ واتہٕ نہٕ تۄتام مُنزٕ یُس یوٚتام
نہٕ تٔمۍ سُند سیاق وسباق اَسہِ نظرن تَل آسہِ۔

گریرسن چھُ کاشُر زبانۍ بذاتِ پِشاچ زبانن ہندِ خاندانٕچ
زبان گنٛزراوان مگر تٔمۍ چھُ اکثر جایہِ پِشاچ لفظ بدل لفظ 'درد'
وَرتوومُت تہٕ کیازِ پِشاچ لفظہٕ ستۍ اوس کینٛژن لُکن باسان زِ امہٕ
ستۍ چھیہٕ تہنٛز تحقیر سپدان۔ حالانکہِ قدیم سنسکرت لِکھاریو
چھہِ بروٚنٛہہ کالہِ پیٹھہٕ امہِ علاقکۍ لُکھ (شمال مغربی سرحدی علاقہٕ پِشاچ
ناوٕ گنٛزراوِمتۍ۔ تٔمۍ چھُ زبانن ہندِس امہِ خاندانس مجبوٗری
موکھہٕ درد خاندان ناو ہیوٚکمُت نہٕ اوس تہٕ امہِ کینٛہہ پیٹھہٕ متفق
زِ امہِ خاطرٕ چھُ پِشاچ ناوے مناسب تہٕ یہ ناو چھُ تٔمۍ لٕوٗنی
سروے ہندِس دوٚیمِس جلدس منٛز اکثر ورتوومُت۔

درد زبانۍ ہندِس خاندانس چھیہٕ تٔمۍ تریہٕ باگنہٕ کرمٕژ۔

(۱) کافر زبانن ہندِس قبیلس منٛز چھیہٕ تٔمۍ یمہٕ زبانہٕ اَنہٕ مٕژ۔
(۱) باشگلی (۲) داے الا (۳) واشی دری یا وَرِن (۴) اشکند
کلشہٕ۔ پشلیے (امہِ کرانس منٛز چھیہٕ یمہٕ بولہٕ شامِل)
(۱) کلاشا (ب) گوار باٹی یا نارستی (ج) پشایی، لاگمانی
یا دِہ گانی (د) دری (ہ) تراہی۔

(II) کھووٗر، چترالی یا ارنیا (III) درد قبیلہٕ تہٕ ڈیٚھ گوو خاص

یموٗ بروٚنہہ کنٛ لیچھ جدید ہندوستانٛی زبانن ہند رنگ روٗپ روٗٹ۔

یم آریا پتہ کنٛ ہندوکُش کِس شمالس کنٛ رۄدی تہٕ یم ہندوستان

آے تہٕ آے مشرقس تہٕ مغربس کنٛ ژھکرتہٕ۔ یم لوٗکھ مشرقس کنٛ درا

تہٕ پامیرٕ گے آباد چھہ وونی گالچا بولان تہٕ تم یم مغربس کنٛ گے

تم بیٹھی مرلو، نارس تہٕ بلوچستانس منز ڈیرٕ دِتھ تہٕ یہندۍ

اولاد یمہٕ زبانٛی بولان چھہ تمہٕ زبانٛی چھیہٕ گالچا ہیتھ ایرانٛی زبانٛی

ہندِس داٗیرس منز لیوان۔ ییتھٕ پاٹھۍ چھیہٕ کاشُر زبان گریرسنہٕ

موٗجوٗب اکھ سوٗ زبان یوسہٕ سنسکرت چہٕ کھوتہٕ منز پھانٛچھلتھ

تہٕ اکھ الگ وجوٗد چھیہٕ تھاوان تہٕ اتھ چھُ سنسکرت زبانٛی

ستۍ یوٗہے بڈٕ بڈٕ ماسہٕ ناوٕ ہُند ہیوٗ رشتہٕ۔

کاشرِس کِتھ حدس تام چھُ دوٚیمین ستۍ ہشر تتھ کنٛ چھُ گریرسن

خاص دیان دتیمُت:۔

| کاشُر | کاف (کلشا) | شنا | کاشُر | کاف (کلشا) | شنا |
|---|---|---|---|---|---|
| اکھ | اِک | اِک | سَتھ | ستہہ | ستھ بت |
| زٕ | دُ | ڈ | آٹھ | اُشٹھ | الھٹھ |
| ترٕے | ترٕیہہ | ترٕیہہ | | | |
| ژور | چار | چار | نو | نہٕ | نو |
| پانژھ | پونج | پٔش | داہ | رٔش | ڈیس |
| شےٚ | شوہ | شاہ | | | |

چھیٚہ سٕعے یوٚسہٕ گلگتکِس اَندۍ تِکِھ علاقس منٛز بولنہٕ چھیٚہ یِوان پوٚز
اَکھ چھیٚہ واریاہ بولہِ یِمن منٛز اسٹوٗر، گرٛیز، چلاس تہٕ بروک پا
شٲمِل چھیٚہ۔ بروک پا چھُ شنٛ ہُند اکھ الگ قبیلہٕ بولان
یُس بلتستانکِس مشرقی سرحدس پیٹھ بسان چھُ تہٕ اَکھ پیٹھ چھُ
تبتی زبٲنۍ ہُند اثر۔ کٲشُر چھُ کشیٖرِ ہنٛز بیٚھرِ تہٕ ہمسایہٕ بیٚھرن
منٛز بولنہٕ یِوان۔ یِودوے اَمیُک ژوٗک درد چھُ مگر اَتھ پیٹھ
چھُ ہِند آریٲیی زبانن ہُند کٲفی اثر پیوٚمُت یمہٕ جنوٲبس کُن
بولنہٕ چھیٚہ یِوان۔ یہِ چھیٚہ واحِد درد زبان یتھ منٛز ادب چھُ۔
گرِیرسن چھُ تسلیم کران زِ درد زبانن منٛز چھیٚہ کیٚہہ خصوٗصیژ
تِرٛژھ یمہٕ ہِند آریٲیی زبانن منٛز نظرِ چھیٚہ گژھان تہٕ کیٚہہ
تِرٛژھ یمہٕ مشرقی ایرٲنی زبانن منٛز بُتھِ چھیٚہ پیوان۔ چنانچہٕ چھُ
سہٕ راز اشوکَن ہندِس شہباز گڑھی ہندِس کتبس منٛز کیٚہہ تِتھۍ
لفظ بٕدِ کڈان یِمَن ہُند تعلُق درد زبانن سٟتۍ چھُ۔ پِشاچی کِتھ پٲٹھۍ
دژایہٕ ہِند آریٲیی زبٲنۍ نِش بدوٗن تِتھ متعلق چھُ گرِیرسن
سائنسی بُنیادَن پیٹھ نتیجہٕ اخذ کران۔ ایرٲنی تہٕ ہِند آریٲیی زبانن
سٟتۍ کیٚہہ چیٖز مُشترکہٕ آسِتھ تہٕ چھِ درد زبانن پننۍ الگ صفت۔
ژٕ ساس تہٕ ۱۵۰۰ ؤری مسیحس درمیان وٲتۍ کابل وادی کِنۍ ہِند
آریٲیی ہندوستانکِس مٲدٲنی علاقس منٛز۔ تمہٕ ساعتہٕ آسہٕ آریٲیی
مشترکہٕ زبٲنۍ کیٚہہ خاص خصوٗصیژ یمہٕ حملہ آوَروٚ پانَس سٟتۍ اَنٕز تہٕ

تمام چھُ ہشُر۔

| شنا | کاشُر | شنا | کاشُر | شنا | کاشُر |
|---|---|---|---|---|---|
| پُچرکوٗ | ژوٗک | پھتوٗ | پتہٕ | روشن | رِش |
| کون | کان | پاپی | پوٗچھ | ما | ماس |
| شارو | ہرُد | مجہ | مسترٕ | چوٚپ | ژوٚپ |
| نِلو | نیوٗل | ٹنڈرٕلہ [۱] | شرُ | پُٹ | پھُٹ |
| شا | شاہ | گرٕ | گرٕوٕ | دُنو | داند |
| ڈُنٹ | دوٗنٹ | گو | گاو | گو | کاو |
| نٹ | ٹرھ | دلس | دوہ | رٕمر | مرٕ |
| دَر | دَر | ٹکوٗ | ہوٚکھ | کون | کن |
| بوٗہشیال | بُنیُل | ہستو | ہوٚس | اُچھ | اُچھ |
| مالو | موَل | دِ | دِ | تتو | توٚت |
| مار | مار | باش | باشہٕ | چھون | چھوٚن |
| نو | نوٚن | نوٗ | نوٚو | راتی | راتھ |
| دِش | دِش | پرٕدنو | پرون | اُتھ | ووتھ [۲] |
| رو | رو | ساتی | ستہٕ | کوم | کام |

۱ اَسی چھِ وُنہٕ تہٕ یہِ لفظ ورتاوان مثلن پیوٚو وَاَتھ "ٹنڈری گڈری" ہیتھ

۲ گریرسنٕ چھُ اگر، لفظک کاشُر مبدل اگرُٹ، لیوکمُت یہِ زن دُرُس چھُنہٕ. گرٕ لفظ چھِ کاژرکِس معنیس منز اَسی از تہٕ ورتاوان۔

ییٚتہٕ بوت بہٕ کاشرِ کہ واریاہ لفظ چھہٕ باشگلی تہٕ کھووٗر زبانیٚ

منٛزٕ تہٕ رلان۔

کافرٕ ن زبانیٚ منٛز چھُ ئل لفظ یُڈ ہندِس معنیس منٛز استعمال سپدان

تہٕ اَتھی معنیس منٛز چھُ "گُج" لفظ کافر (کلشا) زبانیٚ منٛز ورتاونہٕ یوان۔

یم دوٚ شورے لفظ چھہٕ ژُونہٕ تہٕ کم کاسہٕ "لول" تہٕ کوٚ چھ "ٹینٛھ" کاشرِس

منٛز ورتاونہٕ یوان۔ باشگلی زبانیٚ منٛز چھُ 'کھوٗر' خاطرٕ 'کھیٚتر'، مگر کلشا

کافر زبانیٚ منٛز چھُ 'کھر' لفظ ورتاوس۔ روٗپ چھہٕ کلشا زبانیٚ منٛز

رُوا ونان تہٕ شینا زبانیٚ منٛز چھہٕ اَتھ رُپ ونان۔

یمہٕ چھےٚ صرف کیٛنہہ مثالہٕ مگر ییٚمہٕ اعتبارٕ چھےٚ اہم زِ

لفظہٕ وُترس منٛز ہشر آسُن چھُ سوچنچ دروازٕ ژُھتی تراوان۔ بابہٕ چھُ

اَسہٕ مانُن زِ اَتھ علاقس منٛز یم لُوکھ لسان بسان چھہٕ تِم چھہٕ مادانی

علاقو پیٛٹھٕ اورٕ لسنہٕ گامتیٚ تہٕ کاشرِ زبان چھےٚ موٗلہٕ بوٗدٕ۔ ییٚمہٕ

پیٛٹھٕ مختلف زبانوٕ ووٚزُم ووٚرُد چھُ کوٗرُمت۔ یہ زن تواریخی

سفرس ستیٚ واتھٕ چھنہٕ کھوان یہ گیہ، ترٛشہے ہش کتھا زِ ویتھ کھہٕ

کھادن یارٕ پیٛٹھٕ واپس نٮ۪تہٕ پییہٕ اَسہٕ مانُن زِ آریایی زبان اَستھ

تہٕ چھُ کاشرِ زبانیٚ اکہٕ الگ آگرٕ نیب یوان یُس مشرقی ایرانس

منٛز چھُ۔

گریرسن چھُ کاشرِس تہٕ شنا زبانیٚ ہندِس لفظہٕ وُترس

تہٕ سنان تہٕ تقابل کرٕتھ ہاوِتھ دِوان زِ یمن منٛز کتھ حدس

درد زبانٕن چھ آوازدار اچھرن پیٹھ ٹھک زور کم کران یتھ پاٹھو گوڈے
اتھ کُن اشارہ کرنہٕ آو۔ یتھ صوٗرت چھنہٕ خاص ہندوستانس منز مگر
کأشرِس چھ یہ عام قاعدہ۔

جدید درد زبانن ہنز اکھ خاص تہٕ زانٛنہٕ لایق خصوٗصیت
چھیہٕ زٕ آوازدار اچھر چھ اکثر گوہن اچھرن منز بدلان ییٚمہٕ کنہٕ ج، گ،
جے، چھ، ڈ، ٹ، د، ٹ تہٕ ب یاو، پ چھ بنان۔ یہ قاعدہ
اوس تمہٕ ساتہٕ عام ییلہٕ پشاچی پراکرت بولنہٕ اوس یوان۔ وقتس ستی
ستی چھ واریاہ گوٚبی اچھر نوٚہن اچھرن منز تبدیل گامتی یہ زٕن زبانن
ہنز ترقی ستی سپدن لازمی چھ پوٚز تیوٚت کرِتھ تہٕ چھیہٕ گوہن اچھرن
ہنز وارِیاہ مثالہٕ وُنہٕ تہٕ ڈیٚجہٕ تہٕ دوٚیمین زبانن نش لفظ وۄزم انن
دِز چھیہٕ یہ عمل بییہٕ شروٗع سپدان مثلن فارسی لگام لفظ بنیوو
کأشرِس منز "لاگم" تہٕ "کاغذ" بنیوو "کاکد"۔
"د" کیتھ پأٹھی چھ "ٹ" بنان تمِچ مثال چھ سنسکرت
شوٗپدا یتھ کأشرِ پأٹھی ہاپت چھ بنیومُت۔ یتھے پأٹھی چھ سنسکرت
شوٗس کأشر "ہیچھ" لفظ بنیومُت۔

کأشرِس متعلق یہ کینژھا گریرسن لیوکھمُت چھ تتھ چھیہٕ
زبردست اہمیت تہٕ اتھ نظر انداز کرِتھ ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ کأشرِس
لسانیاتس پیٹھ کتھ کرِتھ۔ تمی سُند دعوی تہٕ دلیل چھ تیوٚت وزن دار
یتھ پیٹھ بحث کرنہٕ خاطر وارِیاہ وق تہٕ اتھ ستی زبردست زانٛکاری

کتھ زیکھ ڈنگ چھنہ میہ کاہہ منتہ مگر اکس کتھ کن توجہ پھرن چھم

ضروری باسان زِ واریاہ تم لفظ یمن ہُنز شناخت صورت گریرسن درج چھیہ

کرمژ تم چھ کنہ تبدیلی ورائے اسہِ لل دیدِ تہ حضرت شیخ رح ہندس

کلامس منز نظرِ گژھان مثلن یہ ہستو، تتو، نو، دش بیتر۔ یتھے پاٹھی ییتہ

اسی اکثر 'ستی' لفظ ورتاوان چھِ تتہ چھ کینژن علاقن منز وُنہ "سأتی"

لفظ ورتاوس تہ یتھ پاٹھی چھ اسہ برونٹھ پیٹھے کاشرِس تہ شناہس درمیان

رشتک بےپناہ لگان۔ گریرسن سُند یہ ونُن چھ پننہ جایہ سیٹھاہ اہم زِ

ماہر لسانیات ہنزِ خاطر چھیہ کاشر سیٹھاہ اہم زبان، تہ کیاز یہ چھیہ واحد

آریائی زبان یتھ یہ صورت چھیہ زِ تجزیأتی زبأنی پیٹھ ییس ترکیبی زبأنی

ہند روپ دنہ۔ ہندوستانچ سارِوے کھوتہ پرأنی ڈنس تل زبان

چھیہ ویدک سنسکرت یتھ زبردست ترکیبأتی صلاحیتھ آس۔

گریرسن چھ پوگلی، سراجی تہ رام بنی زبانن کاشرِچے بولہ مانان،

یمو منز رام بنی بولہ پیٹھ ڈوگریُک اثر چھُ تہ باقے دون بولین پیٹھ مغربی

پہاڑی غالب چھیہ گامژ۔ مگر کشتواڑی بولہ متعلق چھُ گریرسن لیکھان

زِ یہے یاژ چھیہ کاشرِچ اکھ صحیح بولی۔ آواز تہ بنیاز پیٹھ بحث

کران چھُ گریرسن کینژن بنیادی کتھن کن سون توجہ پھران۔

"کینژو وونم لفظو ورأے چھنہ کنہ تہ جدید درد زبأنی منز

تتھی اچھر یمن شاہ ہیہ ستی نئی آواز نیریلہ یتھی اچھر کنہ لفظک

حصہ آسن یا اُسہ تھل اچھر چھ ڈسی یوان تہ گھ چھ اگ، جھ

ج زِ، ڈھ، رِ تہ دھ تہ بھ چھ ب بنان۔ سارِیے جدید

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کشتواڑی تہٕ گریرِس

## اکھ سام

تھدِن شینہٕ بالَن تہٕ گنٕہن یارِ وَنَن منز باگ پاڈرچہٕ نیلم کھانہٕ ہمسایہٕ تہٕ چناب دٔریاوکِس بُٹھِس پیٹھ واقع کشتواڑچ سرسائے تہٕ خوٗبصوٗرت سرے چھیٚ قدیم تہٕ دسطی کأشر کلچرُک اکھ تیتھے محافظ خانہٕ باسان یُتھ پانہٕ خوٗبصوٗرت کٔشیر وسطِ ایشیاکِ میڈیول کلچرُک محافظ خانہٕ باسان چھیٚہ۔ یُتھ کالچہِ کٔشیر ہندِس وۄتھنَس بیٚہنَس فکرِ انگیز رأچھ تہٕ زیرِ لب ترجمٲنی کرَن والہِ کشتواڑُک رٕہن سٕہن وُچھتھ چھُ ازتہٕ اُکِس عام کأشرِس ہِنٕز پان یُتھ کالکِس کأشرِس سماجَس منز واتان ہیٚو محسوٗس سپدان۔ لِسأنی سوٗترس پیٹھ چھُ زبان شنأسی ہِنز رژھ کھنڈ

ہنز ضرورت چھیہٕ ۔ گریرسنن یمن سائنسی بُنیادن پیٹھ کاشرِ زبانی
پشاچ خاندانس ستۍ واٹھ چھُ دیمٕت تہٕ چھُ معقول تہٕ قابلِ اعتبار
تہٕ امہِ خاطرٕ یُس طریقہٕ تمیٚ پانہٕ نووُمُت چھُ تمہِ لٔنش چھُ اُبہٕ مارنے
ہیچھن تہٕ سے سائنسی مزاج پانہٕ ناوِتھ ہر گاہ کام کرنہٕ ییہٕ سانہٕ
مُلکس نہٕ ڈُندی ین ضرور گاشراونہٕ ۔ پتھ رؤد عقیدہٕ ۔ لسانیاتکس
مادانس منز چھنہٕ عقیدس کانہہ جاے ۔ زبانی پیٹھ کام کرن وزِ
چھُنہٕ صرف لفظٕ ذخیرٕچ سام ہیٚنی یارٕ کافی ، بلکہ چھُ ایمُک صوتی
آہنگ ، ساخت تہٕ گرامر تہٕ نظرِ تل تھاوُن تہٕ پنُن نظریہٕ پیش
کرن وزِ چھیہٕ گریرسنن اُکس شوُوُس عالمہٕ سندی پاٹھی سارے
کُتھ نظرِ تل تھاومتۍ تہٕ کاشرس چھُ گریرسنن پانہٕ پوٗڈ دیت تہٕ
نظریہٕ ییمہٕ کنہِ ایمُک تعلق پشاچ خاندانچن زبانن ستۍ ثابتھ
چھُ سپدان تہٕ وُنہٕ چھُ ییتھ کانہہ شخص پادٕ سپدنے یُس لسانی
تحقیقکی ساری لوازمات پوٗر کرِتھ گریرسنس غلط ثابتھ کرِتھ
ہیکہِ یتھ گےٚ دعوا ختم کرنس کُس ہیکہِ ٹھوٗر نبتھ ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کشتواڑی تہٕ گریزس

## اکھ سام

تھدیٚن شینہٕ بالن تہٕ گنین یارِ وٕنن منز باگ پاڈرچہٕ نیلم کھانہٕ ہمسایہ تہٕ چناب دٔریاوکس بُٹھس پیٹھ واقع کشتواڑچ سرسائے تہٕ خوٗبصوٗرت سرے چھیٚ قدیم تہٕ دٔسلی کأشر کلچرُک اکھ تیتھُے محافظ خانہٕ باسان یُتھ پانہٕ خوٗبصوٗرت کٔشیر وسطِ ایشیاکہِ میڈیول کلچرُک محافظ خانہٕ باسان چھیہٕ ۔ یِتھ کالچہِ کٔشیر ہندِس دوتھنس بیہنس فکرانگیز راچھ تہٕ زیرِلب ترجمأنی کرن والہِ کشتواڑُک رہن سہن وُچھتھ چھُ ازتہٕ اُکس عام کأشرِس ینٛن پان یتھ کالہٕکِس کأشرِس سماجس منز واتان ہیو محسوٗس سپدان ۔ لسأنی سوٗتھرس پیٹھ چھُ زبان شناسی ہنز رژھ کھنڈ

ہنز ضرورت چھیہٕ۔ گریرسنن یمن سائنسی بنیادن پیٹھ کاشرِ زبانۍ
پشاچ خاندانس سٟتۍ واٹھ چھُ دیتمُت سُہ چھُ معقوٗل تہٕ قابلِ اعتبار
تہٕ امہِ خاطرِ یُس طریقہٕ تمۍ پانہٕ نووُمُت چھُ تمہِ لٟس چھُ اَبہٕ سارِنے
ہیچھن تہٕ مے سائنسی مزاجہٕ پانہٕ ناوِتھ ہرگاہ کام کرِتہٕ پیہ سانہٕ
علمکۍ نبہٕ دُندی ین ضرور گاشراونہٕ۔ یتھ رُود عقیدہٕ۔ لسانیاتکس
مادانس منز چھنہٕ عقیدس کانہہ جاے۔ زبٲنۍ پیٹھ کام کرن وِزِ
چھنہٕ صرف لفظہٕ دُترِچ سام ہینی یارٕ کٲفی، بلکہ چھُ اَکھ صوتی
آہنگ، ساخت تہٕ گرامرِ تہٕ نظرِ تَل تھاوُن تہٕ پنُن نظریہٕ پیش
کرن وِزِ چھیہٕ گریرسنن اَرکس شوٗدِس عالمِہ سندی پاٹھی سارِے
کتھہٕ نظرِ تَل تھاوِمژ تہٕ کاشرِس چھُ گریرسنن پانہٕ بوڈ دیت سُہ
نظریہٕ ییمہِ کِنۍ اَکھ تعلق پشاچ خاندانچن زبانن سٟتۍ ثابتھ
چھُ سپدان تہٕ وُنہٕ چھُ میتھ کانہہ شخص پادٕ سپدنے یُس لسانی
تحقیقکۍ ساری لوازمات پوٗرٕ کرِتھ گریرسنس غلط ثابتھ کرِتھ
ہیکہِ یتھ گژھِ دعوا ختم کرنس کُس ہیکہِ تھوٗر بنتھ۔

کَم زیادٕ اثر پیٚنہٕ کِنۍ چھُنہٕ کشتواڑٕکۍ ٹھیٹھ اِنہار پلماڑ کھوتہٕ بیٚہتر
پاٹھۍ کُنہِ جاے نظرِ گژھان حالانکہ دراب شالس تہٕ پلماڑس درمیان واقع
یمن گامن منٛز. بوٗلۍ اَتھ مُطالعہس منٛز اہم آنکُ باس چھپہٕ دوان ہم
چھِ وُس دار. بھنڈارکوٹ ناگ سین، کیشوان، پوچھال، گوٗدرش ناگ،
ترُگام، شاہین بھتہ، لچھ خزانہ، ژیرہاڑ، سنگرام باٹا، بندرابن، ڈول،
ڈوگر، ٹھاکرائی، بونہٕ مسجد تہٕ منا بیتر۔

دُس دار چھُ کشتواڑُک سُہ گام یتیٚتہٕ پیٹھٕ پتھ کالہٕ کِین وارِہن
کشتواڑی کاروانن منٛز، وُتھ رٕٹھ حضرت شیخ العالمؒ سُند مول سلر ستر
کشیٖر تران چھُ۔ یتھے پاٹھۍ چھُ بھنڈارکوٹ کشتواڑُک سُہ گام یتیٚتہٕ
پیٹھٕ عشہٕ مقام جاے مدفون کشیٖرِ ہند مشہور وٗلی یعنے بڈشاہ صابُن
ہم کال تہٕ ہمنام ہیو بُزرگ زینہٕ شاہ صاب کشیٖر کُن ہجرت کران
چھُ۔ یتھین تمدن ساز بزرگن ہندِ کلامکِ ذریعہ بیٚیہ اُمہ بروٗنٹھۍ ایاین
دوران صدی وادن کشیٖر ترٛیٚمتین کاروانن ہندِ ذریعہ بیٚیہ ورِہ ورِہ
لار کرنہٕ آمتین سیہ دیو تہٕ یعقوب ژک ہوین کاشرِ حکمرانن ستی
کشتواڑس منٛز پناہ ہینہٕ پتہٕ واپس کشیٖر ینہٕ والین کاروانن ہندِ
ذریعہ چھیہ کاشرِ چ مرازی بوٗلۍ خاص پاٹھۍ کشتواڑی بولہِ ہنتہٕ متاثر سپدان
روزمٕژ۔ ویسے کشتواڑی بولہِ ہند طرۂ امتیاز یعنے "چھُ" بدلہٕ "تھُ"
ورناوُن یکطرف ترٛاوِتھ چھیہ شُرِ تہٕ گُرُ ہوین لفظن منٛز "رٕ" آواز
ووتلاونہٕ رنگۍ ژراہ پیٹھ ہماچل پردیش کین تیپساتہ چمبہ تحصیلن منٛز

شوٗد بوٗد تھٲوَن وول اکھ کٲشُر کشتواڑی کتھ بوٗزِتھ یوٚہے لل دید ہٕنزِن
ہم کال وِگنین تہٕ شیخ العالمؒ ہنزِن ہم کال یادن مُژن ہنزٕ ہشہٕ کتھ اَتہٕ
بوزان، خاص کٔرِتھ اگر تس کانہہ دِگِژ کنِہ لبرس گوٚب بٕزنی بور ہیتھ وطنس پؠٹھ
گبوان گبوان پنٕنہِ غمکُ بور لوٚژراوان دٕچھنک موقعہٕ میلیس زِ ع
سوندر پہٕ میانیا کشتواڑا تھکھ تہٕ اُسن دیش یا اگر الغایہٕ یژھی وِگنِہ ہنز
کانہہ ولس بالہٕ یارس یٖمہٕ آیہٕ مینٕ نیب وٕنان باہس زِ

ژوڑین بہ گرٕتھ ژرزہٕ مالے
چوگان بہ گندے ہالہٕ مدنو
میانہٕ مدنو تے ہو

یوٚت تام کشتواڑی بولہٕ ہند قداتک تہٕ اتھ موجوٗد کاشرِچ
ماجہٕ بولی MOTHER DIALECT قرار دِنہٕ کِن امکانن پیٹھ غور کرنک
سوال چھُ بہٕ دِمہٕ نہٕ اتھ پوگلی بولہٕ پیٹھ امہٕ رنگہٕ لسٲنی ترجیح، تہٕ کیازِ
سو چھیہٕ یٖمہٕ کِ کھوتہٕ کہی یا زیادٕ ناگن، پشاچن یا کھشن تہٕ آرین ہندِ
اکہٕ مل مشہٕ ولوہارگ آیہٕ ہاوان۔ پتہٕ روٗد یہٕ سوال زِ یتھ پاڈھی پوگلی
بولہٕ ہندس معاملس منز نیل پرٕ ہندرگ تہٕ کھروش ترگامک لہجہ کلھم
پاڈھی پرستان تہٕ مالیگامہٕ کس مُشترکہٕ لہجس ماتحت زانُن چھُ پیوان
تتھے پاڈھو چھُ کشتواڑ سرِیہٕ اَندی پکھی بلکہ بھلیسہٕ پیٹھ سرتھل دیوی تام
کہن ہندی گھرن منز بولنہٕ یِنہٕ واجنہٕ کشتواڑی بولہٕ ہند غالب
لہجہٕ بلمارٕکُے لہجہِ مانُن پیوان، تہٕ کیازِ اَندی پکھی چھین بولین ہُند

کَم زیادٕ اثر پیٮ۪ہٕ کِنۍ چھُنہٕ کشتواڑٕکۍ ٹھیٹھ انہار پلماڑ کھوتہٕ بیٚہتر پاٹھۍ کنہٕ جاپہٕ نظرِ گژھان حالانکہ دراب شالس تہٕ پلماڑس درمیان واقع یمن گامن ہنٛز۔ بوٗلۍ اتھ مطالعہس منٛز اہم آسنکۍ باس چھِپہٕ دوان یم چھِ دُس دار۔ بھنڈار کوٹ ناگ سین، کیشوان، پوچھال، گوردش ناگ، تژگام، شاہین بھتہ، لچھ خزانہ، ژیرہاڑ، سنگرام باٹا، بندرابن، ڈول، ڈوگر، ٹھاکرائی، بوپہٕ مسجد تہٕ منا بیتر۔

دُس دار چھُ کشتواڑٕکۍ سہٕ گام ییٚتہٕ پیٹھٕ پتھ کالہٕ کیٚن وارِہن کشتواڑی کاروانٕن ہنٛز وتھ ژٹھ حضرتِ شیخ العالمؒ سُند مول سلر ستٕر کٔشیر ترٛان چھُ۔ یتھے پاٹھۍ چھُ بھنڈار کوٹ کشتواڑٕکۍ سہٕ گام ییٚتہٕ پیٹھ عشٕہ مقام جاپہٕ مدفوٗن کٔشیرِ ہند مشہور وٗلی یعنے بڈشاہ صابنۍ ہم کال تہٕ ہمنام ہیو بُزرگ زینہٕ شاہ صاب کٔشیر کُن ہجرت کران چھُ۔ یتھین تمدن ساز بُزرگن ہندِ کلامکِ ذریعہ ییٚپہٕ اُمہٕ بروٚنٹھین ایامن دوران صدی وادن کٔشیر تِرٛہ متین کاروانٕن ہندِ ذٔریعہٕ ییٚپہٕ وِزہ وِزہ لارکرنہٕ آمتین سہہ دیو تہٕ یعقوب ژٕک ہوین کاشرین حکمرانٕن یِستی کشتواڑس منٛز پناہ ہیٚنہٕ پتہٕ واپس کٔشیر ییٚنہٕ والین کاروانٕن ہندِ ذریعہٕ چھیٚہ کاشرِ مرازی بوٗلۍ خاص پاٹھۍ کشتواڑی بولہٕ نِشہٕ متاثر سپدان روٗزمژٕ۔ ویسے کشتواڑی بولہٕ ہُند طرٕہ امتیاز یعنے "چھُ" بدلہٕ "تھُ" ورتاوُن یکطرف ترٛاوِتھ چھیٚہ شُرٕ تہٕ گرٛ ہوین لفظن منٛز "ر" آواز ووتلاوُنہٕ رنٛگ ژرارہٕ پیٹھٕ ہماچل پردیشٕکین نپساتہٕ چمبہ تحصیلن منٛز

شود بوٗد ڈھوٚن وول اکھ کاشُر کشتواڑی کتھ بوٗزِتھ یوٚہے لل دید ہنزن ہم کال وِگنین تہٕ شیخ العالمؒ ہنزن ہم کال یاون مُرشن ہنز ہشہٕ کنھ اَتہٕ بوزان، خاص کٔرِتھ اگر تٔس کانہہ وِگنہ کُنہِ لَبرِس گوٚب بِزٕنہ بور ہیتھ وٕطنس پیٚہ گبوان گبوان یٔنہِ غمکُ بور لوٚشراوان وُچھنکُ موقعہ میلِس زِ ع

سوندر ہ میانیا کشتواڑا ٹھکہ تہٕ اُسن دیش یا اگر الغاٰیہ پٔرھی وِگنہِ ہنز کانہہ وٕلِس بالہٕ پارِس یینہِ آیہٕ پٔننُ تیب وٕنان باسِس زِ

ژوڑبن بہٕ گرِتھ ژرزہ مالے

چوگان بہٕ گندے ہالِہ مدنو

میانِہ مَدنو تے ہو

یوٚت تام کشتواڑی بولہِ ہندِ قداتکُ تہٕ اَتھ موجودہٕ کاشرِ ماجہِ بوٗلی MOTHER DIALECT قرار دِنہٕ کِن امکانَن پیٹھ غور کرنکُ سوال چھُ بہٕ دِمہٕ نہٕ اَتھ پوٗگلی بولہِ پیٹھ اُمہِ رنگہِ لسانی ترجیح، تہٕ کیازِ سو چھیہٕ یینہِ کِہ کھوٗتہٕ کہی یا زیادٕ ناگن، پشاچن یا کھشن تہٕ آرین ہندِ اکہِ مِلہِ مِشہِ ولوہارکُ اَنہٕ ہاوان۔ یتھ روٗدیہٕ سوال زِ یتھ پاہڑی پوٗگلی بولہِ ہندِس معاملس منز نیل پٔرہندرکُ تہٕ کھروشِ ترگامکُ لہجہ کلٕہم پاہڑی پرستان تہٕ مالیگامہٕ کِس مُشترکہٕ لہجس ماتحت زانُن چھُ پیوان تتھے پاہڑی چھُ کشتواڑ سریہٕ اندی نِکھی بلکہ بھلیسہٕ پیٹھ سرتھل دلوی تام کِن ہندی گھرن منز بولنہٕ یِنہٕ واجنہِ کشتواڑی بولہِ ہند غالب لہجہِ بلمارُکے لہجہِ مانُن پیوان، تہٕ کیازِ اندی نِکھی چھِن بولین ہُند

بالہٕ کوٚن ستۍ ییٚرِ وُسِتھ تیز نوکل کنِین ہُند گول آرٕ کنہٕ بنِنگ ہیوٚ عمل باسان ییمہٕ کِنۍ خود کنہٕ ہند یہ جواب تہٕ پوٚز مانُن پیوان چھُ زِ کُنی گول کِتھ پاٹھۍ بنے نِکھ دوٚ پنٕکھ ڈُلہٕ گرٛٹھی گرٛٹھی۔ ڈُلہٕ گرٛٹھی گرٛٹھی گول بنِنکس وِہوٚہارس کُن توجہ کران تہٕ یِمن اَسہٕ زٕ درجہ مقرر کرٕنۍ ییٚتھ تحت میانہٕ اندازٕ موجُب کشتواڑی بولہٕ قدیم آسہٕ باوجُود کم قدیم بوٚلۍ تہٕ پوگلی بولہٕ بہرحال قدیم تر بوٚلۍ وَنُن پیٚیہٕ۔ یِژھہٕ ہش راے گنٛنس کانٛہہ وِژھنےٚ کرٕنہٕ بجایہٕ روزِ بہتر کشتواڑی بولہٕ ہندِس سماجی پوٚت منظرس نِسبتھ گرٛیرسنٕس نِش نظر انداز گاہش سوکتھ بروٚنٹھ کُن اَنٕنۍ یوٚسہٕ یِمن دوٚن قدیم بولین سٕنٛزٕ ستۍ وٕوتلان چھیٚیہٕ لہٰذا کرٕ بہٕ گرٛیرسن سٕندِن خیالاتن کُن اکی ژھالہٕ ترٕنہٕ خاطرٕ صرف اکھ درجن ژھوٚٹ کاشِرۍ جُملہٕ جدید ییٚتھ قدیمس کُن یا معلوٗمہ ییٚتھ نامعلوٗمس کُن گرٛژھنہٕ کِس اصوٗلَس تحت کشتواڑی تہٕ پوگلی جُملَن لَرِ تھوٚوِتھ پیش یُتھ زَن تِہُندِس زبان شناسی ہندِس صلاحیتَس کشتواڑیک مطالعہٕ محض یِنٛہٕ زبانۍ ہندِ یِتھ کالُک مطالعہٕ باسہٕ۔ امہٕ ترتیبہٕ موٗجُب چھُ گوڈٕ کاشُر جملہٕ پتہٕ کشتواڑی تہٕ پتہٕ پوگلی جُملہٕ تگہٕ تگہٕ تھوٚنہٕ یوان ییٚتھ پاٹھۍ:-

| | کاشُر جملہ | کشتواڑی جملہ | پوگلی جُملہ |
|---|---|---|---|
| ۱، | اَسۍ گرٛژھو بازر | اُہسی گہرٛژھو بازار | اس گرٛژھم بازرٗ |
| ۲، | ژٕیہٕ کیا چھےٚ کلس گوٚنڈمت | ژیٕہ کیا چھُتھ ہوشیرِ گوٚنڈمت | تِہ کُت چھُ نوٹھس گوٚنڈمت |

بسن والین کاشرن ہنز بولی کلہم پاٹھو اکے اہار ہاوان تہٕ امہِ لحاظہٕ
چھُ لسانی مطالعک وسیع ترٕ دایر کاشرِ زبانٕ ہندس معاملس منز بنگم
کدلہٕ ییتھ سلہ دارِ کُدس تام خاص پاٹھو قابلِ توجہ بنان ۔ ییلہٕ اسی یہِ کتھ
تسلیم چھِ کران زِ کاشر زبان چھےٚ اکھ سیٹھاہ پرانٕی زبان یہ زبان چھےٚ
صدی وادن بیین زبانن ہندین اثرن تل یوان روزمژ ۔ ییمہِ کنہِ امیک
لفظہٕ راش سیٹھاہ متاثر چھُ سپدان روودمت ۔ اماپوز امکین لسانی اہمترن
ہندین بنیادی اہارن چھنہٕ تبدیلی پیدہٕ تھ ہیچمژ تبدیلی آسنہٕ ممکن تہٕ۔
ووں گوو تمن اہارن قدیم ترٕ لفظہٕ راشہٕ سان زرژھرنک امتیاز وُچھنہٕ
خاطرہٕ پییہِ اسہِ بہرحال قدیم کشتواڑی تہٕ قدیم ترٕ پوگلی بولہٕ پرزنہٕ پاٹھو
ستن ۔ ییتہٕ تس خاص پاٹھو کشتواڑیس نسبتھ گریرین ہندہِ مطالعہٕ کتھ
کرنہٕ برونٹھ چھم زہٕ کتھہٕ وتنہٕ ضروری باسان ۔ اکھ یہ زِ اگر اسی کاشرِ تمکین
قدیم ترٕ اہارن تام واتن یوہے پنجاب دریاوکین خوفناک کھنگرن تہٕ
بالن پیٹھ واقع زندرہ تہٕ باگا ناوچین دون بالہٕ کولن تام واتن ہیو فرض
کرو تیلہِ ہیکو اسی "چھ" بدلہٕ "تھ" تہٕ "ر" بدلہٕ "ڑ" ورتاونہٕ کین اہارن
وُیتھہِ ہندین پانژالی آگرن ہندس آب وُنتھ لیُس ووہر زبانن ہندین
حملن ستہِ ہشر تھون والین روود چھلین ہندہِ ذریعہ گرژھ رنگہٕ بالہٕ کولن
منز گوژن چھُ ہیوان تہٕ پتہٕ لیُس رسہ رسہ ہمان نہٕ میدانی علاقن منز
وُستھ شوٗد تہٕ صاف بنان چھُ ۔ دوٚیم کتھ ییہِ تیلہِ یہ مانیہِ زِ زہٕ تہٕ
ہشن آوازن ہند صوتی ارتقا یا پھوہریہِ پیٹھہٕ پنجابس کُن پکن چھُ

پیٹھ ختم گژھن والین سنسکرت، عربی تہٕ فارسی پیٹھ ژھٹمتین لفظن

کاشرِس منز واحد جمع (یا NUMBER) تہٕ مذکر مونث (یا GENDER)

بناوُن ورزِ تہٕ میلان مثلاً زیٹھ رات وُنتھ زیچھ راژ یا اکھ دوات وُنتھ

واریاہ دواژ وَنہٕ یتہٕ۔ دوٚیم لوٚگ اَسہٕ یہٕ باس زِ سیکنڈ پرسن یا حاضرضمیر

کیو جمع صیغو خاطرٕ تہٕ تہند لفظ ورتاوِتھ چھہٕ اَسی ژٕ یہٕ علاوہٕ آواز

تہٕ ضمیر مفہومس اندر کاشرِس منز کُنہٕ حدس تام PARTLY ڈنجِ تھوٚوتھ۔

ترٕیم سپُد یہٕ انداز زِ یُس فعل اضافی یا AUXILIARY VERB

ژٕ یہٕ آواز ہندی پاٹھی کاشرِ زبانٕ ہند امتیازی نشانہٕ "چھُ" شکلِ منز

زانہٕ چھُ یوان، سُہ چھُ کشتواڑی یَس منز خاص پاٹھی "تھُ" بنان تہٕ یلہٕ

زن پوگلی یَس منز تہٕ یہٕ گاہ بگاہ "تھُ" بنان چھُ۔ ژوٚرم سپُد اَسہٕ یہٕ

اندازہٕ زِ کاشرِس منز پوٚرٕ زیچھ سان ورتاونہٕ یِنہٕ وول مہنیو چھُ کشتواڑی

بولہِ منز اَڈہنا ژھوٚٹتھ موہنو تہٕ پوگلی بولہِ منز پوٚرٕ ژھوٚٹتھ موہن بنان۔

گریرسن چھُ کشتواڑی تلفظچ کتھ کران" لنگوسٹک سروے

آف انڈیا" جلد ۸ صفہٕ ژہس منز مہنیو لفظس موہنو بنس کشتواڑیک

بعضے نسلی آواز یا VOWEL ژھوٚٹراونک رجحان زانان تہٕ مثالہٕ

پاٹھی دلیٖنگ دِش تہٕ مہنوک موہنو بنٕ پیش کران حالانکہٕ یہٕ وُنتھ

چھُ سُہ اوڑُے پزر حاطہٕ بند کرِتھ ہیوٚکمُت اَمہٕ رنگہٕ زِ واو تہٕ یے

ہنٕ گُلی آوازن یا کانسونَنٹن یتی چھُ کشتواڑیُک اکھ بدوُن تہٕ

مختلف وبوہار نظرٕ گژھان یُس پتہٕ کاشرِ ہِنٛ بیٚین بولین تہٕ متاثر کران

| کاشُر جُملہ | کشتواڑی جُملہ | پوگلی جملہ |
|---|---|---|
| ۳، اُسی چھ ژور بینہ تہ زِ بائے | اُسی تھ ژور بینہ تہ زِ بھایہ | اس چھیم ژور بینہ تہ دہ بارِ |
| ۴، مول چھُ کُنے زوٗن زِنس گومت | مولوتھُ اکلے ژوڑین گیومت | بوب چھُ یکلے کاٹھن گومت |
| ۵، موج چھِ پنِنس ژوٹ کھیاوناوان | ماجِ تھِ بوکتس منجِ کھاون | ماں تھ بکتُس منڈی کھاولتہ |
| ۶، آسمانس پیٹھ چھِ ہزاریہ تارکہ نظرِ یوان | نبس پیٹھ ہزِی ٹارٗی نظر یوان | اسمونس پانتھ ہزدِی تارگن نشہ یتہ |
| ۷، فکرِ مہ کر اُسی واتو صُبح سلی | فکر مو کرا اُسی واتو زِی (باشمہ نگری) | فکر ما کرِہ اس واتم رچی (یا ہگے) |
| ۸، توہہ کیتیاہ گُپن چھو | توہہ کُرنا گوتز تھیو | تسُن کیتکھ گوترہ چھہ |
| ۹، اَزِ چھُ دود بڈہ دِژوگ | اَزِ تہ دُد بڈہ دُژگ | اَز چھُ دُد بڈی دُژگ |
| ۱۰، تِمن دون چھِ یڑکالہ پیٹھہ جگڑہ چلان | تمن دوِن تھ وارہ کالُک جھگڑہ ہنٹھن | تینوں دِن چھُ ہگے پہن جھگڑہ چلوتہ۔ |
| ۱۱، کالِکیتھ چھُ اسہِ امتحان شروع | تزدُس چھُ اسہ امتحان شروع | چوندس چھُ اسن امتحان شروع |
| ۱۲، تِ چھکھ بڈہ قابل مہنیو | تہ تھکھ بڈہ قابل مہنو | تہ چھوس بوڈ قابل مہوٗن۔ |

تلتوں یوہے ہم جملہ گریرسن ہند مطالعہ کس تناظرس منز۔

خاص کرِتھ اکی گوڈنکی ز تہ ییم اکھ لفظ یم کاشرس منز تہ چھکھ بڈہ قابل مہنیو۔ کشتواڑی یس منز تہ تھکھ بوڈ قابل مہنو تہ پوگلی یس منز تہ چھوس بوڈ قابل مہوٗن۔ تقطیع کرِتھ تہ نہنو اسہ گوڈنیتھے ز کاشرِ چ ژرِیہ آواز چھیہ ہند آریائی کیو ہند یورپی تہ سامی زبانن ہنز۔ آوازِ ہنز نعم البدل، SUBSTITUTE آریخ حیثیت تھوان تہ امیک ثبوت چھُ اسہ ت حرفس

گرزاسنز بس سلر تہٕ سُلوٗ
سُلرٕن بہٕ چھُس نُندا سنز

---

۶ زینہٕ میون اوس امرتہٕ گوٗرو
گو گورس تہٕ ژاٹھا ژوٗروٗ

۷ آنگن ناد کرٲن چھو ہوٗنوٗ
بایو میانیو تھٕو شُنٛ تو
یٔمی یینہٕ وٗووُ تمٕ تتہٕ لوٗنوٗ
ہوٗن چھُو کرٲن وَو باوَو

---

امہٕ کلامچ مختصر تقطیع چھیہٕ حاضر۔ سمے ییٚلہٕ ووت۔ بجایہ سمے ییٚلہٕ ووتُو۔ موٗد بجایہ موٗرُد۔ (پیٹھ کُن بجایہ پیٹھن) کمٕ دیُت۔ بجایہ کمٕ دِتوٗ سُلہٕ بجایہ سُلوٗ۔ امرتٕ گوٗر بجایہ امرتہٕ گوٗرور۔ ژوٗر بجایہ ژوٗروٗ۔ ہوٗن بجایہ ہوٗنو (بوٗزتو۔ بجایہ شُنٛ تو) ڈو بجایہ وٗووُ تہٕ لوٗن بجایہ لوٗنو۔
ادبی سوٗترس پیٹھ ہکو اتھ شاعرانہٕ مجبوری تحت لفظن بدلاونہٕ آمت آسے تہٕ وُنتھ مگر لسانی سوٗترس پیٹھ چھُ یہ اکہٕ فالتو واو آوازہٕ ہند حیثیتہٕ قابلِ توجہ بنان۔ امہٕ آیہ فالتو "ے" ورتاونک رجحان تہٕ چھُ کاشرس کشتواڑی اثرکے دیُت باسان۔ مثلاً کلامہٕ شیخ

چھُ گوٚمُت۔ مثالے واوٕچ کتھ کران چھُ ہند آریائی زبانَن تہٕ ہند یوٗرپی
لسانی قبیلن ہُند قدیم رشتہٕ یاد پاونکہِ انمانہٕ انگریزی کِس MAN لفظس
نکھ پوٗگلی بولہِ ہُند موٚہن لفظ باسان۔ مگر بیتھین واریاہَن پوٗگلی انمانہٕ ٹھیٹھ
لفظن کاشُر آسے دِنہٕ خاطرِ کوٗر کشتواڑی بولہِ پوٚنتس" واوٕ" آوازہِ ہُند
اضافہٕ مثلاً موٚہن بنیوو موہنوٗیس بُتھ ہیٚن بھیٹھ کاشرِس منز مہنیو بنیوو۔
واو کانسو نَنہٕ کرِ اضافچ زٕ زوٗر مثالہٕ یوٚدوے اُسہٕ ہمسایہٕ زبانن ہُند
اثر ہاونہٕ رُنگو بتہٕ مالنس بُٹہِ مالو، واٚلیس واٚلیو احمد ولد لسہٕ ناوس
احمد وولدِ لسو تہٕ "بہٕ" لفظس "بوٚ" تلفظ کرناوتھ ع مُشراوتھس جانانہٕ زٕ بہٕ
کریا دیپسے بوو ہوی نغمہٕ گیوناوان چھُ۔ اما پوٚز لسانی ارتقاہچ کتھ کران
چھیٚہ اُسہٕ اُمہٕ رجحانہٕ چِہ بے شمار مثالہٕ حضرت شیخ العالمؒ ہِندِس کلامس
اندر تہٕ لبنہٕ یوان یم براہِ راست کشتواڑی بولہِ ہُند اثر کشیرِ منز
حام کرنچ حیثیت تھوان چھِ۔ ہِنٛزِس آبایی سِلسِلس، ہِنٛزِس اُکِس
خلیفس تہٕ ہِنٛزِس نظریس نسبت اظہار کران چھِ تم فرماوان۔

ع دُرِ پتیا سنزِ بس سِنے ییٚلہِ ووتو
پوٚت پتہٕ روٗدُس رنگا سنز
رنگا سنز ییٚلہِ رَن منز مرُد
پتھن روٗدُس ہنز سنز
ہنز سنزِس سنت کُمیٚ دِتو
اکھ سنت روٗدُس گرزا سنز۔

عام "چ" آواز "ژ" ہس منز بدلاونک رُجحان کأشرِ کِ پأٹھۍ پوگلی تہٕ کشتواڑی دوشونی منز اکی تنوبسہٕ لبنہٕ یوان چھُ مثلاً چادر بدلہٕ ژادر، چلنا بدلہٕ ژلُن، چھننا بدلہٕ ژارُن، چور بدلہٕ ژوٗر بتیرٕ مگر گیئرشن جاین چھُ کشتواڑیس اکیُک رُجحان غالب آسنک باس لگان مثلاً پگھ لفظہٕ خأطر پیٹھ کنہٕ درج جُملن منز پوگلی رُچی بدلہٕ رُژی ورتاوُن سنسکرت زاو زبانن منز شین تہٕ آواز اکھ اکس بدلہٕ ورتاونہٕ ہنس متعلق تہٕ چھُنہٕ کشتواڑی بولہٕ ہند کأشرِس تہٕ پوگلی بولہٕ ستۍ مطابقت نہٕ تھوٗن دول ولہار گریرسنن محسوس کرِتھ ہیوٚکمُت مثالہٕ پأٹھۍ پوگلی بولہٕ منز شو پیٹھ ونہٕ برعکس کأشرِ کِ پأٹھۍ کشتواڑی بولہٕ ہُند ہاپٹھ لفظے ورتاوُن اما پوز کأشرچہ کلہٕ ہیر ونہٕ بجایہٕ کشتواڑی بولہٕ منز شیر لفظ ورتاوُن مگر انھ برعکس کشتواڑیس منز "بوزی تو" خأطر کلام شیخ العالمؒ منز ورتاونہٕ آمُت شیٚنُو لفظک ورتاو کم کرِتھ بوزتو لفظ ورتاوُن یلہٕ زن پوگلیس منز امہٕ خأطر ہنو یا خدا رُچھن ورم کھنکہٕ مفہومہٕ سان ہتتھا ہیو لفظ امہٕ خأطر ورتاوُن۔ مگر یتھ تنقید کرنہٕ برونٹھ یتھ کُن اشارہٕ کرُن تہٕ چھُ لأزمی باسان زِ کشتواڑک مطالعہٕ کرُن وِزِ چھُ گریرسنس بالواسطہٕ کشتواڑی بستی منز گژھنک موقعہٕ میلنہٕ بجایہٕ ثانوی درجہ کس تحقیقی موادس پیٹھ انحصار کرُن پیوٚمُت۔ مثالہٕ پأٹھۍ رایل ایشیاٹک سوسائٹی ہندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژ گراہم بیلی ہنز کتاب "THE LANGUAGES OF THE NORTHERN HIMALAYAS"

اندرِ پے گٔے ، یوٚہے تہٕ رٕٹے لفظن پوٚتُس یٖمہٕ آیہٕ لگہٕ وُن "یے"

سہ گہل ونہٕ زن گیٚم گٔے ، بُتھ یُیپے موٚٹھم تار

ژٕ چھکھ اند تہٕ اکھ کوٚمے رٕٹے بار خُدایا پاپ بنوار

حالانکہٕ حضرت شیخسٕ اوس ونُن گہل ونہٕ زن گیٚم گٔڈٕ بُتھ آم یپ تہٕ موٚٹھم
تار - ژٕ ییٚلہٕ اندکُن بہتھ وُچھان روز ہم تیلہٕ کُس رٕٹہٕ مے اکھ بار خُدایا
میانی پاپ بخش - لفظس پوٚتُس لگہٕ وُنہٕ "یے" آوازٕ چھُ کاشرِس منز کشتواڑی
بولہٕ ہندی پاٹھی اکہٕ حرفہٕ ندائک یا ناد لایِن والہٕ حرفُک درجہ تہٕ حاصل
تہٕ زن گوو ییٚمہٕ آسی مُذکر اسمن آلو دِنہٕ خاطرٕ الف حرف یا واو حرف
ناوس پوٚتُس لاگان چھِ مثلاً سُلا ، لسا یا سُلو ، لسو تہٕ مونث اسمن آلو
دِنہٕ خاطر ناوس پوٚتُس "یے" آوازٕ ہند استعمال سپدان - ٹاٹھنیارٕ
یا ہرلہٕ سان آسہٕ وَنُن تہٕ لوکٹہٕ "یے چھِ" آواز منز - اوبرٕ گوبر تہٕ
تاکید سان آسہٕ وَنُن تہٕ بڈٕ یے چھِ آوازٕ پیٹھ دیاو ترٲوِتھ - مثلاً لوٚچی ،
ویسی ، موجی نہٕ تہٕ لوچیے ، ویسیے ، موجیے بیتر "ڑ" تہٕ "تر" آوازٕ
نسبتھ تہٕ چھُ کشتواڑی بولہٕ ہند ولوہار کیٚنژن صوٗرژن منز - عام کاشرٕ
تہٕ پوگلی بولہٕ کھوتہٕ رژھا مُختلف - تہٕ زَن گوو "ڑ" آوازٕ ہندس سِلسِلس
منز چھُ یہ مراز کین گرٕ تہٕ کوٚڈ لفظن رژہ کھنڈ تیز رٲوِتھ شہر سرنگرکہٕ
آیہٕ "ڑ" ہیچ لڑکہٕ یا لڈٲے لفظن ہنز - ہش آواز کڈان ییٚلہٕ زن پوگلی
بولہٕ منز یہ آواز "ڑ" کین سرحدنے منز - تھدان چھِیہٕ بلکہ باقے
ہند آریائی اثرٕ سان مثلاً گھوڑ تہٕ کرٕڑی ونتھ - بتھے پاٹھی یوٚدوے

انکار یا الوپ بجایہ الوپک وِتھ ظاہر چھ کران ۔ یُیتہٕ گریرسن یمہٕ کتھہ ہند صحیح
اندازٕ لاگان چھ زِ کاشرس منز یمن لفظن عام پأٹھی پوتسُ ہے آواز
لگان چھیہٕ تمن چھنہٕ کشتواڑی یس منز اکثر یہ آواز قایم
روزان مثلاً بہ کھیمہٕ بتہٕ بجایہ وَنُن تم بو کھیم بت ۔ یتھے پأٹھی گرٕ
بجایہ گھر، اَتھ بجایہ ہتھ۔ حالانکہ یہ صورتِ حال تہٕ چھنہٕ مُستقل پأٹھی
پرنتھ لفظ سِلسلس اندر اَتھِ یوان، کاشرس برعکس چھ کینژن لفظن
پوتسُ کشتواڑی تہٕ پوگلی بولین منز ۔ آوازٕ ہند اضافہٕ سپدان یتھ کُن
گریرسنن صحیح توجہ چھنہٕ کرِتھ ہیوکمُت مثلاً اول بجایہ اولُ وَنُن ۔ وَنُن
بجایہ اُشنُ وَنن ۔ اوٚدُر بجایہ اوٚدر تہٕ ادم بجایہ اومُ بیترٕ وَنُن ۔
یتھے پأٹھی یُیتہٕ گریرسن کشتواڑی یس منز کینژن لفظن ہندس زھوٚٹراوُنہٕ
پٮ٘نس اَکھ رجحان زانُن چھ ہوان مثالے توٚلُ بجایہ توٚنلُ، پوٚنی بجایہ
پنی، وٚھرُن بجایہ آتھر، زھاوُل بجایہ زھیل، تراس بجایہ تراہ، تارُکھ
بجایہ توٗر یا لوٗر تہٕ جاناوار بجایہ جانور بیترٕ ۔ تتہٕ چھنہٕ گریرسن اَتھ رجحانس
کُن توجہ کرِتھ ہیکان زِ کاشرِ برعکس چھ پوگلی بولہِ ہندی پأٹھی اَتھ منز
ییٚن ہند آریأئی زبانن ہتی رلہٕ وُن سہٕ آے نظرِ گژھان یُس کینژن
کاشرین لفظن وَنہٕ زیچھر سان یا مُنزم vowel زیٹھرأوِتھ ورتاونگ
روا دور چھ مثلاً یُزمن بجایہ یُرمان ۔ زامتُر بجایہ زامانترٕ، مھرینی بجایہ
مھارینی تہٕ مھرازٕ بجایہ مھارازٕ بیترٕ ۔
البتہٕ چھ گریرسن یمہٕ کتھہ ہُند صحیح اندازٕ لاگان زِ کاشُر

یا امہٕ پتہٕ خوگراہم بیلی ہستہِ طرفہٕ تہٕ کشمیر دربارکہِ طرفہٕ میٚیسر سپدٕن وٲلی کیہنہٕ نوٹ۔ تاہم گژھاہ قابلِ تعریف چھیٚیہٕ یہٕ کتھ زِ گریرسن ہندی اندازٕ چھنہٕ تمہٕ تنوظرٕ نشہٕ ڈلی متہٕ یُس کأشرِ چِھن پرٕتھن قدیم بولیٚن ہندِ مطالیعہ کوٚنز امہٕ کیٚس ہند آریاۓ زبانو کھوتہٕ مختلف گرامرس قرار دِوان چھُ۔

حالانکہِ کشتواڑی بولِہ ہند وأرأگی جُملت IRREGULAR SYNTAX چھُ تس کتہٕ کور پریشان کران۔ مثلاً کأشرِ خاطرٕ تسلیم کرنہٕ آمتہٕ SVO لفظٕ ترتیبہٕ برخلاف یتھی ہوی SOV لفظ ترتیبہٕ وألی جُملہٕ بوٗزِتھ

۱، تتھ مُلکس منز ووٚتھ دژاگ وَننہٕ بجایہِ تتھ دیٖسس منز کال پیوٚد۔

۲، مأنزِ اکھس لاگُس وَاج بجایہِ مأنزٕ ہتھس آنکھیچ لاگُس

۳، تمی دوٚپ ہنٛنس دِلَس ہتی بجایہِ تمی ہنٛنس دِلَس ہتی زوٗبُن

۴، میٚیہ گوٚرہٕ زانہہ چانس حُکمس ادلبدل بجایہِ زنتھ زانٛی حُکمس ادل بدل نہٕ ہنٛھُس بیترٕ۔

کشتواڑی جُملیچ مجموٗعی صورتِ حال چھنہٕ یہٕ بلکہ بوزو اُسی عام کشتواڑین نش ہیٚۓ جُملہٕ ییٚمہٕ اَناہٕ تہٕ۔ تتھ دیٖشس منز پیوٚد کال۔ مأنزٕ ہتھس لاگُس آنکھیچ تہٕ تمی زوٗب ہنٛنِ دِلَس ہتی بیترٕ۔

یہٕ شاذو نادر ولوہار چھُ تتھے یتھ لفظِ راشگ شاذو نادر ولوہار کشتواڑیٖس منز اُچھ بجایہِ اَچھ، ییٚتی بجایہِ اِتی، چھانُن بجایہِ زانُن، سرانہٕ بجایہِ ناوُن؛ دوٗہ بجایہِ دُوس، لوٗسہٕ بجایہِ دِرلگُن، آنکار بجایہِ

انکار یا الوپ بجایہ الوک وُنُن ظاہر چھ کران ۔ ییتہ گریرسن یمہ کتھ ہند صحیح
اندازہ لاگان چھُ زِ کاشرس منز یمن لفظن عام پاٹھی پوتس ہ آواز
لگان چھیہ یمن چھنہ کشتواڑی یس منز اکثر یہ آواز قایم
روزان مثلاً ہ کھیمہ بتہ بجایہ وُنُن تم لو کھیم بت ۔ ییتھے پاٹھی گرِ
بجایہ گھر، اُتھ بجایہ ہتھ۔ حالانکہ یہ صورتِ حال تہ چھنہ مستقل پاٹھی
پرتھ لفظ سِلسلس اندر اُتھ ہیوان، کاشرس برعکس چھُ کینژن لفظن
پوتس کشتواڑی تہ پوگی بولن منز ؎ آوازِ ہند اضافہ سپدان یتھ کُن
گریرسنن صحیح توجہ چھنہ کرِتھ ہیوکمُت مثلاً اول بجایہ اولؔ وَنُن۔ وَنُن
بجایہ اُشنہ وُنن ۔ اوُدر بجایہ اوُدرُ تہ ادم بجایہ ادمُ بیترِ وَنُن ۔
ییتھے پاٹھی ییتہ گریرسن کشتواڑی یس منز کینژن لفظن ہندس زھوٹراونہ
یتس اکھ رجحان زانُن چھ ہوان مثالے توُل بجایہ تونُل، پونی بجایہ
پنِ، وتھرُن بجایہ آتھر، زھاوُل بجایہ زھیل، تراس بجایہ تراہ، تارکھ
بجایہ توُر یا ٹوُر تہ جاناوار بجایہ جانور بیترِ۔ تتہ چھنہ گریرسن اُتھ رجحانس
کُن توجہ کرِتھ ہیکان زِ کاشر برعکس چھُ پوگی بولہِ ہندی پاٹھی اُتھ منز
یمین ہند آریائی زبانن ہتی رلہ وُن سہ آے نظرِ گژھان یُس کینژن
کاشرین لفظن وُنہ زیچھر سان یا مُنزم VOWEL زیٹھراوِتھ درتاونگ
روا دور چھُ مثلاً یُزمن بجایہ یُرمان ۔ زامتُر بجایہ زامانترِ، مھرینیِ بجایہ
مھارینیِ تہ مھارازہ بجایہ مھارازہ بیترِ۔
البتہ چھُ گریرسن یمہ کتھ ہُند صحیح اندازہ لاگان زِ کاشر

یا امہٕ پتہٕ خوگراہم بیلی ہندہٕ طرفہٕ تہٕ کشمیر دربارکہٕ طرفہٕ میسر سپدٕن واکلی کینہہ نوٹ ۔ تاہم کرٛاہ قابلِ تعریف چھیہٕ یہ کتھ زِ گریرسن ہندی اندازہٕ چھنہٕ تمہٕ تنوظرٕ نشہٕ ڈلِمتہٕ یُس کاشر چھن پرٛھن قدیم بولبن ہندہٕ مطالیع کوٚنٕز امہٕ کِس ہند آریایی زبانو کھوتہٕ مختلف گرامرس قرار دِوان چھُ ۔

حالانکہٕ کشتواڑی بولہٕ ہند واراگی جُملت IRREGULAR SYNTAX چھُ تس کتہٕ کور پریشان کران ۔ مثلاً کاشرِ خاطرٕ تسلیم کرنہٕ آمتہٕ SVO لفظٕ ترتیبہٕ برخلاف پتھی ہوی SOV لفظ ترتیبہٕ والی جملہٕ بوزنہٕ

۱، تتھ مُلکس منز ووٚتھ دراگ وٕننہٕ بجایہٕ تتھ دیٖسس منز کال پیوٚو ۔

۲، ماٚنزِ اکھس لاگُس واچ بجایہٕ ماٚنزِ ہتھس آنکھج لاگُس

۳، تمہٕ دوٚپ پننِس دِلس پتیٖ بجایہٕ تمہٕ پننِس دِلس پتیٖ زوبٕن

۴، میٖہ کوٚرتہٕ زانہہ چانِس حکمس ادل بدل بجایہٕ زنتھ زانہٕ حکمس ادل بدل نہٕ ہتھس ۔ بیترِ

کشتواڑی جُملیٖچ مجموٗعی صوٗرت حال چھنہٕ یہ بلکہ بوزو اسی عام کشتواڑپن نِش پہے جملٕہ یمہٕ انداز تہٕ ۔ تتھ دیٖشس منز پیوٚو کال ۔ ماٚنزِ ہتھس لاگُس آنکھج تہٕ تمہٕ زوٚب پننِس دِلس پتیٖ بیترِ ۔

یہٕ شاذو نادر وہوار چھُ تتھے یُتھ لفظ راشگ شاذونادر وہوار کشتواڑیٖس منز اُچھ بجایہٕ اچھ ، ییٖتی بجایہٕ اتی ، چھانُن بجایہٕ زاژن ، سراہٕ بجایہٕ ناوُن ، دوہ بجایہٕ دوٚس ، لوہہ بجایہٕ درِلگُن ، آنکار بجایہٕ

پاک بجایہ پاکھ تہٕ پوشاک بدلہٕ پوشاکھ وَنہٕ کِس صوٗرتس منز۔

کلہم پاٹھۍ چھُ گریرسن سُند کشتواڑی بولہِ نسبتھ مطالعہ اکہِ پرزلونہٕ میلہٕ کنہٕ ہنز حیثیت تھَوان۔ سُہ چھُ کشتواڑی کاشرِچ ماجہ بولی مانُنکُ یا نہ مانُنکُ فاصلہٕ بہرحال پرن والین پیٹھے تراوان یُس تمہٕ سندِ احتیاط پسند ماہرِ لسانیات آسنُک اکھ بوڈ ثبوت بانساں چھُ۔

زبان یوٚدوے۔ بحیثیتِ مجموعی دوِنہٕ بھ، جھ، دھ، ڈھ، ڑھ تہٕ گھ
ہشہٕ ہکاری آوازٕ ورتاونس رٚوادور چھےٚنہٕ باسان اما پوٚز کشتواڑی بوٗلی
چھےٚ پوگلی بولہٕ ہندی آیہٕ یمَن ہکاری آوازن وُنہٕ پوٚر پاٹھی ادا کرِتھ
ہیکان مثلن تم وَنَن تی یہٕ گاندھی بھون اردوٗ رسم خطس منز پرنہٕ ییہٕ۔
اتھ سلسلس منز چھےٚ گریرسن ہنزہٕ یمہٕ کینہہ کتھ قابلِ توجہ۔ بنان ییلہٕ سہٕ
وَنان چھُ زِ کشتواڑیک (گرمکھی آیہٕ راٮ۪ج) رسم الخط چھُ شمالی پنجابہٕ کس
ٹکری رسم الخطس ستی رلان۔ امہٕ خطچہ صوتی علامژ چھےٚ سیٹھے ناقص
بلکہ پریتھ رنگہٕ نامکمل۔ خاص کرِتھ چھےٚ لفظس منزس لگہٕ وِنی صوتی علامژ
یا MEDIAL VOWELS ورتاونس منز تھوس یوان۔ تاہم چھےٚ زیچھہٕ صوتی
علامژ تھوچن صوتی علامژن ہنزی شکلہٕ تحت ورتاونہٕ یوان۔ اتھ
سلسلس منز چھُ گریرسن کُلی آوازو "چ" تہٕ "چھ" آوازہٕ ہند خاص ذکر
کرِتھ وَنان زِ کاشرس مقابلہٕ چھےٚ بعضے یمہٕ "س" تہٕ "ز" آوازن منز
دوٚتلان باسان تہٕ بعضے "تز" تہٕ "تزھ" آوازن منز۔

گریرسن چھُ بنہٕ تحقیقی وَرتہٕ منز حایل مُشکلاتوٚ باوجوٗد ییمہٕ کتھہٕ
ہُند تہٕ صحیح نشاندہی کرِتھ ہیوٚکمُت زِ کاشرس برعکس چھُ کشتواڑی
بولہٕ منز یم لفظ ہکاری آوازن منز بدلنہٕ ورآے ادا کرنہٕ یِنہٕ
وُنہٕ موجود یم پ، ت، ٹ تہٕ ک ہوٚن یا CONSONANTS
کُلی اچھر آوازن پیٹھ ختم گژھان چھہٕ۔ یم آوازٕ چھےٚ کاشرس منز
اکثر ہکاری آیہٕ ادا کرنہٕ یوان مثلاً رات بجایہٕ راتھ، دولت بجایہٕ دولتھ،

پروفیسر محمد اسداللہ وانی (جموں)

مترجم:- سوم ناتھ پنڈت

# سرآجی بولہٕ تہٕ گربرین

بوزوٚے تہٕ ریاستہٕ جموں وکشمیرس منز چھےٚ وارِیاہ زبانہٕ بولنہٕ یِوان مگر یُس تام ضلع ڈوڈہٕ کہ تعلق چھُ اتھ ہیٚو وارِیاہ پاسل لسانی خطہٕ آسہٕ خاپے بییہٕ کانہہ- ییٚتہٕ کٲشُر، ڈوگری، رام بنی، پوگلی سراج، کھشالی، کشتواڑی، پاڈری، بھدرواہے، گجری، پنجابی، گدی بلیسی تہٕ بییہٕ وارِیاہ بولہٕ بولنہٕ تہٕ سمجھنہٕ چھےٚ یِوان- یمہٕ بولہٕ بولن وٲلی اگرزن پننین پننین دائرن منز یمن بولین ماجہٕ زبانہٕ زانتھ بولان چھہٕ مگر شعوری تہٕ غار شعوری سوٚتھرس پیٹھ چھےٚ یم ریاستچن دوٚن اہم کٲشُر تہٕ ڈوگری زبانوٚ ڈسی پرٚتھ قدمس پیٹھ متاثر سپدان روزمٕژ- یوٚدوٚے یمہٕ بولہٕ گوڈے شروٗ کیٚژ آسہٕ مگر دوٚن چھہٕ یمہٕ ہُنہٕ

متعلق چھ اُمُند ناو سرٕ فہرس۔ اَتھٕن جلدن منز "لِنگوسٹک سٔروے آف انڈیا" ناوِی کتابہِ منز چھِ اُمی ہندوستانٕچن زبانٕن ہند تفصیلی جایزٕ ہیوٚتمُت تہٕ ستی چھُن لسانیاتکس موضوعس پیٹھ کامٕ کرن والین ہندِ باپتھ بُنیادی مواد فراہم کوٚرمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ وکھٕ زِ گریرسنہٕ ہندین خیالن تہٕ نظریس ستی ہیکَن اختلافچہِ وارِیاہ گنجایشہٕ آستھ مگر یہِ کتھ چھےٚ تٔس شخصہٕ ستی کامٕ یمی ہندس دِلس گریرسنہٕ سند تحقیقہٕ ڈٔسی خیالاتن وُتش لگہِ۔

گریرسنٕ چھُ "لِنگوسٹک سٔروے آف انڈیا" ناوِی کتابہٕ ہندس اٹھمِہ جلدکس دوٚیمس حصس منز درد زبانٕن مُتعلق تفصیلی بحث پیش کوٚرمُت تہٕ کأشر زبانٕ ہندس ذکرس منز یِنہٕ واجنین زبانٕن متعلق خاطرٕ خواہ مواد جمع کوٚرمُت، یمن منز کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بٔنی علاوٕ سرأجی تہٕ یِوان چھےٚ۔

سرأجی چھےٚ تحصیل ڈوڈٕکین وارٕہن علاقن ہنز بوٗلی۔ یہِ علاقہٕ چھُ چناب دریاوکہِ بٕٹھہِ پیٹھ پوگلی تہٕ رام بٔنی بولَن والہِ علاقہٕ پیٹھٕ شروع سپدِتھ کشتواڑ تانی واتان۔ راج گڈھ، ٹاپ پنل، چک کنڈی دلیہ، بھاگواہ، بجارنی، کاستی گڈھ، سران تہٕ بھرت ہوٚین بڈین دِہاتن منز بولنہٕ علاوٕ چھےٚ وارٕہن لوکٕن موکٕٹن گامن ہندی ہندی تہٕ مسلمان یہِ بوٗلی بولان۔ خاص ڈوڈٕ نگرس منزٕ تہٕ چھِ یہِ بوٗلی بولَن والی کینہہ آباد۔ سنہ ۱۹۶۱ء چھِ

ہنٛدِ وارٕ ژھوکان تہٕ کاشُر یا ڈوگری زبانَن منٛز زٕم گرٕژھن ہوان
اکھ وقت اوس یُس تہٕ ییلہٕ زن پانژالہِ اَپارٕ سراجی، ڈوگری، رام بنٛز
تہٕ بھدرواہے بولن والۍ کاشرِ زبانۍ نِشہٕ خاصکر ناواقف آسی مگر
ووٚنۍ چھِنہٕ سو حالتھ یم لفظ چھِنہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِ بجر باسیتھے
یوت لیکھنہٕ یِوان، بلکہ یہِ چھُ اکھ حقیقژ یُہند اعتراف تہٕ مثالہٕ
پاٹھۍ ہیمہٕ بہٕ ضلع ڈوڈہکین دہن گامن مرمت تہٕ کیلڈرٕ ہند
ناو، ییتہٕ میٚہ لوکچار چھُ گسودمُت۔ تتہٕ آسی میانۍ لوکچارکۍ دوس
میانِس کاشُر بولنَس پیٹھ "زبان یارِ من ترکی و من ترکی نے دانم" دپتھ
ٹھٹھہٕ کران۔ مگر از چھِ یمنے گامن ہندۍ روزن والۍ کاشُر کران
تہٕ پڑی ہنٛد لیکھو مژ لُکھ چھِ اَمکس ادبس پیٹھ تہٕ نظر گزر تھوان۔

اَتھ وُچھ پوچھ تبدیلی پتہٕ کُنہٕ یم تہٕ عوامل کارفرما آسی تم چھِ
پڑی پاٹھۍ تھیکنۍ لایق۔ مگر یمِن لوکچن لوکچن بولین ہندِ اَتھ واسہٕ
ستۍ اکھ بٔڈ زبان بارسَس چھیہٕ یِوان تمن تحفظ کرُن چھُ حدرِوس
ضروری تاکہ یتہٕ وانس وقتس منٛز روزِتہٕ یہِ کتھ محض اکھ افسانہٕ
ناوی زِندہٕ۔

جارج گریرسنن چھیہٕ سانِس مُلکس منٛز زبانَن ہندِ تحفظچ
تہٕ تحقیقچ اَہم مثال قایم کرمژ۔ اُمِہ سنٛز یہِ کینژھاہ کام یتھ تہٕ
صورژ منٛز اَسہٕ نِش چھیہٕ سو چھیہٕ سانہٕ باپتھ اکھ روشن گاشہٕ
مُنارچ حیثیت تھاوان۔ ہندوستانۍ زبانَن ہندِس تحقیقس

تہٕ امہِ علاوٕ چھُن آخرس پیٹھ لفظ، تِہنٛد معنے جُملہٕ تہٕ کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بٔنۍ زبانَن منز پِہنٛد تقویلی مقابلہٕ بیتر زیوُٹھ فہرِس تہٕ دیمُت۔ یِمہٕ برکژ سراجی بولہِ متعلق قابلِ قدر مواد چھُ فراہم گژھان۔ یہِ ترجمہٕ تہٕ لفظن ہُند ذخیر بُنیاد بناوِتھ چھِنہٕ گریرسن اکھ راے قایم کرٛمژ۔ سراج تہٕ سراجی متعلق چھُ تم لیکھان:۔

[ وُچھو انگریزی ضمیمہ ۱ ]

سراجی ہندس شُمالس منز چھُ پوگلی، مشرقس منز کشتواڑی جنوٗبس منز چناب دریاو تہٕ تمہِ اپور مغربس منز بھدرواے یوسہٕ برونہہ جنوٗب تہٕ جنوٗب مغربس کُن ہیکِتھ یِمن ڈوگری تہٕ پنجابی بیتر بولین منز رٕل چھِنہٕ گژھان تہٕ اُمکِس مغربس منز چھِنہٕ رام بٔنی بولہِ یوان۔

سراجی زبانہِ متعلق چھُ گریرسن لیکھان:۔

وُچھو انگریزی ضمیمہ ۲

مذید چھُ لیکھان ۔" دوٗیمہ طرفہٕ تالوی 'ن' نک آزادانہٕ استعمال چھُ اَتھ ڈوگری یس تہٕ مغربی پہاڑی یس سیٹھاہ قریب انان، تہٕ کیازِ یہِ حرف چھُنہٕ کاشرس منز موٗجوٗد ے۔ اسم تہٕ پہنٛد استعمال چھُس ڈوگری طرزس پیٹھ تہٕ ضمیرن تہٕ فعلِ مستقبلن ہندس بناوٹس منز 'انوا' ہِک طرز چھُس لامحل پہاڑی بولہِ ہندی پاٹھی سیٹھاہ زیادٕ۔ موٗخصر پاٹھی یہِ مُرکب

مُردم شُماری منز یِتھ کیہہ مُحقق اعدادٕ شمارٕ رنگٕ زیادٕ مستند تہٕ صحیح مانان
چھِ، چھُ جموں کشیر ریاستچن زبانن ہُند تنوسب شایع سپُدمُت،
یمہِ موجوب کاشُر بولن والین ہُند تعداد ½ ۵۴ فی صدی چھُ یتھ منز
½ فی صدی کھوتہٕ زیادٕ حصہٕ سرآجی زبان بولن والین ہُند چھُ۔ گریرسن
سِندِ ۱۹۱۱ءکہ رپورٹکہِ حوالہٕ موجوب چھیٚنہٕ یہ زبان بولن والین
ہُند تعداد ۱۴،۳۲ یتھ منز ڈوڈی بولن وٲلؠ ستتھ نفر تہٕ
شاملِ چھِ۔ یہ چھیٚنہٕ پتاہ زِ گریرسنن کتھ چھُ ڈوڈی زبان ناو
دیتمُت۔ ممکن چھُ زِ ۱۹۱۱ءمنز ما آسہن سرآجی بولن وٲلؠ
صِرف ستتھ نفر ڈوڈہ شہرس منز آباد تہٕ تہنز بولہِ ما آسہ
تمہِ ڈوڈی ناو دیتمُت نہٕ تہٕ چھیٚنہٕ امہِ ناوٕ کنہِ تہٕ زبانٲ ہُند
اکھ ضلعس منز کانہہ تہٕ وجود۔

سرآجی بولہِ پیٹھ ییُس تہٕ تحقیق اَز تام سپُدمُت چھُ تتھ
منز چھُ گراہم بیلیس پتہٕ جارج گریرسنہٕ سُندے ناو سرِفہرس۔
گراہم بیلین چھُ "دی لنگویج آف دی نارڈرن ہمالیاز" ناوی
کتابہِ منز امہِ زبانٲ ہُند ذکر کورمُت۔ گریرسنن چھُ زیادٕ
تفصیلہٕ سان بحث کورمُت مگر ڈکھ چھُس گراہم بیلی سُندے
اوسمُت، تہٕ کیازِ فضول خرچ نچوٗ سُند حوالہٕ تہٕ بیٚیہٕ اکھ عبارژ
ہُند سرآجی ترجمہٕ چھُن گراہم بیلیس نِشی یہہ اوٚنمُت۔ بیلین
آسہٕ یہ ترجمہٕ کانسہِ سرآجی زبان زانن وٲلس اَتھی کرنوومُت

چھُ کاشرِس نِسبت پنجابی زبانٕ ہندِس طرزس پیٹھ۔ یِہند دُنُن چھُ زٕ جواب لفظس منز چھ کاشرُک اثرات مُوجود مگر"اِنٛز" تہٕ اُچین اندری آوازن ہُند توضیح کرُن چھُ مشکل۔ اَتھ زبانٕ منز تالِری (ن + ڈ) "ڑٕ" (RETROFLEX NASAL SOUND) آواز چھیہٕ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانٕ ہنز، یوسہٕ تہٕ کاشرِس منز درینٛٹھ چھیہٕ گژھان۔ بے شک پاٹھو "نو" تہٕ چھُ مغربی پہاڑی زبانٕ ہُند تہٕ مُرکب اضافی "نو" چھُ لہندی زبانٕ ہُند۔

گریرسن یُس وجوہاتن پیٹھ سراجی کاشر زبانٕ ہنز ذاتی شاخ قرار چھیہٕ دِژمٕژ تِمہٕ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھنُک منزِمہٕ "ت" ہُک قایم روزُن۔ "ہائے مختفی" تہٕ "ہائے مقلوط" ک استعمال۔ گوڈنکہٕ "د" لُک تراوُن تہٕ یُن تہٕ فعل کین گردانن ستہٕ ستی ضمیری لاحقن ہُند کھلہٕ ڈلہٕ ورتاو بیترِ۔ امہٕ علاقہٕ یوتام زن مصمتن ہُند تعلُق چھُ یُمن منز چھِ دردٕ اثراتن تحت وارِیاہ نِشانہٕ میلان۔ "ژ" تہٕ "ز" ہُک عام استعمال چھُ سراجی منز نظرِ گژھان۔ مثلن ژانو = چرنا = بُژھیرٕ = بچھڑا، نژلو = ناچنا، زو = کیا، زبنو = کہنا، زبلہٕ = کب بیتر

اضٲفی " اِنوا" چھُس دٔر مغربُس منز بولن واجنہِ لہندی زبانٕہ ہُند اثر۔

THE ABOVE IS SUFFICIENT TO GIVE A GENERAL IDEA OF THE MIXED CHARACTER OF DODA SIRAJI.[1]

اَمہِ اقتسابہٕ تلہٕ یم تہٕ نتیٲج برونہہ کُن چھہِ یوان تمو تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ تذبذبس منز مُبتلا اوسمُت۔ یۆدوَے زَن تمی اَمہِ زبانٕہ ہُند لب لہجہٕ، مصوّتے، مصمتے، نحو، اِسماتہٕ یمن ہنز مختلف حالتہٕ مرکب اضٲفی، صفات، صفاف الیہ، اسماے صفت تہٕ یہند تقوبلُ، اسم ضمیر یمن ہندی قسم۔ افعٲلی تہٕ اَمچہِ مُختلف ہیٚتر (بناوٹ معنے تہٕ زمانہٕ لحاظہٕ) قاعدٕ، گرداں، لفظ وۆتر، جملہٕ تہٕ یہند یوگی، رام بنہٕ تہٕ کشتواڑی یس ستی ستی کاشرس ستی تقوبلُ غرض پرتھ لحاظہٕ مفصل بحث کۆرمُت چھُ یُس تقریباً وُہن[2] صفن پیٹھ پھٲلتھ چھُ مگر سُہ چھُنہٕ ثقہٕ پاٹھی یہ ہیوٚکمُت وٕنتھ زِ یہ مالونا مغربی پہاڑی کنہٕ کاشُر۔ یمن وجوہاتن پیٹھ سُہ اَتھ کاشرِ زبانٕہ ہنز ذٲتی شاخ مانان چھُ مگر بحث کران چھُ سُہ پانٕہ پانے اَتھ خلاف تہٕ وَنان، تہٕ کیازِ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ مانان زِ یہ چھنہٕ اکھ مخلوط زبان۔ اَمیک لب لہجہٕ تہٕ باقے استعمال

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL. VIII PART II PAGE 433

چھُ کاشرِس نِسبت پنجأبی زبأنۍ ہندِس طرزِس پیٹھ۔ یِہند دُنُن چھُ زٕ جواب، لفظس منز چھِ کاشرِک اثرات موٗجوٗد مگر"اِنٛتر" تہٕ اُچیِن اندری آوازن ہُند توضیح کرُن چھُ مُشکِل۔ اَتھ زبأنۍ منز تالُری "نٛ" (ن + ڈ) (RETROFLEX NASAL SOUND) آواز چھیٚہ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانَن ہنز، لوپہ تہٕ کاشرِس منز درینٛٹھ چھیٚہ گژھان۔ بے شک پأٹھۍ "نو" تہٕ چھُ مغربی پہاڑی زبأنۍ ہُند تہٕ مُرکب اضأفی "نو" چھُ لہندی زبأنۍ ہُند۔

گریرسَن یِمن وجوٗہاتن پیٹھ سراَجی کاشر زبأنۍ ہنز ذأتی شاخ قرار چھیٚہ دِژمٕژ سُہ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھنُک منزِمہ "ت" ہُک قأیم روزُن۔ "ہاے مختفی" تہٕ "ہاے مقلوط"ُک استعمال۔ گوڈنِکہ "د" لُک ترادِہٕ یُن تہٕ فعل کین گردانَن سیتۍ ضمیری لاحقن ہُند کھلہٕ ڈلُہ ورتاوِ بیترِ۔ اَمہِ علاوِہ یوٗتام زن مصمتن ہُند تعلُق چھُ یِمن منز چھِ دردِ اثرٲتن تحت واریاہ نشانہٕ میلان۔ "ژ" تہٕ "ز"ُک عام استعمال چھُ سراَجی منز نظرِ گژھان۔ مثلن ژالنو = چرنا = بُژھیرٕ بچھڑا، نژلنو = ناچنا، زو = گیا، زبنو = کہنا، زبلہ = کبیدتر

اضافی "اِلوا" چھُس دوٗر مغربس منز بولن واجنہٕ لہندی زبانٕ ہُند اثر۔

THE ABOVE IS SUFFICIENT TO GIVE A GENERAL IDEA OF THE MIXED CHARACTER OF DODA SIRAJI.[1]

اَمہِ اقتسابہٕ تلہٕ یم تہٕ نتائج برونٹہ کُن چھہٕ یوان تمو تلہٕ چھُ صاف ننان زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ تذبذبس منز مُبتلا اوسمُت۔ یودوَے زَن تمیٚ اَمہِ زبانٕ ہُند لب لہجہٕ، مصوتے، مصمتے، نحو، اِسماہٕ تہٕ یمن ہنز مختلف حالتہٕ مرکب اضافی، صفاف، صفاف الیہ، اسماے صفت تہٕ یہند تقوبُل، اسم ضمیر یمن ہندی قسم۔ افعالی تہٕ اَمِچہٕ مُختلف ہیٚتہٕ (بناوٹ معنے تہٕ زمانہٕ لحاظہٕ) قاعدٕ، گرداں، لفظ ووٚتُر، جملہٕ تہٕ یہند یوگی، رام بنہٕ تہٕ کشتواڑی یَس ستی ستی کاشرس ستی تقوبُل غرض پریتھ لحاظہٕ مفصل بحث کوٚرمُت چھُ یُس تقریباً وُہن[2] صفن پیٹھ پھیلتھ چھُ مگر سُہ چھُنہٕ ثقہٕ پاٹھی یہٕ ہیوٚکمُت وَنِتھ زِ یہٕ مانونا مغربی پہاڑی کِنہٕ کاشُر۔ یمن وجوہاتن پیٹھ سُہ اَتھ کاشر زبانٕ ہنز ذاتی شاخ مانان چھُ مگر بحث کران چھُ سُہ پانٕ پانے اَتھ خلاف تہٕ وَنان، تہٕ کیازِ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ مانان زِ یہٕ چھےٚ اکھ مخلوط زبان۔ اَمِیُک لب لہجہٕ تہٕ باقے استعمال

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL. VIII PART II PAGE 433

مکمل پاٹھی روزٕتھ۔ عموٗمَن چھُ صرف تنہا "ن" تالوی "ݨ" منز تبدیل گژھان ماسوائے "نا" ہیں تہٕ "نژنو"۔ ناچناکس "ن"نس منز۔ یتھ پاٹھی تاثری "ن" "ݨ" منز تبدیل چھُ گژھان تتھے پاٹھی چھُ "ر" تہٕ "ڑ" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن "پرڑ" یعنی "پر"۔ مغربی پہاڑی بولہِ ہندِس اَثرس تَل چھُ تقلیب "ہ" مثلن برٕیا براۓ، "بھرا" بھائی۔ یِم چھِ بالخصوٗص مغربی پہاڑی ہندی۔

نحوکہ اعتبارٕ چھُ اسم جُملَن منز تہٕند استعمال کاشر نِسبت مغربی پہاڑی بولہِ ہندِس طرزس پیٹھ۔ اِسمُک واحد تہٕ جمع تہٕ چھُ تمی اندازٕ سپدان۔

گرئیرسنن یُس تفصیلی بحث سراجی زبانی تہٕ امکس گرامرس متعلق کوٗرمُت چھُ سُہ یتیتھ بیان کرُن چھُ طوالت طلب۔ لہاذا کرِ بہٕ یتیتھ صرف تمے نوقطٕ تلیخ کوشش یِم اَتھ کاشرِ نسبت مغربی پہاڑی بولہِ ہنا زیادٕے قریب اَنِنچ نشاندہی کران چھِ۔ بے شک چھُ گرئیرسنن تہٕ وارٕ ہیٕن جایَن اَتھ کِتھٕ کُن اِشارٕ کوٗرمُت، مگر یتھ اندازس منز اُمی پیٹھ تحقیقی کام سرانجام دِژمٕژ چھیہٕ سو چھیہٕ ہنا زیادٕے ہیٕن توجُہ طلب۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ گرئیرسنن چھیہٕ وارٕ ہیٕن جایَن سہل ازگاری ورتاوٕمٕژ تہٕ کیازِ کُنہٕ تہٕ زبانی متعلق کانٛہہ رائے قائم کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ تس گژھِ تتھ زبانی پیٹھ

کُنہِ گُنہِ چھُ "ز" "د" + "ذ" تہِ بَنان مثلن   ازاڑنو یا ادزاڑنو یعنے فضوٗل خرچ کرُن۔

دردِ زبانن ہنز اہم خصوٗصیتھ چھیہٖ یہِ زِ مُنزیم "ت" چھُکھ برقرار روزان۔ مثلن ، بھوتو = وہ تھا ، مگر دوٚیمہِ طرفہِ ستھار بھونو = ہو جانا ہس منز چھُ "ت" ترک آمُت کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن ، دنت (فارسی) دند یعنہِ دانت ، دلنت ، کشیری داند یعنی بیل ، مرکب اضافی "تو" پنجابی "دا" بدلہٕ استعمال سپدان۔ دردٕ زبانن ہُند ہاے مختفی اور ہاے مخلوط "بھ" "بچھُر" بچھ ، بھوک ، برتور سنسکرت بھوتہ ) وہ تھا" لیکن "بھونو" = ہونا تہٕ اَمیک زمانہٕ ماضی "بھوئی" چھُ اختیاری۔

دردٕ زبانٕنٛ منز چھُ ابتدائی "ر" تراونہٕ یوان مثلن "رِچھ" چہِ جایہ "اِرٕھ" یعنی ریچھ ، لفظکُ "ر" چھُ تراونہٕ آمُت۔ مگر سرائجی بولہِ منز چھُ "ش" "ہ" بنان۔ مثلن "شنو" یا "شا" یعنی "کتا" چھُ کاشرِس منز "ہوٗن" بَنان۔ پتھے پاٹھی چھُ جدید دردٕ تہٕ ہندوستانی زبانن منز "ن" "نالوی" "ڑ" ہس منز عام طور تبدیل گژھان ، یُس زن پراکرت زبانٕ ہُند قاعدٕ چھُ۔ مگر یہِ قاعدٕ ہیوک نہٕ باقے سارنے جاین

تاکہ واتہٕ ہیوٚکمُت ۔ اَدے کوٚر تِمو گراہم بیلی سٕندِ ڈٕسی
فراہم کرنہٕ آمتِس موادس پیٹھے قناعت تہٕ ممکن چھُ یتھ کنہٕ تہٕ
آسن غلطیہٕ سرزد گامژٕ تہٕ دوٚیم آبہٕ تِمو یِمن دُشوار گزار پہاڑی
وٕتن ہنٛدِ کُنہٕ زبانہٕ ہند اصلی روٗپ زانٛنچ کوٚشش کرمژٕ، تِتہٕ کٔتہٕ اوس
ممکن زِ تگ بگ پننِٕ ہنٛزٕ وٕرینٛ تانۍ یِسٕ ہے ڈوگری زبان
پنجابی زبانہٕ ہند اکھ حصہٕ مانہٕ ۔ یینٛلہٕ زن صوٗرتِ حال اتھ برعکس
اوس ۔ پرٛژھے ہش اکھ معموٗلی مثال چھیہٕ بھدرواہی زبانہٕ متعلق
تہٕ زٕ تِمو آسہے بھدرواہی زانن وألِس کُس تام شخصس پرٛژھمُت:
"ڈری یاوس گیاہ چھِ بھدرواہی زبانہٕ منز وَنان؟" "ڈری یاو"
لفظُک بھدرواہی ترجمہٕ وَننہٕ بجاے وٕوٚن تِمو بھدرواہ
وادی درمیان وسن والہٕ نالُک ناو "نیرُو" ( NEERU ) تہٕ
گرئیرسن لیوٚکھ "ڈریاوُک" بھدرواہی متبادِل "نیرُو" ۔
پرٛژھے ہش وَنہٕ چھیہٕ سراجی زبانہٕ ہندِس "ذو" کِس معنیس
متعلق ۔ گرئیرسن چھُ امیک معنے "کیا" لیوٚکھمُت یینٛلہٕ زن
سراجی منز امیک معنے "کہو" چھُ ۔

یوٚدوے زن کانٛہہ شخص گرئیرسن سٕند ڈٕسی لیچھنہٕ
لفظراشِس ہُند مطالعہ کرِ تہٕ پتہٕ کانہٕ اَن پڑ انسانس سیتۍ
کُنہٕ زبانہٕ منز خاصکر سراجی زبانہٕ منز کتھ باتھ کرِ بیعہ
فرق یِیہٕ واضح طور بروٚنہہ کُن ۔ بے شک چھُ گرئیرسن

خاص عبور آسُن یُتھ زَن زبانٛی ہندِ مزاجہٕ گرامہٕ تہٕ بُنیادی ہیتِن
مُتعلق آسہٕ تِس صحیح زانکاری۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ یہٕ کنھ سپکس
کھان زِ کُنہٕ تہٕ زبانٛی ہنز عبارژ ہُند اکھ حصہٕ ننتھ اَتھ
جُملہٕ یا سری نگرس منز ہیتھ کرناوُ اَتھ ترجمہٕ۔ لفظو ترکیب
اکھ ذخیرٕ جمع کٔرِتھ تہٕ بروہہ کنہٕ تھاوِتھ یہٕ دعویٰ زِ یمہٕ
زبانٛی ہُند گرامر چھُ فلانٛی زبانٛی ہندِس طریقس پیٹھ، فلانٛی فلانٛی
زبانن ہُند اثر چھُ اَتھ پیٹھ تہٕ اَمہٕ زبانٛی ہُند اثر چھُ فلانٛی
فلانٛی زبانن پیٹھ تہٕ فلانٛی زبانٛی منز چھیٖ یہٕ دراوِژ بیتر۔
دراصل چھُنہٕ کنھ اکھی تھے ختم گژھان۔ بُنیادی کنھ چھیٖ زبانٛی
ہُند مزاج تہٕ تمہِ قونُن مُکمل پأنٹھی زانُن ۔بے شک کیاز
آسہٕ تمُ کاشُر تہٕ بیٚیہٕ باقے زبانن مُتعلق واریاہ تحقیق تہٕ
تجس سان کأم ہیژمژ بیٚیہٕ زَن رسلہٕ رسایل تہٕ آمدرفتکی
سہولیات بہتر آسہن مگر یوگلی، رام بُنز تہٕ سرآجی ہِوین بولین
ہندِ باپتھ کاتیا شناخاری آسہٕ تمُ تجُس؟۔
گریرسنہٕ ہندِ خاطرٕ آس یہٕ خوش نصیبی زِ تس
آس سرکارٕچ سرپرستی مگر یہٕ چھیٖ سارِوے کھوتہٕ بڈ ستم ظریفی
تہٕ سہٕ تہٕ ننہ موقعس پیٹھ یَیلہٕ بیٚیہٕ ڈوگرہٕ راج اوس۔ اوِر یور
گژھنکی ذریعہٕ آسی سیٹھاہ کم تہٕ وتہٕ آسہٕ دُشوار۔ اَمہٕ وَجہ
موجود آسہٕ نہٕ گریرسن زبان زانن والین وارِہن لوکن

زمانہ حالہ باپتھ چھ "چھو" فعل امدادی ظاہر کران۔ کینہہ جملہ چھہ مثالہ رنگہ پیش :-

اردو :- رام جاتا ہے۔ سراجی :- رام گا چھو

کاشُر :- رام چھ گڑھان۔

اردو :- یہ گزشتہ برس کی بات ہے۔

سراجی :- اینگ پروتی گل چھی

کاشُر :- یہ چھیہ پرُیچ کتھ۔

یمو جملو تہٕ چھُ صاف ننان ز ضمیری لاحقہ تہٕ فعل امدادی استعمال کرنہٕ باوجود کوتاہ بنیہ چھُ یمن پانہٕ ونی۔ اتھ برعکس یوّدوے زن سراجی تہٕ مغربی پہاڑی بولہ ہنز شاخ بھدرواہی بولن والی ز انسان اکھ اکس سمکھن تم ہیکن پننہ پننہ بولہ منزے پننہ پننہ زبانہٕ ہند معنے مفہوم اکھ اکس بیٹھ کنہ دقتہٕ ورائے واضح کرتھ۔ کینہہ جملہ چھہ مثالہ رنگہ :-

| اردو | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|
| میں پڑھ رہا ہوں | اوں پڑھی رہو چھے | اوں پڑھی رہو روا ایں |
| وہ جا رہے ہونگے | تین چلورے بھوے | تین ژلورے بھوے |
| میز پر کتاب ہے | میزے پنبھ (پرھ) کتاب چھی | میزے پرھا کتاب اے |
| ہم پڑھیں گے | اہ پڑھلے | اس پڑھلے |

گرشن جاین پیٹھ لفظن ہندس معنیس متعلق پانہٕ تہٕ تعجب
کوٚرمُت۔

یپاری چھیہٕ سرآجی زبانٕ ہنز یہ بدنصیبی ز اتھ منز چھنہٕ
لکھہٕ ادبہٕ درآے بیٚیہٕ کانہہ تہٕ ادب پارہ موجود۔ وونی یہ کینژھاہ
لکھہٕ ادب موجود چھہ سہ تہٕ چھہ پہاڑی تہٕ ڈوگری زبانن سیٹھاہ قریب۔

وونی چھہ سوال یوٚدوے زن سرآجی کاشر زبانٕ ہند
اکھ حصہ چھنہٕ تیلہٕ کتھ زبانٕ ہتی چھہ اتھ واٹھ یہ ییلہٕ تہٕ اتھ
موضوعس پیٹھ سونچان چھس میہٕ چھیہٕ بھدرواہی زبان بروہنہٕ
کُن یوان تہٕ سوال چھم ووتلان ز اتھ کیازِ دِتو اسی مغربی پہاڑی
لولی؟ مگر یہ سوال تہٕ چھنہٕ امہٕ مسلک حل۔ سوال چھہ یہ ز
یوٚدوے ہنگہٕ منگہٕ ز کاشر تہٕ بھدرواہی زبان بولن والی
یا سرآجی تہٕ کاشر بولن والی پانہٕ ونی سمکھن تم ہیکا پتہٕ کتھ
باتھ ہند معنے مطلب اکھ اکِس تام واتناوِتھ کنہٕ نہ ییلہٕ زن
تم بیٚیہٕ کانہہ زبان آسن نہ زانان؟ پننہٕ کتھ باتھ منز گردن
تم ساری حربہٕ استعمال یم زن بقول گریرسن کاشر زبان
سمجھنہٕ باپتھ ضروری چھہ۔ تہٕ تم فعل امدادی تہٕ کرن استعمال
یم کاشرس طرزس پیٹھ چھہ مثلن:۔

ضمیر واحد متکلم میں لاحقہ "م"
- اردو: میں نے کتنے برس تمہاری خدمت کی۔
- سرآجی:۔ میٹی کیتائی (کیتراں) برینٹے تونی خدمت کردیم۔
- کاشر:۔ میہٕ کیتن ؤرین کرٕچانٕ خدمت۔

پسند باپتھ "برٛصہڈو"، وٛنہٕ باپتھ" زونو" کھینہٕ باپتھ "ژالو" بیتر لفظ استعمال سپدان ۔ یتھے پاٹھی چھُ تالہری "نؕ" پتہٕ زٹھک چلن تہٕ ۔

یوٚتام زٕنٕ ضمیری لاحقن ہُند تعلق چھُ گریرسن چھُ لیکھان:

PROMINAL SUFFIXES ARE FREELY USED, AND GIVE SIRAJI ITS CHIEF TITLE TO BE CLASSED AS A FORM OF KASHMIRI RATHER THAN OF WESTERN PAHARI OR DOGRI PUNJABI[۱]

مگر توپتہٕ ترٕ چھُ پننہٕ بےبسی ہُند اظہار یمن لفظن منٛز کران۔

THE RULES FOR THEIR APPLICATION CANNOT YET BE DEFINITELY STATED, AND WE MUST CONTENT OURSELVES WITH EXAMPLES OF THEIR USE[۲]

گریرسن سُند وٛنُن چھُ زِ یتھ نِش یُس ترجمہ کرِتھ مواد آمُت چھُ تتھ منٛز چھُ "کیوٚریُم" "KEORYEM" دوہٕ پھِر آمُت یمیُک معنے "میٛے کوٚر" چھُ، اتھ منٛز چھُ

---

۱، ۲ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL VIII PART II P-450

یموٗ جُملو تلہٕ چھُ سراجی تہٕ بھدرواہی زبانَن پانہٕ وٕنۍ سبٹھاہ قریب آسنٕچ شہادت میلان۔

وونۍ کرو اسۍ گریرسنہٕ سندِ تمہٕ بیانٕچ تہٕ اکہٕ لٹہٕ وضاحت کرنٕچ کوشش ییمہٕ موٗجوٗب سہٕ سراجی کاشر زبانۍ نِکھ چھُ مانان۔ کینہہ نوقطہٕ چھِ یم۔

"د"، "ت" ہُنس منز تبدیل گژھن۔ منز یم "ت" برقرار روزن۔ ہاے مختفی تہٕ مخلوٗط استعمال کرُن۔ گوڈٕ پنہٕ ودل "ت" ترک کرُن، فعل کین گردانن ہنزٕ ضمیری لاحقن ہند کھلہٕ ڈلہٕ استعمال۔ "ژ" تہٕ "ز" ہُک عام استعمال بیتر۔ یمہٕ سارے خصوصیژ چھُ گریرسن دردہ زبانن ہنزٕ وابسطہٕ مانان یمہٕ زن سراجی زبانۍ منز تہٕ نظر چھیہٕ گژھان۔ امی چھیہٕ تمۍ سراجی تہٕ کاشرِچ اکھ شاخ تسلیم کرمٕژ۔ مگر ییلہٕ زن یمن خصوصیژن ہند تلاش اسۍ مغربی پہاڑی بولین منز کران چھِ، اَمہِ چھِ یمہٕ بھدرواہی، بھلیسی، پاڈری بولین منز ہنا زیادٕے یہن نظر گژھان، بلکہٕ بوٗدوٗے بہ یہ وُنہٕ زِ سراجی چھیہٕ کاشرِس نِسبت بھدرواہی زبانۍ زیادٕ نزدیکھ تہٕ رلہٕ وٕنۍ۔ بوٗلۍ ووٗنۍ گژھنہٕ۔ "دنۍ" خاطر چھُ دوہوٗنۍ زبانن منز "دنت"، "داند" سندِ بابژھ "دانت" گژھنہٕ بابژھ "بھولو" روزنہٕ خاطر "دھنو" بابتہٕ سندِ بابژھ "اژھ" "نژنہٕ" بابژھ، "نژلو" "وٗژھو"

SINGULAR. THERE SEEMS TO BE SOMETHING WRONG WITH THE TEXT."[1]

پتھ کنہ زن میہ بروٚنہہ ھمبلن منز عرض کوٚر "زو" چھنہٕ "کھو" ہندس معنیس منز استعمال آمُت کرنہٕ تہٕ امہ علاوٕ چھنہٕ زنہٕ باپتھ "لکڑی" ہند استعمال کرنہٕ آمُت، بلکہ چھ امہ باپتھ "تھ" لفظ استعمال پیدان۔

یمو مثالو تلہٕ چھُ یہ زانُنس منز آسانی پیدان زِ گریرسنس چھُ سیٹھاہ کم موادس پیٹھ قناعت کرٕن پیوٚمُت تہٕ امہ تلہٕ کم نتیجہٕ اکن اخذ پدکھ سو کتھ چھیہٕ صاف عیان۔ یہ کتھ چھیہٕ صحیح زِ "چھو" چھُ سراجی منز ضروٗر مستعمل مگر صرف "چھو" لفظٕ پتھ ہیکنہٕ سارِ سے زبانی ہند ڈانچہٕ بدلتھ۔ ھمبلن ہنز بناوٹ ہندی عوامِل چھ کنہٕ تہٕ زبانی ہندِ خاندانچہٕ ولادتُک ہندی کارفرما آسان۔ "چھو" چھُ بنگالی، نیپالی تہٕ گجراتی زبانن منز تہٕ استعمال پیدان مگر یمہ زبانی چھیہٕ کاشرِ نِشہ تہ سے پدوٚن یِیژاہ سراجی چھیہٕ۔

سراجی منز چھُ مصدر، اسم، صفت، ضمیر

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A. GRIERSON VOL VIII PART II PAGE 443

لاحقہ "م" ییمہٕ بروٚنہہ "ی" مصوتہ سابقہٕ رٔنگی تہٕ استعمال سپدان۔ فعل کرنو، (کرنا) چہٕ زمانہٕ ماضی لیٛ متعلق چھنہٕ کانہہ تہٕ مثالاہ پیش آمٕژ کرنہٕ۔

پتھے پاٹھی چھُ گریرسن فعلِ امدادی تہٕ فعل وصلی لیٛ متعلق وُنان زِ زمانہٕ حالس منز چھُ کاشُر (چھُ) موٚجوٗد۔ مگر اتھ منز تہٕ چھُ سُہ پننہٕ مشکلات بادان وُنان:۔

IT CHANGES FOR GENDER, BUT FOR

THE FEMININE ONLY THE THIRD PERSON

IS AVAILABLE IN THE METERIAL:

مثلن : واحد حاضر:۔ توٚ سدا مینٛٹی ساتھی چھی = تم ہمیشہ میرے ساتھ ہو

مذکر غائب :۔ تینٛٹو پتُر چھو = وہ تمہارا ہی بیٹا ہے

مونث :۔ پرٛوتی گل چھی = گذشتہ برس کی بات ہے

جمع متکلم :۔ گھر ڈٔے بناوان چھا = اگر ہم گھر تعمیر کر رہے ہیں

مذکر غائب :۔ بڈٹے نادینہٕ چھا = وہ کاٹنے کی اجازت نہیں دیتے ہیں

مونث :۔ دوہوری لکڑی چھا = وہاں اور کیا لکڑیاں ہیں۔

اتھ "زوہس" متعلق چھہٕ لیکھان:

"THIS IS A VERY DOUBTFUL EXAMPLE

AND I AM UNABLE TO EXPLAIN IT FULLY.

ZO- IS MASCULINE SINGULAR AND HORI

AND LAKRI BOTH SEEM TO BE FEMININE

بجایہ سیٹھاہ زیادٕ استعمال یِدان ۔

۴۔ سراجی منز چھِنہٕ اسم صفت، مصدر، واحد جمع، فعل
تہٕ تمِکۍ قسم، مرکب اضافی بیترِ کأشرِ زبأنی ہندِس
طرزس پیٹھ ۔

۵۔ سراجی زبأنی ہندین جُملن ہنز ساخت، لب لہجہٕ
تہٕ آہنگ چھُ کأشرِ نشہٕ بدلُن

۶۔ سراجی لُکن ہُند رسن بسُن، رسم تہٕ رِواج تہٕ بسلسلہٕ
نسب چھُ کأشرِ بوٚ نشہٕ بلکل الگ۔

۷۔ سراجی زبأنی ہُند لُکہ ادب چھُ کأشرِ نسبت
پہاڑی زبأنی سیٹھاہ نزدیکھ ۔

۸۔ سراجی زبان چھیٚ پننہٕ مزاجہٕ تہٕ لہجہٕ اعتبارٕ تیژٕرے
پہاڑی ییژٕ زن پاڈری، بھلیسی تہٕ بھدرواہی چھیٚ۔

۹۔ سراجی چھےٚ پننی بولی پہاڑی بولہٕ خاصکر بھدرواہی لیس
منٛز لرلوٚر مانان۔

۱۰۔ سراجی بولہٕ منز چھہٕ نمتھ فی صدی کھوتہٕ زیادٕ پہاڑی
خصوصیژ آسنہٕ باوجود تہٕ پننی اکھ منفرد تہٕ جداگانہ
حیثیت ۔

مو خصر پأٹھۍ چھُ سراجی بولہٕ ہندِس سلسلس
منز از سرِ نو تحقیق کرنُک ضرورتھ ییمیک آغاز

تہٕ پھندی قسم تہٕ کاشر لفظ بدلان۔ سرائیکی مصدر چھُ "نو" ہس پیٹھ اندواتان بیلہٕ زَن کاشرس منز "ن" تَس پیٹھ چھُ ختم سپدان۔ اسم صفت ہیم زَن "د" لس پیٹھ ختم چھِ سپدان، چھِ جمع بناونہٕ وقتہٕ تبدیل گژھان۔ مرکب اضافی یس منز مضاف آیہ کرِ اظہار خاطرٕ چھُ "تو" تہٕ "نو" لگاونہٕ یوان تہٕ ہیم دونوے چھِ ڈوگری طرزِ زبانی پیٹھ۔ یتھے پاٹھی چھُ حرفِ جار تہٕ کاشر لفظہٕ بدلان۔

اتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ شک زِ ہیم ساری نوقطہٕ چھِ گریرسنہٕ ہند زبانیٚ ہندِ تحقیقی کِر مطالعہ ستی بروہہ کُن یوان زِ سرائیکی چھنہٕ کاشرِ زبانیٚ ہنز اکھ بدلان لنڈ بلکہ ہیکہ یہ مغربی پہاڑی بولہ ہنز شاخ آسِتھ، تہٕ کیازِ سرائیکی تہٕ کاشرِ زبانیٚ ہند تفصیلی تجزیہٕ تہٕ تقوبلی مقابلہ ستی چھیٚ یہ کتھ ٹاکارٕ سپدان زِ اتھ زبانیٚ چھُ پننُ اکھ الگ آہنگ، لہجہ، مزاز بیترِ۔ سرائیکی بولہ ہندِ الگ مزاز بیترِ آسنکی وجہ ہیکَن ہیم آسِتھ:-

۱۔ سرائیکی ہندس لفظہٕ ذخیرس منز چھِ کاشرِ کی داہ فیصدی تہٕ کھوتہٕ کم لفظ۔

۲۔ کاشرِس منز یمن مصوتن ہند استعمال چھُ سپدان تِم چھنہٕ سرائیکی منز نظرِ گژھان۔

۳۔ تالہری "ݨ" یعنہٕ ن + ڑ (ݨ) چھیٚ پہاڑی بولین ہنز اکھ اہم خاصیت تہٕ یہ آواز چھیٚ سرائیکی منز کاشرِ

| اردو | کاشُر | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|---|
| ایک | اکھ | اِکّ | اِکّ |
| دو | زٔ | دّوئی | دووی |
| تین | ترٔیہ | ترائی | ٹلائی |
| چار | ژور | ژوّر | ژوُر |
| پانچ | پانژھ | پنژھ | پنژھ |
| چھ | شیّہ | شا | شا |
| سات | سَتھ | سَت | سَت |
| آٹھ | اَٹھ | اَٹھ | اُٹھ |
| نو | نَو | نو | نو |
| دس | داہ | دَس | دَش |
| | | | |
| میں | بہٕ | اَوںْ | اَوں |
| میرا | میون | مینوں | میرو |
| ہم | اَسی | اَہ | اَس |
| ہمارا | سون | اساوٗ | اِشو |
| تم | ژٕ | تو | تو |
| تمہارا | چون | تُشُوں | تیرو |
| آپ | توٗے | توہ | تُس |

ڈاکٹر پریتم کرشن کولن کوٚرمُت چھُ "چندر بھاگاٹ کی پروتیہ بولیاں" ناوٕ کتاب لیکھان یمن حالاتن ہُند تمہِ ذکر چھُ کوٚرمُت تمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ سُہ چھُنہٕ سرآجی کاشُر زبانِ ہنز لنڈ مانان۔ تمو چھُ پوگلی، سرآجی تہٕ پاڈری زبانن ہُند تفصیلی جایزٕ پیش کوٚرمُت تہٕ پننین خیالن ہندِس حمایتس منز زبانِ ہندین مُختلف جہتن پیٹھ بحث کوٚرمُت۔

مشہور ماہر لسانیات پروفیسر سِدھیشور ورما چھُ پوگلی زبانِ کاشرِ کھوتہٕ تہٕ قدیم مانان[۱]۔ سرآجی بولہِ چھُ سُہ درد پہاڑی زبانِ ہُند ناو دِتھ اکہِ نوٕ بابُک آغاز کران، یمن ہندی کینہہ رِپھ ڈاکٹر ورماہس ریاسی ہنزِ کھاسی بولہِ منز نظرِ چھِ گژھان۔ تم تہٕ چھِ سرآجی کاشرِ زبانِ ہُند اکھ حصہ مانہٕ نِشہٕ انکار کران۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھُ سرآجی زبانِ پیٹھ ازسرِ نوٕ تحقیق کرنُک ضرورت۔

بیٚیتھ چھُ یہ مُناسب زِ سرآجی، کاشُر، بھدرواہی تہٕ اردوٕکُک تقوبل کرو نموٗنہٕ رٔنگی پیش ییتھ زن یمن ہنز پانہٕ وٕنی قُربت معلوم سپدِ۔

---

[۱] چندر بھاگاٹ کی پروتیہ بولیاں۔ پی کے کول۔ حصہ سرآجی صفحہ ۹

| چاندی | ردپھ | چاندی | چاندی |
|---|---|---|---|
| باپ | مول | بب | بب (لوٗ) |
| ماں | موج | مالی (ای) | ہائی (ہاج) |
| بھائی | بوے | بھرا | ڈھلا |
| بہن | بیّنہ | بہن | بَیش |
| آدمی | موہنیوٗ | مہنو | مہنو |
| عورت | زنانہ | زنان | کوانش |
| گھوڑا | گرُوٗ | گھوڑو | گھوڑو |
| گائے | گاو | گورو | برڑھی |
| جا | گرڑھ | گا (گس) | گا |
| کھا | کھیّے | کھا | کھا |
| کون | کرُش | کیائی (کم) | کون |
| اور | پتہ | تی ، تی | تے |
| اونچا | تھوٗد | اُکھڑد | کھڑدو |
| بکرا | ژھاوٗل | ژھیرڑو | ژھیرڑو |

| | | | |
|---|---|---|---|
| آپ کا | تُہنُد | توہمو | تسُو |
| وہ | سُہ | اُونگ (سو) | تے |
| اُس کا | تسُد | تی تو | تیسرو |
| وہ | ہُہ | تہِن | تہِن |
| اُن کا | تُہنُد | تنیٹا | تہِن کیرو |
| ہاتھ | اُتھ | ہَتھ | ہَتھ |
| پاؤں | کھور | کھُر | پاؤ |
| ناک | نَس | نکّ | نکّ |
| آنکھ | اُچھ | اُچھی | ایشڑھی |
| مُنہ | اَس | مُنہ | آشی |
| دانت | دَند | دنت | دنت |
| کان | کن | کنّ | کنّ |
| زبان | زلو | زِب | ہزِبّ |
| بال | وال | بال (ک) | بال (اشرال) |
| سر | کلہ | روٹ | ڈُ ڈگ |
| پیٹ | یڑ | پیٹ | پیٹ |
| لوہا | شیشتر | لوہا | لوہں |
| سونا | سون | سونوں | سونوں |

| | | | |
|---|---|---|---|
| اُس نے پڑھا | تمہٕ پوٚر | تینٹی پڑھو | تینٹی پڑھو |
| وہ گیا ہے | سُہ چھُ گومُت | سُو چلے گو چھو | تے ژلی جوُ |
| وہ جا رہا تھا | سُہ اوس گڑھان | سو گا وو لگورو | تے گئی رہورو تھیو۔ |
| وہ پڑھے گا | سُہ پرِ | سو پڑھے لو | تے پڑھلو |
| وہ پڑھیں گے | تِم پرَن | تین پڑھنلے | تین پڑھلے |
| وہ چلا گیا تھا | سُہ اوس گومُت | سُو چلے گورو | تے ژلی جورو تھیو |
| وہ چلا گیا ہو گا | سُہ آسہِ گومُت | سو چلے گورو ہولو | تے ژلی جورو ہولو |

سرٲجی ، کٲشُر تہٕ بھدرواہی زبانَن ہندِ اَمہِ تقوبلہٕ ستی
چھُنہٕ اَسہِ یہِ اندازہٕ لگاونس منز مشکل یوان زِ سرٲجی کتھ زبٲنی چھیہٕ
زیادٕ نکھہٕ ۔ سرٲجی زبٲنی ستی چھُ یہِ ہنتھ آمُت زِ یہِ علاقہٕ چھُ ترٛیہہ
ژتجہہِ میل زیوٚٹھ تہٕ پنداہ وُہ میل کھوٚل دُشوار گزار پہاڑی سِلسِلن
منز ژھکرِتھ ۔ اَتہِ چھُ کُہے فاصلہٕ طےٚ کٔرتھ زبٲنی منز تبدیلی ییٚنہٕ
شروٗع گڑھان ۔ سرٲجی علاقس منز چھِہ دلیہ علاقکی لوکھ "چھو" بجایہِ
"تسو" استعمال کران ۔ یتھے پأٹھی چھیہٕ ہیٚندین تہٕ مسلمانن ہنزِ زبٲنی
منز تہٕ رژھ کھنڈ فرق موٗجوٗد تہٕ یہ سوٗرُے سرمایہٕ چھُ مذہبی
عقائدچن کتابن تانی محدوٗد۔

سرٲجی رسم تہٕ رِواج تہٕ چھِہ کٲشرو نشہٕ بدوٗن تہٕ
پننہٕ پننہٕ مذہبی عقیدہٕ موٗجوٗب چھِہ یم یمن ہنز پأروی تہٕ کران.

| اردو | کاشُر | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|---|
| رام جاتا ہے | رام چھُ گژھان | رام گانچھو | رام گاتے |
| رام کیلئے چائے لاؤ | رامس کرِ ژان چائے | رام جوئی چاہ آنٹا | رامے جی چاہ آنٹا |
| رام، راون سے اچھا ہے | رام چھُ راونہٕ کھوتہٕ رُت | رام راو نیلا کیائی چھو | رام راونے کیرناں جھیلے |
| میں اُسکی بہن ہوں | بہٕ چھس ہمُس بێنہٕ | اوں تنے تی بہن چھا | اوں تیری بہن اِیں |
| میز پر کتاب ہے | کتاب چھےٚ میزس پیٹھ | میزے پیٹھ کتاب چھی | میزے پُرڑ کتاب دے |
| اُسکے چار بھائی ہیں | تمُس چھہٕ ژور بائے | تے تنے ژوُر بھرادٔ چھے | تیرے ژور ڈھلا آنٹ |
| ہم میں بڑے گُن ہیں | اَسہٕ منز چھہٕ وارِیاہ گون | اَئی ماں بڑے گُن چھے | اَس ماں بڑے گن اَن |
| کملا گاتی ہے | کملا چھےٚ گیوان | کملا گیتاں زوں چھی | کملا گاچے |
| دیا جلتا ہے | ژونگ چھُ دزان | دِیو بلاں چھو | دیو بَلتے |
| ہوا چلتی ہے | ہوا چھُ پکان | بات چلاں چھو | بات ژلتے |
| چیڑیاں دھان کھا گئیں | ژُرِ گیئہٕ دانہٕ کھیتھ | ژاڑ دلیئی دھان | ژوڑ ولینی دھان |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھُس پران | کھائی سٹو | کھیتی سُٹو |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھُس پران | اوں پڑھی رہو چھے | اوں پڑھی رہو دو آئیں |
| وہ جا رہے ہونگے | تم آسن گژھان | تین چلو رہے بھوے | تین ژاو رہے بھوے |
| میں پڑھوں گا | بہٕ پرٕ | اوں پڑھالو | اوں پڑھلو |
| ہم پڑھیں گے | اَسی پرٕو | اہ پڑھمے | اُس پڑھمے |
| تُم پڑھو گے | ژٕہ پرِکھ | تو پڑھالو | تو پڑھلو |
| تُو پڑھے گا | ژٕ پرکھ | تو پڑھتلے | تُس پڑھلے |

## Appendix I

The word 'Sinaj' means the kingdom of Siva and hence any mountainous Country. Such countries are naturally liable to have dialect of their own, and hence we find several Sirajs in existance, each with a distinct form of speech. Thus, there is Siraji in the Simla Hill States, a Sub-dialect of Kiuthali (vol. ix, pt. iv p 593), An other Siraji is one of the Satluj Group of sub-dialects (ib.p. 647) and yet a third is allied to kului (ib. p. 688). All these are forms of western pahari.

South of the tract in which po—guli is spoken, there is a further tract of hill country reaching down to river Chinab, and also called Siraj———--The language of this Siraj is there-fore called the Siraji of Doda.

---

1. Linguistic Survey of India by. G.A. Grierson vol VIII part II p. 433.

رسم تہٕ رلواجن ستۍ زبانہٕ ہنز پرٛتھنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ باپتھ چھُ
لُکہٕ ادب سارِوے سرس آسان ۔ کھاندر کھُندرن ہندی پاٹھۍ
ہوہوکرنچ باتھ، جُدائی تہٕ وصلکۍ باتھ تہٕ بیتھی ہوئ دوٚیم
لُکہٕ باتھ تہٕ چھ کاشرِ نشہٕ بلکل بدوٗن ۔ ووٚنۍ گوو مسلمانن ہندین
گرن منز یمن کاشرِ زبانہٕ ہنز واقفیت آس، چھُ کاشرِ لُکہٕ باتھ
گیونہٕ یوان تہٕ کاشرُ چھُ لگ بگ ساری سراجکی مسلمان سمجھان
تہٕ بولان ۔ ہیندین منز چھُنہٕ کاشرِن لُکہٕ باتن ہُند مولے کانہہ
چلن ۔

یمن لُکہٕ باتن ہند مُطالعہٕ ستۍ چھُ نَنان زِ اَنہٕ لُکہٕ باتھ
تہٕ چھِ پہاڑی بولہٕ ستۍ ماہ نِچھ ۔ اَتھ کتھ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ
شک زِ متفرقہ تمام زبانن ہُند اَثر چھُ سرآجی بولہٕ پیٹھ مگر
اَمی باپتھ پہٕ کاشرِ زبانہٕ ہنز اکھ شاخ ماننٕ چھُنہٕ موزوٗن ۔
اَتھ چھیہٕ مغربی پہاڑی بولین ستۍ زیاد وابستگی، اَتھ چھیہٕ پننۍ اکھ
الگ انفرادیت تہٕ امیک مطالعہٕ پزِ اَس یمے نظریہٕ بروٚنہہ
کنہٕ تھاوِتھ کرُن ۔

ڈاکٹر بی۔ این۔ کلا

# کشمیری شبدامرتم

ایشور کول سُند ناو چھُ تمن ناماوز لیکھکن منز گنزراونہٕ یوان یِہنْد دیت سنسکرت ادبہٕ علاوٕ کاشرِس منز سیٹھاہ تھنْگن لایق چھُ۔ یِہ چھُ ۱۸۳۳ء دِکرمی سموتس منز سرینگرس منز برینڈم زامُت۔ اَمی ہندس مٲلِس اوس گنیش کول ناو یُس پننہِ دورُک بوڈ عالم تہٕ فاضِل مانہٕ یوان اوس۔ گنیش کولس آسی تریہ نیچوی یِمن منز ایشور کول سیٹھاہ ذہین تہٕ چالاک اوس۔ اَمس موٗد لوکہ چارِس منز مول تہٕ موج مگر اَمی ہارِنہٕ ہمت کینہہ۔ یِہ رُود جدو جہد کران تہٕ سارِنی شاسترن ہُند کوٚرُن سوٚن تہٕ گوٚن مطالعہٕ۔ علمِ نجومس یعنی جیوتشس

## Appendix II

As its position indicates Siriji is a mixed language. The Bhaderwahi to its South is a form of Western pahari, and more over is here corrupted by Dogri Punjabi. The Kashtwari to its east and the pogali to its north are the forms of Kashmiri, already effected by western pahari, and siraji is still more corrupted by these languages. It might with almost equal correctness, be classed as a dialect of Kashmiri or as a dialect of western pahari, but I have put it in the former class because it possesses certain typical Dardic characteristics which do not belong to the latter such are the occasional use of vocalic epenthesis, the hardening of 'd' to 't' the ratention of medial 't', the disaspiration of Sonant aspirates, the droping of initial 'r, and general method of verbal conjugation including free use of pronominal Suffixes.[1]

1. Linguistic survey of India by G.A. Grierson vol VIII part II p 433.

هیوٚت پتہٕ سر جارج گریرسن بایوٚ ہیلامبر دیوس۔ اَتھ نوسخس اَس
ایشور کولن پلنے شیرزار کرمژ۔ پرٛسس پہ نوسخہٕ دِزہٕ وِزِ کرٕہ
کانہہ تہٕ تبدیلی گریرسنن۔ صرف چھ تمہ لفظن ہندِ ہشر ہاوِنہٕ موکھ
کرِ کنہ جایہ تبدیلی کرمژ۔ کینژن جاین چھیہٕ ایشور کولن ویچھ
غلطی کرمژ یم گریرسنن بدٕ کرمژ چھیہٕ۔ مثلن گرُ لفظس منز
چھیہٕ ایشور کولن بُڈ پنشہ رُ (ؤ) اثرا لگاومژ یوسہٕ نہٕ ضرورت
اَس تمہ چھ دیوناگری رسم خطس منز "گرُ" لیوکھمت یتھ پاٹھی۔
[illegible] (گرُو) یہ گوڑھ لیکھن یتھ پاٹھی:۔
گرُ ( [illegible] ) گریرسن چھنہٕ یژ پاٹھی کتابہ منز کانہہ خاص تبدیلی
کرمژ صرف چھ تمہ فٹ نوٹ (FOOT NOTE) لیکھی متی۔ کینہہ
فایدہ سمجاونہٕ خاطر چھ گریرسنن برکٹن منز لیوکھمت یمہ ستی
پرن والِس پہ صاف ظاہر ییدہ زِ مصنف سُند مدعا کیاہ چھ
تہٕ ایڈیٹر سُند مدعا کیاہ چھ۔

پہ کاشُر گرامر چھ ایشور کولن ہرشی پانِنی ہندِس طور
طریقس پیٹھ لیوکھمت۔ پانِنی چھ گوڈنیک سنسکرت
گرامر دان ییمی سوٗترن ہندِس طریقس پیٹھ اشٹا دھیایی یعنے
سنسکرت گرامر ق۔م ۵۰۰ لیوکھ۔ ایشور کولن تہٕ پانہٕ نوو یوہے
طریقہٕ۔ تمہ تہٕ لیوکھ پہ کاشُر گرامر سنسکرت زبانی منز سوٗترن
ہندِس فارمس منز۔ سوٗتر کیا گووٕ؟ پہ اوس پرانہٕ وقتہٕ

پیٹھ تہٕ اوسُس سیٹھاہ عبوٗر۔ یِمہٕ کِنۍ اُمی ہنٛز مشہوٗری ژٕنہٕ پٲرِ پھہلیہٕ

۱۸۸۱ء منٛز کوٗر ڈوگرہ عہدکۍ بڑۍ باپر راژ مہاراج رنبیر

سنگھن اکھ TRANSLATION DEPTT. (ترجمہ محکمہ) قٲیم۔ یتھ

منٛز دارِہَن زبانن ہنٛز کتابہٕ سنسکرت بیترِ زبانٮ۪ن منٛز ترجمہ کرنہٕ آیہٕ۔

اِیشورہ کول آو اَکھ ڈائریکٹر بناونہٕ۔ ۱۸۸۴ء منٛز موٗد مہاراجہ

رنبیر سنگھ۔ تٔمۍ ہندِ مرنہٕ پتہٕ پتہٕ دوٗہی کوٗر یہ ڈپارٹمنٹ

مہاراجا پرتاپ سنگھن بند۔ پتہٕ آو اِیشور کول مہاراجہ پرتاپ سنگھن

جیوتشی مقرر کرنہٕ۔ اِیشور کول روٗد پتہٕ مرنس تام یعنی ۱۸۹۳ء تام

اُتھی عہدس پیٹھ کٲم کران۔ اَتھ دورس منٛز لیچھ تٔمۍ وارِیاہ کتابہٕ۔

یِمَن تصنیفن منٛز چھےٚ اُمی ہنٛز مشہوٗر تصنیف "کشمیری

شبدامرِتم"۔ یَمیُک مطلب چھُ کٲشرِ لفظن ہُند امرِت یا

آبِ حیات۔ مُصنفن یُس اَتھ کتابہٕ ناو دیُتمُت چھُ، اَمہٕ نِش چھُ اَسہٕ

باسان زِ کٲشرِ زبانٮ۪ سیٖتۍ کوتاہ اوس تَس لگاو۔ یِمہٕ کِنۍ تٔمۍ یہ رَنبہٕ وُن

ناو اَتھ دیُت۔

یہ تصنیف چھےٚ دوٚن حصن منٛز بٲگرنہٕ آمٕژ تہٕ چھےٚ

یوٗرپکۍ اَکۍ بڑۍ بار سرجارج ابراہم گریرسن ۱۸۹۸ء

منٛز مُرتب کٔرمٕژ۔ کشمیری شبدامرِتُک نوسخہ اوس اِیشور کولن

جموں وکشمیر سٹیٹ کِس پرائم منسٹرس (PRIME MINISTER) بابو

نیلامبر مکرجی یَس پیش کوٚرمُت یُس بوٚڑ بارہ عالِم تہٕ اوس۔ یہ نوسخہ

3. SUBSTANTIVE AND ADJECTIVE LUXURIANT VARIETIES OF THE VOCATIVE CASE THE DECLENSION OF PRONOUNS, SECONDARY SUFFIXES; THE FORMATION OF NOUNS AND ADJECTIVES FROM OTHER NOUNS AND ADJECTIVES.

سُندی ہنز مثال چھیہ یِتھ پأٹھؠ :-

اکارے اکار لوپہٕ (अकारे ऽ अकारलोप:)

یہ چھُ اکھ سوٗتر یُمیُک مطلب چھُ زِ ری اچھرس (CONSONANTS)

بروٗنٹھ یِیلہِ اکار یعنے ا (अ) آسہِ تیٖلہِ چھُ بروٗنٹھِم اَ (आ)

مِثال شلن - گر + ان (गर + अन) = گرن - اَمیُک مطلب

گوو وارِہہن گرن - اَمہِ یِتہٕ چھُ بیاکھ حصہٕ یِتھ لِنگ پرٛکرن

وَنان چھِ - (CHAPTER OF GENDERS) یعنے یُتھ منز نرٛ

تہٕ مادہٕ لفظن ہنز تبدیلی گرامر مطابق سرٛکھ ییہ کرنہٕ تُتھ وَنو

لِنگ پرٛکرن -

مثلن :- واگُنزٕو گاسو بأژو ہانزو بھیہ -

یِمن لفظن ییہ (वा गांञ्जु गांसु, बांचु हांज़ु भ्य:)

لیکھنک اکھ طریقہ یتھ منز سیٹھاہ کیہہ ہیتہ لوکٹ جملس منز ونہٕ۔ سوٚتہٕ ادب چھ سنسکرتس منز سیٹھاہ پرٛون اوسمت۔

یہ کاشر گرامر چھ پنڈت مُکند رام شاستری ہٕ ذریعہ مہاراج گریرسنن ریٚژھہ رٚژھہٕ پوٚرمُت۔ امہ خاطر پیوٚ مُکند رامس پٹنا گژھن ییٚتہٕ تمہ وزٕ گریرسن اوس۔ امہ پتہٕ گریرسنن سیتہٕ پروف شیٹ (PROOF SHEET) تہٕ دیرٛشھناوٕنی کیہنہٕ ٹک آورنو لیتہ پتہٕ امہ پتہٕ پیٚو یہ چھاپ۔

ایشور کولس بروٚنہہ تہٕ اوس وِدیشی ماہرو کاشر گرامر لیکھنک دٕس تلمُت۔ مگر تم آسہٕ نہٕ مکمل کینہہ۔ یہ گرامر چھ واریہہ حدس تانی مکمل۔ لسانیاتی ماہرن ہند خاطر چھیٚ یہ کتاب سیٹھاہ فائدٕ مند۔

ایشور کولن کوٚر یہ گرامر سموت ۱۹۳۲ء منز کارتکہٕ زوٚنہٕ پچھ پوٚنژم دوہ مکمل۔ یہ کتھ چھیٚ مُصنفن سنسکرت شلوکن منز وٕنی مژٕ تہٕ چھین گنیشس یُس ہندوٕ دیو مالایہ موٚجوب عقلہٕ ہُند دیوتاہ مانہٕ یوان چھ آرادنا (زار پار) کرٛمژ۔

گوڈنکس حصس منز چھ تمہ واریہن لسانیاتی زاوی جارن پیٹھ گاش تروومت مثلن :-

1. Combination of Vowels.

2. Declension of Nouns.

اَمہِ سوٗترٕ موٗجوب یینٛلہٕ کانٛسہِ دوٗرٕ بیہِتھ ناد دِیُن آسہِ یا غم ظاہر کرُن
آسہِ تیٛلہِ چھُ فاعلس منٛز ( SUBJECT ) 'آ' (3171) ہَس
'او' بنان مثلن۔ ہانارانو۔ ہتا کاکو۔ اَتھ منٛز چھُ
نارانا تہٕ کاکا اَتھ NOMINATIVE SINGULAR چھُ
VOCATIVE ہَس منٛز 'او' بنان۔ 'پُمادراہوانے وِشِشٹات
نامنو وا پوٗروم ہے' पुमादराह्वाने विशिष्टान्नाम्नो वा.
لفظ یینٛلہِ 'ہے' اَمہِ سوٗترٕ ستۍ چھُ پوان گوڈنیتھ ہے पूर्व हे)
کانٛسہِ عزتہٕ سان آلو دِیُن آسہِ مثلن۔ ہے ناران جوٗ۔ ہے گنہٕ کول۔
ہے رحیم جوٗ بیترِ۔ 'ہتاشبدہ پوٗروچہ' (हताशब्दः पूर्वं च
کُنہِ وِزِ چھُ نادلاینہٕ وِزِ 'ہتا' گوڈنیتھ پوان۔ مثلن۔ ہتا مانا۔ ہتا
غلیا۔

## سَروَنام پادٕ ( PRONOUNS )

اشارٕ ناوتچہ کیہہ مثالہ:۔

کانشٕھا کینشٕھا شبدا ویکتو' कांश्चाह केंश्चाह शब्दा वेकत्वे
ییٚمہِ سوٗترٕ موٗجوب چھُ کانشٕھاہ تہٕ کینشٕھاہ لفظ واحدس منٛز
بِتھ پاٹھۍ استعمال پیدان۔ مثلن، کانشٕھاہ، کینشٕھا۔
کینشٕ شبد وٕنتم بہترے (केंच शब्दो नित्य बहुत्वे)
اَمہِ سوٗترٕ کِنۍ چھُ 'کینشٕ' لفظ ہمیشہٕ جمعس منٛز استعمال پیدان۔
مثلن۔ کینشٕن تہٕ کینشٕو۔ ترٕہس تارا دلیشہ' {त्रिहस्तारा देश:)

"آ" (आ) کنہ کنہ وزِ نر آسنہٕ کنٛی پتہٕ تراوِنہٕ۔ مثلن۔ گانٛزن چھُ

ماران۔ گاس (گاسہٕ کنٛن والین) باٹن چھُ پتراں۔ ہانٛزن چھُ

رچھاں۔ یمن سارنے لفظن منز چھ گوڈنکس حرفس (ع) آ پوان۔ کنہ

وزِ چھُنہٕ پوان کینہہ مثلن۔ گنٛزن، گاسن، تانٛزن، باٹن ۔

"دال سال زال کلام" (दाल साल जाल कलां ज:)

اَمہِ سوترہ ستۍ چھُ وال سال زال تہٕ کل لفظن ہندس آخری 'ل'

جہِ ہیس نر (ج) بنان۔ یعنے اَتھ چھیہٕ صوتیاتی تبدیلی گژھتھ

مادِ شکل بنان مثلن:۔ واحد وال (سرِ پہٕ پتہٕ واگ) جمع۔ واجبو

ستین واحد سال، جمع، ساجبو ستین، زال، جمع، زاجبو ستین۔

واحد، کل معنے فکر جمع، کجبو ستین۔ 'دا' کنڈل کرتلو

کنڈل تہٕ کرتل لفظکس 'ل' مس یا 'اے' ہس چھُ 'ج' آسی' کنہ

کنہ وزِ بنان مثلن:۔ کونڈجہ ستین، کرتجہ ستین (کرتل گیہٕ تلوار

"اپرانِنا پُمسو کُکیو پم" (अप्राणिना पुंसो कुक्यो पुंसि)

اَمہِ سوترہ (FORMULA) ستۍ چھُ بے جان نر لفظن واحدس

منز 'اُک' تہٕ 'ک' پوت لوگ (SUFFIX) لگان۔ مثلن:

دانیگ توٚمُل، ہارک مونگ، کٔکِو دُتھر، ماگُو دوہ۔ جمعس منز

پیہ کلین ہندی دُتھر۔ جاندارس ستۍ پیہ۔ کاوُند۔ گاوُند بیتر۔

(اَتہِ یی نہٕ گاوُگ یا کاوُک کینہہ)

"ہادُور وشادیورا پر تیسہ چوکارہ" (हादुर विषादयो: रा प्रत्य यस्य चोकार)

یعنے نوٗنس بَنہِ نوٗنہِ غنہٕ (ں) مثلن ۔ پاں ترٛکھ ۔ پاں نوٹ ۔

پیٚلہِ ہٕنہ پہٕ مُرکبس منٛز آسہِ تیٚلہِ بَنہٕ اَیکُے روٗپ پتھ پاُٹھی مثلن ۔

پائیکُے ترٛکھ ۔ دانہٕ شبد سیٚا پہٕ ( दामशब्दस्यादि )

آمہِ سوٗترٛکنہٕ ییٚلہِ دانہٕ لفظٕ کس منٛز گوڈنیتھ آسہِ تیٚلہِ بَنہٕ دانہٕ

لفظٕکس نوٗنس (ن) نوٗنہِ غُنہٕ (ں) مثلن ۔ داں کھار ، داں

پھوٗت بیتر ۔ مُرکبس منٛز ییٚلہِ نہٕ آسہِ تیٚلہِ بنیس یہٕ شکل ۔ دانہِ

کھار بیترِ ۔

## تَدِھت پرٛکرِیا

## ( NOMINAL SUFFIXES )

ناون مثلن ۔ اِسمس ( NOUNS ) اِشارٕ ناوتس (PRONOUNS)

صِفتن ( ADJECTIVES ) ہتی پرٛتیہِ یعنے پوٚت لوگ لگاونہٕ

ستی یوسہٕ تبدیلی ییہِ تتھ وَنو اَسی تدِھت مثلن ۔ اِسمس اسم بنُن ۔

ABSTRACT

اِسم ، عقل ، اِسم ، عاقِل ۔ اِسم ، بوے ، بأے تون ۔

NOUN

اِسم ، میٚتر ، میٚترُت ۔ ABSTRACT NOUN ۔ اِسمس صِفت

بنُن ۔ مثلن ۔ دَن یہِ چھُ اِسم ۔ اَتھ بنہٕ دٕنہٕ وول صِفت ، ڈٕری چھُ

اِسم ۔ اَتھ بنہٕ ڈٕریُک صِفت ۔ صِفتس اِسم بنُن مثلن ۔ جوان

چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ جوانی ABSTRACT NOUN ۔ صِفتس

صِفت مثلن ۔ پشُل یہِ چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ پشہٕ جار صِفت ۔

اِشارٕ ناوتس صِفت مثلن ۔ میٚہ تہٕ ترٛیہٕ یم دو شوے چھہ اشارٕ

اَمہِ سوٗترٕ مطابق چھُ 'تر' لفظس تار آدیش ( CHANGE )
یوان ۔ مثلن ۔ تارٕ ( ژوچہٕ تارٕ )

سماس پرٛکرِیا ( COMPOUNDS ) مُرکب کاشُر

زبانی منز تہِ چھہِ وارِیاہ قسمکی سماس ( COMPOUNDS ) یا
مُرکب ۔ مثلن ۔ نس ژوٹ ، کنہٕ ژوٹ بیتر ۔ یِمہِ وِزِ اَسی یِم لفظ
دِرٛژھناووکھ تَمہِ وِزِ بنہٕ یِہند روٗپ یِتھ پاٹھی مثلن ، نس ژوٹ
گوٚو یُس نس ژھینہٕ مژ آسہِ ۔ کنہٕ ژوٹ گوٚو سُہ یُس کن ژھینومت
آسہِ ۔ یِمن سماسن یا مُرکبن ہنز مثالہٕ چھیٚہ ایشور کولن کاشرِس گرامرس
منز وارِیاہ دِژمژ ۔ وُچھو کینہہ مثالہٕ ۔ اُتر پدستھیہ پوٗنی
शبد ستھیہ پووٗہ उत्तर पदस्थस्यपोअ शब्दस्य पोवः'
اَمہِ سوٗترٕ موجوب یِیلہِ مُرکبس منز 'پ' (व) آسہِ تیلہِ چھُ
تَتھ بنان 'و' (व) بنان مثلن ۔ گنگہٕ ووٗنی ، شیٖنہٕ ووٗنی ،
وٕگہٕ ووٗنی ، ناروٗنی ، کیرِ ووٗنی ، روٗدٕ ووٗنی ، ناگہٕ ووٗنی بیترِ ۔
یِیمہِ وِزِ یِم لفظ مُرکبس منز آسنہٕ تیلہِ گژھہٕ 'پ' 'و' ہس منز
تبدیل مثلن ۔ وٕیتھ ہندِ پانہٕ نتیٖن ۔ اَتھ جُملس منز گووٕ "پ"
( प ) "و" ( व ) ہس منز تبدیل ۔ اَتہِ روٗد پانہٕ ژتیٖن وانہٕ عرستہٕ
کینہہ ۔ 'پوٗروپدستھے نسبیہ اَنُسواره' ۔- पूर्व पदस्थे ۔
اَمہِ سوٗترٕ مطابق مُرکبس منز یِیلہِ 'پوٗنی' لفظ گوڑٕ अस्यानुस्वार:
آسہِ تیلہِ بنہٕ 'ن' (न) حرفس انُسوار یعنی "ن" NASALISATION

( अभ्रधूमवातमात्रायां रिंग ) بیترِ۔

'ابھر دھوٗم وات ماترایام رِنگ'

اوٚبرس دِہس تہٕ واوس ہِنٛن لفظن ستۍ چھُ یِوان 'رِنگ'، پوٚت لوٚگ

پیٚلہٕ رُتھ کھنڈ ہاوٕنۍ آسہٕ۔ مثلن۔ اوٚبرٕ رِنگ، دہٕ رِنگ، واوٕ رِنگ۔

SUFFIXES OF FEMININE GENDER ستٕری پرتیٚیہٕ پرکرٕن

मनुष्यजाते : सर्वत्र बाय مُنشیہ جاتے سروترٕ بائے

امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھُ انسان ذاژٕ ہندیٚن مادٕ لفظن ستۍ 'بائے'، پوٚت لوٚگ

لگان مثلن۔ حاج بائے، دٕربائے، سونٕربائے، کھارٕ بائے بیترِ۔

کوٗتربائے ییہٕ ہ کیہنہٕ، تِکیازِ کوٗترُ چھُنہٕ انسان ذاژٕ منز گنزرنہٕ

लान्ताताज: یِوان کیہنہٕ۔ کوٗترٕ ہٕتر۔ مادٕ گیہِ کوٗترٕ۔ 'لانتا نام جہ:'

امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھ یم لفظن آخرس لامہٕ (ل ئتم) ستۍ ختم گژھن تِمن

چھُ ج (جہ) بنان تہٕ چھِ تِم لفظ مادٕ شکل اختیار کران مثلن:۔

ترٕ، وول، مادٕ، واج، ترٕ، کونڈُل، مادٕ، کونڈج، ترٕ، ٹھُل، مادٕ

( कावनाग वूटम्यश्च ٹھج بیترِ۔ کاوٕ ناگ ووٚنٹ بھیشچ'

امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھ کاوٕ ناگہٕ ووٚنٹٕ لفظن نِشہٕ مادٕ بناونہٕ وِزِ 'اِنۍ'

پوٚت لوٚگ یِوان مثلن:۔ ترٕ چھ کاو، مادٕ کاوِنۍ، ترٕ ناگ مادٕ،

( अन्य ناگنۍ، ترٕ ووٚنٹ، مادٕ ووٚنٹنۍ، انیہ توپہ لیشٕ جاتے (

बतीन पशु जाते : ) بٹین پشُ ذاژن منزٕ تہٕ ییہٕ 'اِنۍ' پوٚت لوٚگ

( दान्दा مثلن:۔ نرٕ چھُ خر، مادٕ خرِنۍ بیترِ۔ 'داندا دِھیورِن'

न्दिम्यो रिञ )

نادِتی تہٕ یِمَن بَنہٕ صِفتَس منٛز یِم رُوپ مثلن ۔ میون تہٕ چون ۔
یِتھے پأٹھۍ چھیٚہ بنیہٕ تہٕ مثالہٕ ۔ (अनादरा पत्यार्थे ऽ घम-
शब्देभ्य: कठ) انادراپتیارتھے ادھم شبدیبھہ کٹھ

امہٕ سوٗترٕ موجوب یِہہٕ 'کٹھ' پوٚت لوگ تتھِن
لگاوٕنہٕ ییٚلہٕ کانٛسہٕ ہُنٛز شرارت یا ہتک کرُن آسہٕ مثلن ۔ ژٕدرٕ کٹھ،
گاٹہٕ کٹھ، پوگہٕ کٹھ، واز کٹھ، راب کٹھ بیترٕ۔
(पोज़ अपज़ शब्दाभ्यां योर) 'پوٚز اپُز شبدابھیام یور'
امہٕ سوٗترٕ سٟتۍ چھُ پوٚز تہٕ اپُز لفظس سٟتۍ 'یور' پوٚت لوگ یوان
مثلن ۔ پُزٕ + یور = پُزٕ یور، اپُزٕ + یور = اپزیور، منٛزیُم
شبدات دُوتارتھے ' (मंज्युम शब्दा दृतार्थे)
امہٕ سوٗترٕ سٟتۍ چھُ منٛزم لفظس سٟتۍ 'یور' یوان مثلن ۔ منٛزم یور۔
پنٛچمیناد دِگرتے کنہ (पञ्चम्यन्ताद्दिगर्थे किनि)
امہٕ سوٗترٕ مطأبقہٕ یِہہٕ ABLATIVE سٲنِس ییٚلہٕ کانہہ طرف
ہاوُن آسہٕ 'کنہِ' پوٚت لوگ (SUFFIX) لگاوٕنہٕ مثلن ۔ ہیٚپارٕ
کِنہِ، ییتیٚ کنہِ، ہتیٚ کنہِ بیترٕ۔ سپتمیناتات کُن۔ (सप्तम्या-न्तात् कुन)
ییٚمہٕ سوٗترکنہِ یِہہٕ 'کُن' پوٚت لوگ تتھِن یپارِ کانہہ طرف آسہٕ ہاوُن
یعنہٕ LOCATIVE وِس منٛز
چھُ یِہہٕ یوان مثلن ۔ تور + کُن = تورکُن ۔ اَمیُک مطلب چھُ ترٕ
طرفہٕ ۔ یِتھے پأٹھۍ یورکُن، کورکُن، ہورکُن، تۄت کُن، یوٚت کُن

بیتر۔ ( अभ्रधूमवातमात्रायां रिंग )

'ابھر دھوم وات ماترایام رِنگ'

اوٚبرس دہس تہٕ واوس ہمَن لفظن پتہٕ چھُ یوان 'رِنگ' پوٚت لوگ

ییلہٕ رُژھ کھنڈ ہاوٕنی آسہِ۔ مثلن۔ اوٚبرہٕ رِنگ، دہٕ رِنگ، واوٕ رِنگ۔

## SUFFIXES OF FEMININE GENDER ستری پرتیٚیہ پرکرٕن

मनुष्यजाते: सर्वत्र बाय — مُنشیہٕ جاتے سروتر بائے

امہِ سوٗترہٕ پتہِ چھُ انسان ذاتس ہندین ماد لفظن پتہٕ 'بائے' پوٚت لوگ

لگان مثلن۔ حاجہ بائے، دُربائے، سونُر بائے، کھار بائے بیتر۔

کوتر بائے ییہٕ نہٕ کینہہ۔ تکیاز کوتر چھُنہٕ انسان ذاتس منز گنزرنہٕ

लान्तानाम ज: — لانتا نام جہٕ: یوان کینہہ۔ کوتر ہتر ماد گیہ کوتر۔

امہِ سوٗترہٕ پتہِ چھُ یم لفظن آخرس لامہٕ (ل تم) پتہٕ ختم گژھن تمن

چھُ ج (ج) بنان تہٕ چھِ تم لفظ ماد شکل اختیار کران مثلن:۔

نر، وول، ماد، واج، نر، کونڈُل، ماد، کونڈج، نر، ٹھُل، ماد

ٹھج بیتر۔ ( कावनाग वूटम्यश्च ) کاوناگ وونٹ بھیشچہ

امہِ سوٗترہٕ پتہِ چھُ کاو، ناگ، وونٹہٕ لفظن تِشہٕ ماد بناونہٕ وِزِ 'اِنی'

پوٚت لوگ یوان مثلن:۔ نر چھُ کاو، ماد کاوٕنی، نر ناگ، ماد

ناگنی، نر وونٹ، ماد وونٹنی، انیہ توپہ پشُہ جاتے ( अन्य तोपि पशु जाते: )

بنین پشہ ذاتن منزتہٕ ییہٕ 'انی' پوٚت لوگ

مثلن:۔ نر چھُ خر، ماد خرنی بیتر۔ 'داندا دِھیورن' ( दान्दा दमयोरित्र )

ناوِتی تہٕ یمَن بنہٕ صفتس منز یم روٗپ مثلن۔ میون تہٕ چون۔
یِتھے پاٹھٕ چھیٚہٕ بٔیہٕ تہٕ مثالہٕ۔ (अनादरा पत्यार्थे ऽ घम-
शब्देभ्य: कठ)
انادرا پتیار ھتے ادھم شبد بیٛھہ کُھ
امہٕ سوٗترٕ موجوب ییہٕ 'کھٕ' پوٚت لوٗگ تھٲوِتھ
لگاونہٕ ییٚلہٕ کانٛسہٕ بچِس شرارت یا ہتک کرُن آسہٕ مثلن۔ ژوٗرٕ کھٕ،
گانٛہٕ کھٕ، پوٗگہٕ کھٕ، واژ کھٕ، راپہٕ کھٕ بیترِ۔
(पोज़ अपज़
'پوٗژ اپزُ شبدابھیام یور'
शब्दाम्यां योर)
امہٕ سوٗترٕ ستیٚ چھُ پوٗژ تہٕ اپزُ لفظس ستیٚ 'یور' پوٚت لوٗگ یِوان
مثلن۔ پُژی + یور = پُژیور، اپزی + یور = اپزیور، مُنزُم
شبدات دۄتار تھے' ( मंज्युम शब्दा दूतार्थे )
امہٕ سوٗترٕ ستیٚ چھُ مُنزم لفظس ستیٚ 'یور' یِوان مثلن۔ مُنزم یور۔
پنٛچمیناد دِگرتے کِنہٕ (पञ्चम्यन्तादि गर्थे किनि)
امہٕ سوٗترٕ مطابق ییہٕ ABLATIVE سارنِش ییٚلہٕ کانٛہہ طرف
ہاوُن آسہٕ کِنہٕ' پوٚت لوٗگ (SUFFIX) لگاونہٕ مثلن۔ ہُپاری
رِکی، ییٚتہٕ رِکنی، ہتی کِنہٕ بیترِ۔ سپتمیناتِ کنُ۔ (सप्तम्यन्तात्कुन)
یمہٕ سوٗترٕ کِنہٕ ییہٕ 'کُن' پوٚت لوٗگ تھٲوِتھ یپاری کانٛہہ طرف آسہٕ ہاوُن
یعنہٕ LOCATIVE وس منز
چھُ ییہٕ یِوان مثلن۔ تور + کُن = تورکُن۔ اَمیُک مطلب چھُ تَرہٕ
طرفہٕ۔ یِتھے پاٹھٕ یورکُن، کورکُن، ہورکُن، توٚت کُن، یوٚت کُن

اُدِ سوُترٕ لیکھی متیِ۔ یِم کال چھِ وِتِھناونہٕ آمتیِ مثلن:

ازکال ( PRESENT TENSE ) . برونہہ کال ( FUTURE TENSE )

تہٕ پتھ کال ( PAST TENSE ) بیٚیہ چھُ اَتھ منز کرِدنتن

( VERBAL SUFFIXES ) پیٚٹھ تہٕ دَل دِنہٕ آمُت۔

کرِدنت گیہ تِم کرٛاوِتی یِمن پرتییہ یعنے پوٚت لوٚگ لگاوِتھ

ہِنٛزُ اصل روٗپ بدلہٕ مثلن۔ گندان گِندان چھُ سُہ کاٗم انداوتاوان۔

اُسان اُسان چھُ سُہ سوٗرُے کران۔ یِمن جُملَن منز چھِ "گندان گِندان" تہٕ

"اُسان اُسان" کرِدنت۔ سو چھیہٕ پرِہنی کوٗر۔ سُہ چھُ پرُوٗن لڑکہٕ۔

یِمن منز تہٕ چھِ پرِہنی تہٕ پرُوٗن کرِدنت۔ یِم کرِدنت چھِ پتھ

پاٹھی بنان۔

موٗلہ کرِیہ ( ROOT ) پیٚٹھ اِسم ووتلُن مثلن:۔

گرٛزھ + اُن = گرٛزھُن، دور + اُن = دوُرُن۔ ہور + اُن

ہوُرُن۔ موٗلہ کرِیہ پیٚٹھ اوِکور ( INDECLINABLE )

ہِنٛزُ مثلن۔ گرٛزھ + اِتھ = گرٛزِھتھ، دور + اِتھ = دوُرِتھ، ہور +

اِتھ = ہوُرِتھ بیترِ۔

موٗلہ کرِیہ ( ROOT ) پیٚٹھ کرِیہ ووتلنی مثلن:۔ گرٛزھ + وُن =

گرٛزھوُن، پر + وُن = پرُوُن، زین + وُن = زینہٕ وُن بیترِ۔

(वर्तमाने धातुभ्यआन्) : وَرتمانے دھاتُبھیہ آن:

اَمہِ سوُترٕ ستیٚ ییہ ازکالس منز داتوٗہن ( موٗلہ کرِیہ ) بتھ 'آن'

اَمہِ سوُتۍ ستۍ پیہ داندر کاندر بیتر لفظن ستۍ مونث بناوِنہٕ وزِ رُنؠ

پوٚت لوٚگ لگاونہٕ مثلن:۔ نرگو داندُر، ماد، داندرٕنٛز۔ نرَ، کاندُر،

ماد کاندرٕنٛز بیترِ۔

کشمیٖرِ شیدا مرتم کرِ دوٚیمِس حصس منٛز چھُ کاشرِ پاٹھۍ

ترتیب وار ( ROOTS ) دِنہٕ آمتۍ مثلن۔ اُرِ اَچھرن ہندِ موٗل۔

اَتھ، اُتھ، اڈ، اُہر، اند، البس، الباو، اَڈرٕ، اَڈراو، آپر، آپراو،

یٔرٔتھ، یییر۔

## زُرِ اچھرن ہندِ موٗل (ROOTS)

کڈ، کت، کتر، کٔرٕپ، کرٕتو، کٔن، کھٹ اکھنڈر،

کھن، کھار، کھول، کھس، گرٕتھ، گنڈ، گل، چمک، چاو،

چُکاو، چھک، چھوٚمب، جگھ، ژٹ، ژم، ژٕہل، ژھٹ نزٕھل،

زال، زین، ٹیک، ٹھکھ، ٹھک، ٹھُک، ڈر، ڈکھراو، ڈیش، تگ،

تنٛبر، تمبل، تاو، تیمب، ترٕتھ، ترٕاو، تھک، تھد، تھل، دگ،

دز، دوے، دودر، دور، ترٕ، نٹ، ناو، پیٹھ، پُٹھراو، پھب،

پھرکاو، پھیٖش، پھور، پھرک، بز، بک، بر، منگ، مُتھراو،

مر، ییتر، ییٚتراو، یاپ، رنگ، رُد، ہرن، متاو، لرٹ، لوٚر،

دَت، وَٹ، وز، وہار، وور، شم، شرٕپ، شٹھ، سکھ،

سندار، سمبال، ٹان، ہیڈ، ہاو، ہن، بیترِ۔

اَمہِ علاوہ چھُ یتھ حصس منٛز کالن ( TENSES ) مُتعلق تہٕ

is very little little known, but which is of great importance for the purpose of comperative philology. Existing Grammars of it have been made by foreigners and are imperfect. They all suffer from at least one great fault, viz., that they are based on the representation of the language which is quite unable to express the many spoken vowel sounds in the language. Ishwara Koul adopted the Devanagri Character, ingeniously modified to suit his purpose."

امہِ علاوٕ چھِ ایشور کولن دیوناگری رسم الخط منز کٲشری "دش بھاشوٗدے"
ناوٕچ ڈکشنری لیچھمٕژ ۔ یہِ ڈِکشنری چھےٚ تمہٕ سنسکرت شلوکَن منز
لیچھمٕژ یمہِکۍ ژٕ جلد رِسٔرچ ڈپارٹمنٹٕچہِ سنسکرت مینسکرپٹ
(SANSKRIT MANUSCRIPT LIBRARY) لایبری
منز محفوظ چھِ ۔
اَتھ ڈِکشنری منز چھِ بیوٚن بیوٚن کٲشرِ لفظن ہندی ناو
نوٚن مختلف زبانَن منز دِنہٕ آمتۍ تہٕ کٲشرِ سان چھِ یِم دَہ زبانہٕ
ہِوان ۔ اَمِچ اکھ مِثال چھےٚ یتھ پاٹھۍ پیش۔

پۄت لوگ ۔ مثلن ۔ پر + آن = پران ۔ بوز + آن = بوزان ۔ کر + آن =
کران ۔ سُہ چھُ پران ، سو چھےَ پران ، سُہ چھُ بوزان ، سو چھےَ بوزان ،
سُہ چھُ کران ، سو چھےَ کران ۔ یِمن جُملن منز چھِنہٕ مۄلہ کرِیہ کانٛہہ
تبدیلی یِوان تہٕ یِم چھِہ ( INDECLINABLE ) بنان ۔

'دلپۆرہ سوٗرانتات'

اَمہِ سوٗترٕ موجوٗب آسہ تتھ مۄلہ کرِیہِ پتہٕ 'آن' پۄت لوگ
یِوان یَتھ آخرس سۄر آسہ تہٕ بیٚیہ آسِس سورس ( VOWEL ) بردنٛتھ 'و'
(व) یِوان مثلن :۔ کھہ + وان = کھوان ، چہ + وان = چھوان ، دِ +
وان = دِوان ۔

یِمو مثالو تلہٕ چھُ اَمہِ نَنان زِ ایشور کول اوس تھَدِ پایک
گریمردان ۔ یۄدوے اَمی سنٛز کتابہِ منز کیٛنہہ کوتاہیہ درینٛٹھ گژھان
چھِنہٕ توتہٕ چھےَ یہِ تصنیف کاشرِس گریمرس منز سنگہِ میلچ حیثیت
تھوان ۔ اَتھ تصنیفہِ متعلق چھُ سر جارج گریرسنن اَمچہِ گوڈ کتھہ منز
یِتھ پاٹھی باوتھ کرمِژ ۔

"Ishwar Kaul's work is a Grammar of the Kashmiri Language Written in Sanskrit on the model of ordinary Vyakarana. It is an excellent work and might have been composed by Hemachandra himself. Kashmiri is a language which

(contd.)

ڈاکٹر چمن لال رینہ

# شوپرِنٔے تہٕ گرٛرَسن

کٲشرِ ہندِس اَدبس چھُ وِزِ وِزِ شاعرَو تہٕ اُدیبو پننیو تخلیقی کارنامو ذٔریعہ گوڈٕ بوٚرمُت تہٕ آبیاری کٔرمٕژ۔ سانہٕ کٲشرِ تہٕ چھےٚ وارِیاہن رِوایَتَن زِنٛدٕ تھٲوِتھ یِمَن منٛزٕ کٲشرِ شوٗ فلسفہٕ سانہٕ زٕیوٚ پیٹھ چھُ تہٕ سانیَن ادبی حلقن منٛزٕ چھُ یہِ فلسفہٕ ہمیشہٕ زیرِ بحث روزان۔ چونکہِ یہِ فلسفہٕ چھُ زانٛنہٕ تہٕ فِکرِ ترٛٲوِنہٕ لحاظٕ ہنا کٕدٕمُر آسان، اَدٕ موٗجوٗب چھِ شاعرَن تہٕ عالِمن پننیو ادبی تخلیقو ذٔریعہ پننِ پننِ مِزاژٕ وَرتاوِتھ عام کٔرتھو تہٕ مُشاہدو ذٔریعہ اَکِن تام سہل تہٕ آسان شکلِ منٛزٕ واتناوٕنچ کوٗشِش کران۔ یِتھ اَسہِ ادبی خدمَت وَنان چھِ۔ یہے کوٗشِش چھےٚ اَدبَس پوچھر دِنَس، پھانٛپھلاوَنس

"اخروٹ اکشوٹ والنٹ چہٕ جوز ہنگاک تہٕ پرم
چار مغز اپچہٕ چار مغز ڈوٗنُو ترگا ستر گا کرمادمی"
یتھ شلوکس منز چھ ڈوٗنکی ناو دَہن زبانن منز مثلن:۔
ہندوستانی زبانی منز اخروٹ، سنسکرتس منز اکشوٹ
انگریزیس منز والنٹ ( WALNUT ) عربی یس منز جوز،
ترکی زبانی منز ہنگاک، فارسی تہٕ پشتو زبانی منز چار مغز،
کاشرس منز ڈوٗن، لامی تہٕ بلتی زبانی منز ترگا۔
فارسی تہٕ عربی زبانی منز مہارتھ آسنہٕ کنہِ چھیہ ایشور کولن قانونِ
طِب تہٕ ابونصر فراہی سنز کتابہٕ۔ "نصاب لصبیان" سنسکرت
زبانی منز ترجمہٕ کوٗرمُت۔ اَمہِ علاوہ چھُ ہمو سنسکرت شلوکن منز
"دُربھکشہٕ نارو دیاست"، لیوکھمُت، یتھ منز مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ
عہدکہِ دُراگک تذکرٕ میلان چھُ۔

## کتابیات

BIBLOGRAPHY


۱۔ وِشو سنسکرت شتابدی گرنتھ جموں وکشمیر راجیہ بھاگہ۔

۲۔ کشمیری شبدامرتم از۔ ایشور کول۔ ایڈیٹر، سر جارج ابراہم گریرسن۔

۳۔ ہمارا ادب (۷۸-۱۹۷۷ء) ترتیب۔ رشید نازکی۔

۴۔ کشمیری دش بھاشودے از۔ ایشور کول مضمون:۔ ایشور کول۔ بدری ناتھ کلا۔

چھُ باسان ییٚمہٕ کنہِ یہِ کُنہٕ خاص مقامس پیٹھ واتنہٕ ژھوکہِ ہے یا
ژٕھیتھ گژھہِ ہے، بلکہ چھُ کرشنہٕ جُو رازدانن پننہٕ ادبی کمالہٕ ستی اتھ
وُسجار بخشمت تہٕ مقبولیتکی جامہٕ وٕلہٕمتی۔ اُمی چھ شاعری ہندی
اسلوب تہٕ اصوٗل ورتاوِتھ یہِ تخلیق اِبھنو گیتنس شعوری کمالس
رۄحانی تہٕ عرفانی جمالس بروٗنٛہہ کنہٕ پیش کرمٕژ۔

شو پرِنی چھ گریرسنن ترتیب دیتمُت۔ یہِ چھُ "ASIATIC SOCIETY OF CALCUTTA" ہن ۱۹۲۴ء منز چھاپ کورمُت۔

۲۳، جوٗن ۱۹۲۴ء چھُ گریرسن اُمی گوڈٕ کتھ لیکھان۔ گریرسنس
ستی ستی چھُ مہا اُوپادِیاے مُکندرام شاستری ین تہٕ اتھ کامہٕ کُن برابر
توجہ دیتمُت۔ مہا اُوپادِیاے چھُ بقولِ گریرسن ۱۹۲۱ء منز سورگواس
سپدمُت۔ تمہٕ وقتہٕ چھہٕ یہِ کام آسان مکمل سپزمژ۔ مُکندرام شاستری
ین چھُ شو پرِنیک سنسکرتس منز منظوم ترجمہ کورمُت۔ تمیٚ چھُ اتھ
"چھایا" "یعنے ژھاے" ناو تھوومُت۔ بقولِ گریرسن چھُ مُکندرام
شاستری کاشُر بُہلہٕ پایہٕ لسانی ماہر اوسمُت۔ گریرسنن چھُ وُنمُت
زِ —

"I OWE MUCH TO THE TEACHING AND TO THE HELP HE GAVE ME IN THE PREDARATION OF CHAYA."

امہٕ ستی چھہٕ اُسی ژینان زِ شو پرِنی کوتاہ موٗلُل تخلیقی سرمایہ
چھُ یمیچ تخلیقی کامہٕ منز (یعنے چھایا بکھنچہٕ) ییتھی ہوی بُہلہٕ پایہٕ لسانی ماہرن مہا اُوپا
دھیاین تہٕ گریرسنس ستی ستی یہِ بار آور کوشش کرٕ۔

تہٕ ترقی کرنس منز اَتھ رۄٹ کران۔

اَسہِ نش چھُ وُنی کینس زیرِ بحث کرشنہٕ جُو رازدانٕنہٕ شو پرٕنے۔
شو پرٕنے چھُ اَکھ تھٔکنُ لایق تخلیقی کارنامہٕ، یُس زَن کرشنہٕ جُو رازدانن
وید، اُپنشد، مہابھارت تہٕ پرٛانن ہنٛزِ بُنیادِ پیٹھ تخلیق چھُ کوٗرمُت۔
شو پرٕنے چھیٚ کٲشر منظوم تخلیق۔ شو پرٕنے گوو کٲشرِ پاٹھی شوٗسُند
کتھ۔ پرٕنے چھُ سنسکرت لفظ۔

ییلہِ اَسی اَتھ عنوانُس سَنان چھہِ اَسہِ چھُ نَنان زِ شو چھُ اَکھ
ذات، یُس کرمہٕ اِندرِیو تہٕ گیانہٕ اِندرِیو، مَن بُدھی تہٕ اَہنکارکین
حدوٗدَن منز آدرنہٕ آمُت چھُ۔ اِندریہٕ گیہٕ حواس، کرم گیہٕ
عمل تہٕ گیان گوو علم۔ یِم چھہِ کُل ۳۶ توتھ آسان تہٕ شو چھُ
یِمو منز گوڈنیُک توتھ یُس زَن باقی توتَن ہنٛز ستی چھُ۔ یتھٕ کٕنی
چھُ شو باضابطہٕ پاٹھی آکارس منز یوان۔ نِراکار تہٕ نِرگون چھُ
ساکار بنان تہٕ اَمس منز چھہِ گون نموٗدار سپدان۔ لامحدوٗد
چھُ محدوٗد بنٛتھ سانین نظرن منز، سانٛس سونچس منز تہٕ سانہِ
فکرِ منز اَکھ باضابطہٕ ذہنی شعوٗر تھوٗن وول وجوٗد ثابت
سپدان۔ "CULTURAL HERITIGE OF INDIA" مطابق
چھُ کرشنہٕ جُو رازدان، پرمانندنیُ اَکھ شِشہٕ (شاگرد) اوسمُت۔

اَمہِ منز یہٕ تخلیق چھیٚ روٗحانی تہٕ فلسفیانہٕ صلاحیژو برٕتھ۔
یہٕ شاہکار تخلیق چھیٚ اَکھ خاص نموٗنہٕ یتھ منز تہٕ کانٛہہ تیٚتھ شٹھنیار

چھُ باسان یِیمہٕ کنۍ یہِ کنہٕ خاص مقامس پیٹھ واتنۍ ژھوکہٕ ہے یا زٕہیتھ گژھہٕ ہے، بلکہ چھُ کرشنہٕ جُو رازدانن پننہٕ ادبی کمالہٕ ستۍ اتھ وُسجار بخشمت تہٕ مقبُولیتُکۍ جامہٕ وُلِہتی۔ اُمی چھہٕ شاعری ہندی اسلوُب تہٕ اصوٗل ورتاوِتھ یہِ تخلیق اِبھنو گپتنٕس شوٗری کمالس رُوحانی تہٕ عرفانی جمالس برونٹھ کنہٕ پیش کرٕمژ۔

شوٗ پرٕنۍ چھُ گریرسنن ترتیب دیتمٕت۔ یہِ چھُ "ASIATIC SOCIETY OF CALCUTTA" ہن سنہٕ ۱۹۲۸ء منز چھاپ کوٗرمُت۔

۲۳ جوٗن سنہٕ ۱۹۲۸ء چھُ گریرسن اَکھ گوڈٕکتھ لیکھان۔ گریرسنس ستۍ ستۍ چھُ مہااُپادِیاے مُکند رام شاستری ینٕ تہٕ اتھ کامہٕ کُن برابر توجہٕ دیتمُت۔ مہااُپادیاے چھُ بقولِ گریرسن سنہٕ ۱۹۲۱ء منز سورگواس سپدمُت۔ تمہٕ وقتہٕ چھہٕ یہِ کام آسان مکمل سپزمژ۔ مُکندرام شاستری ینٕ چھُ شوٗ پرینک سنسکرتس منز منظوٗم ترجمہ کوٗرمُت۔ تمۍ چھُ اتھ "چھایا" یعنے زھاے ناو تھوٗومُت۔ بقولِ گریرسن چھُ مُکندرام شاستری کانٛسہٕ بہلہٕ پایہ لسانی ماہر اوسمُت۔ گریرسنن چھُ وونمُت زٕ —

"I OWE MUCH TO THE TEACHING AND TO THE HELP HE GAVE ME IN THE PREPARATION OF CHAYA."

اَمہٕ ستۍ چھہٕ اَسی زانان زٕ شوٗ پرٕنۍ کوتاہ موٗلُل تخلیقی سرمایہ چھُ تیمۍ تخلیقی کامہٕ منز یعنے چھایا بکھنچہٕ، یتھی ہوی بہلہٕ پایہ لسانی ماہرن مہااُپادھیاین تہٕ گریرسنس ستۍ ستۍ یہِ بارآور کوشش کرٕ۔

تہ ترقی کرنس منز اَتھ روٹ کران۔

اَسہِ نِش چھُ وُنی کِنس زیرِ بحث کرشنہٕ جُو رازدانن شِو پرِ نے۔ شِو پرِنے چھُ اکھ تھکنُ لایق تخلیقی کارنامہ، یُس زَن کرشنہٕ جُو رازدانن وید، اُپنشد، مہابھارت تہ پُرانَن ہِنز بُنیادَ پیٹھ تخلیق چھُ کورمُت۔ شِو پرِنے چھےٚ کاشُر منظوم تخلیق۔ شِو پرِنے گوو کاشرِ پاٹھۍ شِو سُند لگن۔ پرِنے چھُ سنسکرت لفظ۔

ییلہِ اُسی اَتھ عنوانَس نَنان چھِ اَسہِ چھُ نَنان زِ شِو چھُ اکھ ذات، یُس کرمہ اِندرِیوٚ تہ گیانہٕ اِندرِیوٚ، مَن بُدھی تہ اہنکارکِن حدٕوٗدَن منز آدرنہٕ آمُت چھُ۔ اِندریےٚ گےٚہ حواس، کرم گےٚہِ عمل تہ گیان گوو علم۔ یِم چھِ کُل ۳۶ توتھ آسان تہ شِو چھُ یِمو منز گوڈنیُک توتھ یُس زَن باقےٚ توتَن ہنٛز ہیٚتھ چھُ۔ یِتھ کِنۍ چھُ شِو باضابطہٕ پاٹھۍ آکارس منز یوان۔ نِراکار تہ نِرگون چھُ ساکار بنان تہ اُمِس منز چھِ گون نموٗدار سپدان۔ لامحدٗود چھُ محدٗود بنتھ سانِین نظرن منز، سانِس سوچَس منز تہ سانہِ فکرِ منز اکھ باضابطہٕ ذہنی شعوٗر تھوٗن وول ووستاد ثابت سپدان۔ "CULTURAL HERITIGE OF INDIA" مطابق چھُ کرشنہٕ جُو رازدان، پرمانندنُے اکھ شُش (شاگرد)اوسمُت۔ اَمی سِنز یہ تخلیق چھےٚ روٗحانی تہ فلسفیانہٕ صلاحیژو برٕتھ۔ یہ شاہکار تخلیق چھےٚ اکھ خاص نموٗنہٕ یِتھ منز تہ کانٛہہ تیٚتھ شِتھیار

سپزمِت۔ یہِ اُس دیوناگری رسمِ خطس منز لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ کتابہِ چھِ ۶۱۹
صفہٕ آسان تہٕ کتاب چھےٚ ۱۹۱۵ ہَن شوٗلوکَن پیٹھ مُشتمِل۔ بیتھے پاٹھۍ
چھپےٚ "چھایا" کتاب تہٕ ۱۹۱۵ ہَن شارن پیٹھ مُشتمِل۔ یہِ چھےٚ سنسکرت
زبٲنۍ منز لیکھتھ۔ اَتھ تہٕ چھُ دیوناگری رسمِ خطے۔ گریرسنن چھےٚ
اَمہِ کتابہِ ہِنز گوڈٕکتھ انگریزی زبٲنۍ منز اَپُچھمُت، یٚیمیُک PROOF
READING پروفیسر جولِن بلاکن کرمُت چھےٚ۔ تمہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ
کتاب چھاپ سپزمِت۔

ڈلو اَسی دُچھو زِ فلسفیانہٕ اعتبار کوتاہ سُنبر چھُ شوپرنیس
تہٕ یہِ کمو مرحلو منزٕ چھُ گُزران۔ کرشنہٕ جوٗ رازدان کٔتھ کُنۍ چھےٚ
یہِ تخلیق کاشرِس مزازس لایق بناومٕژ۔ باسان چھُ زِ گوڈٕنتھ چھےٚ
تمۍ مذہبی رلوایتھ کام ہیٚژمٕژ۔ تکیازِ تمۍ چھِ گوڈٕنتھ شری گنیشنہٕ
ہنز توتا کرمٕژ، یتھ گریرسنن "INVOCATION TO GAUSHII"
ناو تھوو ۔ ہندُ دیو مالایہِ منز چھِ گنیشس آدِ دیو یعنے
گوڈنیُک دلوتاہ وَنہٕ آمُت۔ پرتھ کانہہ مذہبی کام چھےٚ
اَہنزِ توتایہٕ تہٕ پوزایہِ ستی شروع سپدان تہٕ یوٚہے چھُ
پرتھ کامہِ کامیاب بناوَن وول سِدھ داتا مانہٕ یوان۔ گنیش
چھُ اَکھ دلوتاہ یُس شِو پرانو مطابق شِو تہٕ پاروتی ہُند
سُنتان چھُ۔ الگ الگ پرانن منز چھِ اَمِس دِوتاہَس
متعلق عجیب عجیب کتھ نَنان۔ اماپوز یہِ چھُ الگ بحث۔

گریرسنس چھُ پوُر ناو جارج . اے ، گریرسن اوسمُت ۔ سُہ
اوس ڈی لِٹ پی ، ایچ ، ڈی تہٕ ایل ، ایل ، ڈی "ASIATIC
SOCIETY OF BENGAL" یُک تہٕ اعزٲزی رُکن اوسمُت ۔
ناگری پرچارنی سبھاہ ہُند تہٕ اعزٲزی رُکُن اوسمُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ
گریرسن یِمن یِمن ادبی حلقن سٟتۍ والبستہٕ اوسمُت ۔ مثلن :۔

1. AMERICAN ORIENTAL SOCIETY.
2. INTERNATIONAL BIHAR AND ORRISA RESEARCH SOCIETY.
3. MODERN LANGUAGE ASSOCIATION.
4. ROYAL DANISH ACADEMY OF SCIENCE
5. BOMBAY BRANCH OF THE ROYAL ASIATIC SOCIETY.

اَمہِ علاوٕ اوس گریرسن فرانسچہِ ادبی تنظیمہِ سٟتۍ والبستہٕ تہٕ
اَمیُک سرگرم کارکُن ۔ یہِ چھُ اکھ ثبوت گریرسنُنہِ علم تہٕ ادب دوستی
ہُند ۔ سُہ اوس اکھ صحیح انسان تہٕ سرکردٕ ادبی کارکُن ۔ تِس اوس
تحقیقی مزاز ، سُہ اوس اکھ عالِم تہٕ ادب شناس ۔ شُو پرٛنیس
اوس تہنٛزن ادبی سرگرمین منٛز اکھ خاص شرف تہٕ مقام
حاصل ۔ یہِ کتاب چھپیہٕ مشن پرٛیس منٛز چھاپ

گوڑاستوتی پتہ چھُ شو پرٛنبن منز فکری منظر شروع گرٛھان۔ سُہ گوو ز ذاتِ پاک چھُ ییمہِ کایناتُک دارمدار تہٕ بُنیاد تہٕ بییہِ اَکھ وجوٗدس منز اَنُن وول۔ ہندوستانٛی فلسفکس ییتھ پہلوٗہس وِزِوِز ہندوستانٛی فلاسفرو پننہِ اِدراکہ (PERCEPTION) اَنہ مان INFERENCE تہٕ لفظی تصدیق (VERBAL TESTOMONY) ذٔریعہ حل کرنچ کوٗشش کٔر۔

باسان چھُ ز گریرسٕن چھُ شو پرٛنبن یکُ مطالعہ کٔرتھ یہ انداز کوٗرمُت زِ شیو فلسفہ چھُ کاشرٛین دماغن تہٕ ذہنن منز ییتھ پاٹھۍ ؤتیتھ تہٕ شرٛپیتھ یُتھ زن یہ فلسفہ کاشرِ شاعری منز تہ وہرٛھناونہٕ آو۔ شیو فلسفہ سیٛدِ سیٛود ، وٕنہٕ کھوتہٕ باسیوٚو گرٛشنہٕ جوٗ رازدانس تہٕ زِ سُہ کٔر یہ خدمت شاعری ہندِ ذرِیعہ۔ ییتھ کنۍ کھوٚت یہ فلسفہ کاشرٛین عام لُکن ہنز زیوٚ تہٕ یہ چھییہٕ اَلگ کتھ زِ فلسفس سٕنٛز چھییہٕ اکھ کتھا۔ اماپوٚز شاعرٛ چوٗنکہِ چھُ پتہٕ وَتھ اَکھ سہل تہٕ آسان ذٔریعہ روٗدمُت ییمہِ سٟتۍ زاتۍ لوقطٕ یاد تھوٚوُنہٕ آسی یوان۔ نتہِ اوس نہٕ تیوٚت کارگر پیدان، تکیاز شیوی ادب چھُ وید، اُپنشد، آگم شاستر، پُران، رامایَن مہابھارت تہٕ باقے شاعری ادبس اندر میلان امہِ کنۍ باسیوو زِ گرٛشنہٕ جوٗ رازدانن یہ کوٗشش روٗزس بٔڑاہ کامیاب تہٕ کارگر۔

سون موضوعِ سُخن چھُ ژِرِشہ جوٗرازدان کیازِ چھُ گوڈٕ گنیشٕ پشرٕ استوٗتی کران۔ صاف چھُ ظاہر سپدان زِ سُہ چھُ ہندو دیو مالایہ منز پوٗرٕ پوٗرٕ پژھ پرٛژھ تھوان۔ تمہٕ کرٕ گنیشس توتازٕ شوٗ پرٛنے گوڑٕ نوشس اسلوٗبی سان اَندٕ واتنُ تہٕ مکمل سپدُن۔ یوٗتے یوت نہٕ بلکہ چھیہٕ اتھ فلسفہٕ اعتبارٕ خاص اہمیت حاصِل۔

گنیش استوٗتی پتہٕ چھُ تخلیق کار پننِس گوٗرس پشرٕ نوتا کران۔ یہٕ تہٕ چھِ کاشرِ مزاجٕ عکاسی یوسہٕ زَن گورس تہٕ شِشن ہندِ رِشتہٕ ہاوِتھ دِوان چھِ۔ کاشرس ذہنس منز کتھ حدس تام چھُ پننِس ودٕ ہادس پیرس تہٕ مُرشدس تہٕ وِتہٕ ہاوِکس قدر تہٕ عزت سپدان تہٕ یہٕ شِش تہٕ شاگرد کوتاہ شُکرگزار تہٕ ممنون چھُ اَمس گوٗرٕ شند آسان۔ گوٗرشیشٕ پرمپرا چھیہٕ سانِن اُپنشدن منز خاص اہمیت تھوان۔ سائنس شکھتی وادس منز چھُ اتھ سِٹھے تھزر تہٕ بجر حاصل۔ اَمِچِ مثالہٕ چھیہٕ کلنارنو تنترہٕ تہٕ گیانارنو تنترس منز کانی میلان۔ اَتھ کالس منزہٕ تہٕ چھِ شیو آچاریہٕ پننِس گوٗرن ہند دوہ مناوان۔ یہٕ رلوایتھ چھیہٕ سبٹھاہ پرانۍ۔ گوٗرٕ استوٗتی چھیہٕ انانی اخلاقچ اکھ ٹاکارٕ مثال یوسہٕ شو پرٛنیس منز درج چھیہٕ۔ بقولِ تخلیق کار گوٗر چھُ سند گوٗر تہٕ پوٗزٕ گوٗر پیر تہٕ بُزرگ یُس زَن وِزِ وِزِ تہٕ ژِہرٕ ژِہرٕ پننِس شششس یا مُرشدس سیزٕ وَتھ ہاوان چھُ تہٕ تمہٕ سترٕ کوتاہیہٕ دوٗر کران چھُ۔

پتہٕ پتہٕ تہندی پاٹھ ژیڈی شار لیکھان تہٕ وارہن جاین چھرا پرماندنی ہوی شار ونان ییمہ ستِ یہ کتھ ثابت چھیہٕ سپدان زِ سہ چھ پرماندن رُت شُش اوسمُت۔

اُمس اوس گیتاجی ہُند تہٕ سبٹھاہ اثر۔ چنانچہ چھُ تمی گیتشرن جاین تمیک یعنے گیتاجیہ ہندِ فلسفک تہٕ اظہار کورمُت۔

یوتانیتھ زن گریرسن ہندِ انگریز آسنک تعلق چھُ تمس اوس تہٕ کاشرُ فکرِ تورمُت۔ یُس زن تمی مہامہوپادھیاے شری مکند رام شاستری ییس نشہٕ ہیوچھ۔ توتہٕ چھِ اُسی سبٹھاہ شُکرگزار گریرسنہٕ ہندی ییمہ زن کاشرُ نہٕ آسہٕ پتہٕ تہٕ کاشرس ادبی سرمایس پیٹھ قلم تُل تہٕ صحیح طریقہٕ خدمت کر۔ یِژھن بجن کامن پیٹھ ییژ میہنت کرنی چھُ گریرسنہٕ سنز ادب دوستی تہٕ ادبی دلچسپی کیو ادبی صلاحیتُک مُند ٹاکار ثبوت۔ کیہنہٕ آواز چھینہٕ ٹھیک پاٹھی تہٕ اصل شکلہِ منز تمس کاشرِ زبانی منز پھرِتہٕ تجمُت۔ مثالہٕ پاٹھی چھُ گریرسن 'ز' یعنے (ज) (زا) چ آواز چھیہٕ اُمی تہٕ رچ، رجا، چ آوازِ ہنزی شکلہٕ ورتاومژ۔ یتھے پاٹھی چھُ اُمی (ژ ژا) تہٕ رچ، چا پاٹھی ووٚنمُت۔ یُس زن اُمی دیوناگری لپیس منز سنسکرتہٕ آیہ لوٚرمُت چھُ۔ اُمی چھُ (ज्ञ) "اِمہٕ لفظ "ییمہٕ" بدلہٕ لیوکھمُت۔ ترٚیہ نیتھر چھُ اُمی تہٕ ترنیشر آیہ لیوکھمُت۔ "زٕیہ" "چھُن" "جیہٕ" لیوکھمُت۔ بہرحال یہ چھیہٕ اکھ

کرشنہٕ رازدانن اوٚن شو اکس شخصی شکلہِ منز تہٕ ساری
کِردار کرِن عام انسانہٕ ہندی آپہٕ پیش۔ "پرٕنے" گوٚو لگن۔ تہٕ
لگن کتھ کٔنۍ یِہٕ ہے عام ذہنس تام واتناوُنہٕ، کوٚر اُمۍ شو اکھ
خاص کِردار کھڑا۔ پاروتی بیاکھ کِردار تہٕ راز ہمالہٕ تہٕ نارد مینٛز
بیتر کِردارن منٛز ہند رِتھ دِتھ ڈلِن اُتھ پنٕنہٕ ماحولکۍ جامہٕ۔ چنانچہٕ
ہمالہٕ پربتس پیٹھ وٲتتھ گوری تہٕ وِدھ ما ژھانڈٕنی اوس اَسہِ لِتہٕ
دوٗر یِیمہٕ کِنۍ شو چھُ گوری یا ودھ مایہٕ شاریکایہٕ ہندِس روٗپس
منز ہارِ پربتس پیٹھ اُتھ سانہٕ خاطرٕ آسانی یادٕ کران۔

شو پرنیس منز چھُ کرشنہٕ جوٗ رازدان دلیس پہٕ پیٚترِھ
پرٕژھ منگان زِ یِتھ پاٹھۍ شنکر سوٚدی وآنس ٹوٗٹھان چھُ
تِتھے پاٹھۍ گوٚژھ سُہ اُمس تہٕ ٹوٗٹھُن۔ یوٗتے یوت نہٕ دیان
اَبھنوگُپت شیو آچاریہ تہٕ چھُ پنٕنۍ ۱۲ ۱۸ شُتھ پٲروکار تہٕ شش
ہتھ یٔیمی دِہہٕ سورگس کھوٚتمُت۔ یِیٚمہٕ ستۍ اَسہِ شیو فلسفک
تھزر تہٕ بجر چھُ برٕ کھنٛۍ پاٹھۍ نَنان۔ کٔشِر ہُند شیو فلسفہٕ
آو وارِہن کتابن منز وِژھناوُنہٕ تہٕ پھٲنٛپھلاوُنہٕ۔ اَما پوٚز
کرشنہٕ رازدانن کوٚر یِہٕ عام تہٕ سہل طریقہٕ پنٕنہٕ شاعری
یعنے منظوم تخلیقہٕ شو پرنیہٕ کِنۍ کأشر زبان زانَن والین
منز مقبوٗل۔

کرشنہٕ رازدان چھُ پننِس گورس پرمانندس

ڈاکٹر ستیا بھاما رازدان

مترجم :- سوم ناتھ پنڈت

# کاشُر گرامر تہٕ گریرسن

اُزِکہِ میانہِ یِمہِ سیمنارٕ پیپرُک موضوٗع چھُ کاشرِس گرامرس منز سرجارج تہٕ ADJECTIVE تہٕ PARTICIPLE VERB ابراہم گریَرسن ۔ اَتھ موضوٗعس پیٹھ پننہٕ خیال پیش کرنہٕ برونٹھہ چھس بہٕ یہِ ونُن یِژھان زِ یِتھ پیپرس منز چھِ میٚہ کیہنہ گرامر ژٕ رمہٕ بِلکُل تتھی طریقس منز استعمال کرمٕژ یِتھ طریقس منز تمہٕ انگریزِس منز ورتاونہٕ چھیہٕ لوان ۔ اَمیُک وجہ چھُ یہِ زِ کاشرِس منز میچھنہِ میٚہ یِمہٕ ژٕرمہٕ صحیح معنیَس منز خاطر PARTICIPLE چھِ تتھ لفظس وَنان یُس ناوُت، کراوُت

مجبوٗری گریرِسنس آسہٕ، تکیازِ سُہ اوس غارٕ کاشُر۔

یہ سوٗرے کینہہ چھُ صرف گریرسنٕہ پنٕدی وُزٕھ تہٕ تہنٕزی کوٗشِشہِ ہُند اثر زِ یِتھین گرٕنتھن پیٹھ تہٕ وٕتھی نیٚبرِمِن لِکھارٕن ہٕندی قلم تہٕ تہٕندی ذیٚہن تہِ گیہِ اَتھ گوٗشُس کُن توجہُ دِنس تہٕ یِتھین مسلن سام ہیٚنس کُن راغِب۔ یہ چھیٚہ اَکھ بٔڈ کتھ۔ یمو سارِوے کوٗشِشو کِنٕ چھِ کاشری اُمس عظیم لِکھارِس تہٕ ادیبس مایہ بوٗرت شُکرانہٕ اداکران۔

یم کرٛاوتی چھنہٕ جُملس منز اصلی کرٛاوتٕچ یعنے MAIN VERB چ
کٲم کران بلکہ چھہٕ اَمہٕ استعمالہٕ پَتہٕ جُملس منز FINIT کرٛاوُت
تہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ مثلن وَنَن وٲلی ہندِ زیوٕ "توٚرُل ژارِتھ" جُملہ
بوزنہٕ پَتہٕ چھُ بوزن وٲلس بیٚیہٕ کُنہٕ کامہٕ ہندِ سپدنُک اِمکان
روزان یعنے توٚرُل ژارن وول کرِ توٚرُل ژارِتھ بیٚیہٕ کانہہ کٲم یعنے
شہٕ توٚرُل رنہٕ بیترِ۔ یتھے پٲٹھی ییٚلہٕ یم PARTICIPLE VERB جُملس
منز ناوتچہِ شکلہِ منز ورتاونہٕ چھہٕ یِوان تہٕ یمن چھہٕ کراوُت،
باوُت یعنے VERBAL NOUNS وَنان تہٕ ییٚلہٕ یم باوتچہِ شکلہِ منز ورتاونہٕ چھہٕ
یِوان یمن چھہٕ کرٛاوُت باوُت یعنے VERBAL ADJECTIVE وَنان مثلن
"اُمس لٔڑکہٕ سُند اُسُن" تہٕ میٚہٕ وُچھ اکھ اَسُون لٔڑکہٕ یمن دۄن جُملن منز چھُ اَمہٕ موٗلہٕ کرٛاوُت
تہٕ اَتھ سٟتۍ چھُ ترتیب وار "اُن" تہٕ "وُن" SUFFIX جوڑنہٕ سٟتۍ کرٛاوی اَمہٕ کرٛاوُت اَکھ
ناوتچ یعنے ABSTRACT NOUN بیٚیہٕ باوتچ شکل اختیار۔ یتھہٕ پٲٹھی چھُ "اُسُن"
اَکھ ایٚژ ناوُت یا VERBAL NOUN تہٕ اَسہٕ وُن" چھُ VERBAL ADJECTIVE۔ یوٚتام زن گرٛیرسنہٕ
کامہٕ ہُند تعلُق چھُ تمہٕ چھُ یمن دۄنوٚنی SUFFIX ن ہُند
ذِکر کوٚرمُت، اما پوٚز ہمو SUFFIX و سٟتۍ بنیمتۍ یم
PARTICIPLE VERB کتبن تہٕ بتھ چھہٕ کٲشرِ زبٲنی منز ورتاونہٕ
یِوان۔ اَمہِ وَکھنے چھنہٕ تمو پوٗرٕ کٔرمُت۔ لفظن ہندِ گرٛنہٕ مطابق
چھہٕ کٲشرِ زبٲنی ہندی یم PARTICIPLE VERB دۄیہٕ قسمکی:۔
اکھ گیہٕ تِم یم زن ناوتکی پٲٹھی تعداد، جنسُس تہٕ حالتکس سطحس

تہٕ باوُت، یمن ترٛنوٚن ہنٛز خاصیت آسہِ وَنان ۔ کاشِر زبانہِ
منٛز چھُ بناوٕنۍ مطابق کرٛاوُت دوٚیہ قسمُک اکھ سُہ یُس AFFIX
جوڑنہٕ سِتۍ بنان چھُ تہٕ اَتھ چھِ INFLECTED VERB وَنان تہٕ
نمبر ۲ سُہ کرٛاوُت یُس SUFFIX جوڑنہٕ سِتۍ بنان چھُ تہٕ
اَتھ چھِ PARTICIPLE VERB وَنان ۔ یہِ کتھ چھےٚ پُرٛزِ ازکالچن
ہندوستانہِ آریہ زبانَن منٛز چھُ INFLECTED VERB کُ استعمال
واریاہ وارِ ختم سپُدمُت تہٕ تہنٛز جاے چھےٚ ہُر کرٛاوتو' تہٕ
PARTICIPLE VERB زٕٹھُر ۔ مگر یوٚتام زَن کاشِر زبانہِ ہُند
تعلُق چھُ، اَتھ زبانہِ منٛز چھُنہٕ INFLECTED VERB کُ
استعمال پوٚرٕ پاٹھۍ ختم سپدیومُت بلکہ چھُ وُنہٕ تہٕ اَمیُک
استعمال سپدان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کاشِر زبانہِ منٛز INFLECTED
VERB بدل "ہُر کرٛاوتس" سِتۍ PARTICIPLE VERB تہٕ
ورتاونہٕ یوان ۔ اَزۍ کِس یتھ پیپرس منٛز کرٕ بہٕ یمہِ کتھِ ہنٛز باوتھ
زِ سر جارج ابراہم گریرسنن کیاہ چھُ کاشِر زبانہِ ہندِن PARTICIPLE
متعلق ووٚنمُت تہٕ تُہنٛد خیال کتھ حدس تام چھُ صحیح ۔ PARTICIPLE
کِہ خاصیت چھےٚ یہِ زِ یمن پتہٕ مختلف (اندتی) AFFIX جوڑنہٕ
پتہٕ چھِ یم ناوُت تہٕ باوتِچہِ شکلہِ منٛز تہٕ استعمال سپدان ۔ اَمہِ
علاوٕ چھِ یم جُملس منٛز کراوتۍ کام تہٕ کران ۔ کرٛاوتِچہِ شکلہِ منٛز چھُ
یُہند استعمال بےٚ اَنتھ کراوتِچہِ شکلہِ منٛز سپدان ۔ اما پوٚز

جُملہٕ کرِ حرکژ ہندِ صورتہٕ مطابق ہیکَن ہیم NOMINAL

PARTICIPLE VERB نہٕ دوٚیہٕ قسمکۍ آسِتھ : ACTIVE

NOMINAL PARTICIPLE VERB تہٕ PASSIVE NOMINAL

PARTICIPLE VERB - کالہٕ ورتاوِ مطابق ہیکَن بروٚنہہ ییم

بیٚیہٕ ترٚیہٕ قسمکۍ آسِتھ۔ ازکالکہٕ، پتہٕ کالکہٕ تہٕ پیش کالکہٕ۔

یوٚتام زن ازکالکہٕ حرکژ دار NOMINAL PARTICIPLE VERB

بکُ تعلُق چھُ ییم چھِ جُملَس منٛز بڈِس کرٛاوتِس سٟتۍ تمکِس حرکتس منٛز بٟدن دالہٕ کرٛاوٕتۍ وکھنٕے کران۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھِ یتھِ کرٛاوٕتۍ وَکھنے کرنہٕ باپتھ موٗلہٕ کرٛاوتِس سٟتۍ "آن" یا "وان" SUFFIX جوڑنہٕ یوان۔ یہٕ "آن" تہٕ "وان" SUFFIX چھُ صرف شہرکِس کأشرِس منٛز درینٛٹھی گژھان۔ یوٚتام زن گامہٕ کأشرِکُ تعلُق چھُ اَتھ منٛز چھُ "آن" بدلہٕ "اَن" تہٕ "وان" بدلہٕ صرف "وَن" SUFFIX جوڑنہٕ یوان۔ سوال چھُ زِ آن / اَن کتیٚن چھِ لگان تہٕ وان/ وَن کتیٚن چھُ لگان۔ آن یا اَن SUFFIX چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتین سٟتۍ لگان یِہندُ اَندیُم حرف CONSONANT آسہِ مثلَن : گژھان، پران، ژاران، اَنان، لاگان، زینان۔ نژنان، یا۔ گژھن پرَن، ژارَن، اَنَن، لاگَن، زیٖنَن، زانَن بیتر۔ "وان" یا "وَن" چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتین سٟتۍ لگان یِہُندُ اَندیُم حرُف "سوز" یا VOWEL آسہِ۔ مثلَن۔ نِوان، کھیوان، چَوان یا نِون، کھیوٚن، چوٚن بیتر۔ یوٚتام زن گرٛیرِسن سٕنٛز کامہِ ہُند تعلُق چھُ تٔمۍ تہٕ چھِ یمَن دوٚنوٚنی SUFFIX

پیٹھ بناوٕنکۍ حِصہٕ دار بنان چھِ تہٕ دوٚیم گیہٕ تم ہم زن INDEDINABLE
یعنے اَکۍ پٔے شکلہِ منز روزان چھِ تہٕ کراوِتی ہنٛدِ تعداد، جنس تہٕ حالتہٕ
مطابق چھِنہٕ یمن کانہہ تبدیلی یوان۔ یمن دونٛوٚنی سطحن پیٹھ چھِ
کاشرِ زبانہِ ہندی PARTICIPLE VERB تہٕ دوٚیہ قسمکۍ بنان۔ اکھ
گیہٕ NOMINAL PARTICIPLE VERB تہٕ دوٚیم گیہٕ

INDEDINABLE PARTICIPAL VERB.

NOMINAL PARTICIPLAL VERB :-

کاشرِ زبانہِ منز چھِ یمن کراوِتین منز ناوٕتکۍ پاٹھۍ تعداد
جنس تہٕ حالتکۍ جز موجود آسنہٕ علاوٕ INFLECTED VERB کہ حرکژ
ہنز صورت بیتر جز تہٕ شامل آسان۔ ییتن چھِیہٕ پہ کتھ تہٕ لایق
زِ کاشرِ زبانہِ منز تہٕ چھُ PARTICIPLE VERB بکُ استعمال
جملس منز MAIN INFLECTED VERB بس ستی ہر کراوِتچہِ
شکلہِ منز پیدان۔ مثلن اکھ جُملہٕ چھُ "سُہ چھُ اسان اسان کام
کران"۔ اَتھ جملس منز چھُ "کام کرٕنۍ" بوٚڈ کراوِت۔ "اسُن"
کراوِت چھُ اَتھ بُڈس کراوِتس یا MAIN VERB بس ستی
ہُر کراوِتچہِ شکلہِ منز ورتاونہٕ آمُت۔ مگر ییلہِ کُنہ ساعتہٕ
جُملس منز بوٚڈ کراوِت آسہٕ نہٕ تمہِ وقتہٕ چھُ یہٕ
PARTICIPLE VERB جُملس منز بڈِ کراوِتچ کام کران۔
مثلن: "سُہ اوس گومُت"

نظر انداز کرِتھ زِ پکوِنہٕ کاہِچ باوَتھ کرنہٕ باپتھ چھُ اتھ بڈٕس کرٛاوتِس
ہتی ہُر کرٛاوُت "چھُ" تہٕ کرٛاوِتی سِندِ تعداد تہٕ جنٕسہٕ مطابِق
درتاونہٕ یِوان مثلن۔

سُہ چھُ پکان، تِم چھِ پکان، سو چھیہٕ پکان، تِمہٕ چھیہٕ
پکان، ژٕ چھکھ پکان، تُہۍ چھِوٕ پکان، بیترِ۔

یِمو دوشوِنوٕ مثالو ہتی چھِ یہِ کتھ صاف ظاہر زِ گوڈنکِس
جُملس منز چھُ 'چھُ پکان، چھِ پکان، بیترِ لفظے INFLECTED
VERB۔ گرِیرِسن چھُ صرف یہِ ذٕنہٕ خاموش بیوٕ ٹھُمت زِ از
کالک PARTICIPLE VERB چھُ 'آن، یاوان' SUFFIX
سہ ہتی بنان تہٕ اَمِچ مثال وُچھان، وُیان' بیترِ دِتھ چھِ تِمۍ یِم
لفظ INFLECTED VERB. کِہ پاٹھۍ مختلف کالن منز
استعمال کرٛتہ یِتی۔ از کالکہٕ PARTICIPLE VERB ہُنٛد کینہہ
مثالہٕ چھیہٕ بییہٕ پیش:۔

موہنو مہ پڑن کھوان کھوان۔ (کھوٗن کھوٗن) نژان
نژان ییوٚو سُہ پھر (نژن۔ نژن) یہِ لڑکہٕ چھُ اسان۔ اسان
پرِتھ کانہہ کام کران۔

یِتھین چھیہٕ یہِ کتھ وَنٕنۍ لایق زِ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ چھِ یِم
PARTICIPLE VERB جُملس منز اَکی پھِرِ تہٕ استعمال یِوان۔
مثلن۔ ترٛیش چوان مہ اَس، مگر یِرِتھ مثالہٕ چھیہٕ تعدادہٕ

اَن ہُند ذِکر کوٗرمُت۔ تمؠ چھُ لیوٗکھمُت :۔

"THE PRESENT PARTICIPLE IS FORMED BY ADDING

AN (WAN) TO THE ROOT, THUS.

ETC" وُچھان۔ وُپان ؎

اما پوٗز یٖلہِ تمؠ یمن وُچھان، وُپان بیترِ لفظن ہُند جُملس

منٛز استعمال چھُ کوٗرمُت تہٕ یمو لفظو چھہٕ تیتھین INFLECTED

PARTICIPLE VERB پنٛچ صوٗرتھ اختیار کرٕمٕژ یٕنہٕ بسیتھ کہ VERB

پنٛچ مثلن۔ "سُہ چھُ وُچھان" "تم چھہٕ وُچھان" بیترِ۔ PARTICIPLE

VERB پنٛجہِ شکلہِ منٛز استعمال کرنہٕ باپتھ چھُ یہ لفظ دوٚیہ پھِر

ورتاونہٕ یوان تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ بوٚڈ کرٛاوُت تہٕ لگان۔ مثلن:

"یہ چھس پکان پکان کتاب پرٛان"۔ اَتھ جُملس منٛز چھُ بوٚڈ

کرٛاوُت "پرٛن" تہٕ "پکان۔ پکان" چھُ PARTICIPLE VERB

یُس دوٚیہ لٹہٕ چھُ ورتاونہٕ آمُت۔ گریرسنن چھُنہٕ اَمہِ قسمُک

کانہہ ذکر کوٗرمُت۔ یہ کتھ چھیٚہ پزٕ زِ کاشرس منٛز چھُ

کرٛاوتکہِ کالہٕ ورتاو موٗجوٗب تہٕ پکوٗنہٕ کالکہِ کرٛاوِچ باوتھ

کرنہٕ باپتھ تہٕ موٗلہِ کرٛاوتس ستی یوٚہے آن/اَن یا وان/

وَن SUFFIX جوڑنہٕ یوان۔ مگر یہ کتھ تہٕ ہیکوٗنہٕ اَسی

؎ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY SIR G. GRIERSON

VOL. VIII PART II

پوچھر دِنہٕ باپتھ چھِ تِمٕ یِمہٕ مثالہٕ دِژمٕژ۔ "وُچھ" وُچھوٚد" تہٕ "وُچھاو" سٕتۍ چھُ سہٕ پتہٕ وَنان زِ یِم لفظ چھِ شکلہِ کِنۍ باوٕتی مگر یِم چھِ صرف پَتھ کالٕچ باوَتھ کرنہٕ باپتھے یوت اِستعمال سپدان۔

باوتچہِ وَکھنے باپتھ چھُ یِمَن سٕتۍ "مُت" SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ لۄتام زان گرِیرسنہٕ گوڈنچہِ کتھِ ہُند تعلُق چھُ یعنے پَتھ کالٕچ باوَتھ کرنہٕ باپتھ چھِ کاشرِس منز مۄلہ کرٛاوتِس سٕتۍ 'اُ' یوٚو' تہٕ 'یاو' SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ اماپوز یِتھَن) چھُ گرِیرسَن PARTICIPLE VERB بہٕ بدلہٕ INFLECTED VERB پنٕچ کتھ کران'

تہٕ کیاز ِ مینہٕ کوٚر یِمہٕ کتھِ ہند گوڈنیتھ ذِکر زِ PARTICIPLE چھِ تِتھ لفظس وَنان یُس پانَس منز 'ناوُت' کراوُت تہٕ باوُت' یِمَن ترنوٚنی) ہنز خاصیتھ آسہِ تھوان تہٕ لۄتام زَن 'وُچھ' 'وُچھوٚ' تہٕ 'وُچھاو' لفظن ہند تعلق چھُ یِم چھِ ہمرف کرٛاوٕچ یاژ خاصیت تھوان۔ لہاذا کاشرِ زبانۍ منز چھُ حرکژدار تہٕ بےٚ حرکتھ پَتھ کالٕچ باوَتھ کرنہٕ باپتھ مۄلہ کرٛادٕہٕس سٕتۍ "مُت' SUFFIX لگان تہٕ جُملس منز چھُ اَتھ سٕتۍ "چھُ" یا" اوس" بیتر ہُرکرٛاوُت تہٕ وَرتاوِنہٕ یِوان۔ مثلن سہٕ چھُ گرِ گومُت۔ سۄ چھیہٕ گرِ گامٕژ، ژٕ اوسکھ گرِ ژٕدٕلمُت 'بیترِ۔ یِمہٕ چھیہٕ حرکژدار صوٗرتچہِ مثالہٕ۔ تِمٕ چھُ ژھاوُل گام نیومُت۔ تِمٕ آس کتاب پٔرمٕژ۔ ژٕیہٕ چھے باتھ گیومُت بیترِ چھِ بےٚ حرکتھ صوٗرژہِ مثالہٕ۔ یِتھَن وِنہٕ یہٕ

موٗجوب تہٕ آسنس برابر۔

کاشرِ زبانہِ منز چھِ PARTICIPLE ADJECTIVE تہٕ ترێیہ

قسمکہٕ۔ یوٚتام زن از کالکہِ PARTICIPLE ADJECTIVE وُن ہُند تعلُق

چھُ، یم چھِ موٗلہ کرٛاوِ تس ستیٖ 'وُن' یا 'وُنہٕ' SUFFIX جوڑنہٕ ستیٖ

بنان۔ مثلن:۔

میٚہ وُچھ اکھ کانپوُن لڑکہٕ۔ میٚہ وُچھ اکھ اکھ کانپوُنۍ

کوٗر۔ پرٛونِس بچیس پزِ دوہے وقتس بیٛھٕ سکوٗل نیرُن۔

یمہ کتابہٕ چھیٚہ پرنٛن بچن کتھٕ۔

اکھ مُتعلق تہٕ چھُنہٕ گریرسنن کانٛہہ خاص بیان پیش

کوٚرمُت۔

PARTICIPLE VERB حرکژدار تہٕ بے حرکژدار پتھ کالک ۔:۱

(ACTIVE / PASSIVE PAST PERFCT PARTICIPLE VERB)

یوٚتام زن گریرسن سٕنہ کامہِ ہُند تعلُق چھُ سُہ چھُ کاشرِ

زبانہِ منز ترێیہ قسمکہٕ پتھ کال مانان۔ اکھ سُہ پتھ کال یُس

حال حالے اند آسہٕ وومُت۔ دوٚیم سُہ یُتھ ہنا زیادٕ ہن

وق آسہٕ گومُت، تہٕ ترێیم سُہ یُتھ بوٛتھاہ وُق آسہٕ

گومُت۔ گریرسنہ سُند ونُن چھُ زِ یمن ترٛنوٛنی پتھ کالن

ہنز باوتھ چھیٚہ کاشرِس منز موٗلہ کرٛاوِ تس ترتیب وار

"اُ" (اوٗ) تہٕ 'آو' SUFFIX جوڑنہٕ ستیٖ یوان۔ یتھنہٕ کتھٕ

| | |
|---|---|
| ACCUSATIVE | چھِلۍ مِتس پلوس چھُ اِسترۍ کران |
| اڈگُن / دوٗگُن | چھِلۍ مِتین پلون چھُ اِسترۍ کران |

PARTICIPLE ADJECTIVE تہٕ FUTURE PARTICIPLE VERB

پیش کالُک PARTICIPLE VERB تہٕ ADJECTIVE

کاشُر زبٲنۍ منز چھُ پیش کالُک PARTICIPLE VERB

مولہٕ کراوِتس ستۍ "اُن" SUFFIX تہٕ "کیُت" لفظکہٕ میلہٕ
ستۍ بنان تہٕ پیش کالچہٕ کامہٕ ہنز باوتھ کران یا خاصیتھ ہاوَنہٕ
خاطرٕ چھہٕ مولہٕ کراوِتس ستۍ "اُک" SUFFIX لگاوَنہٕ یوان۔ یِمن
دۆنوٕنی ہنز مثالہٕ چھیہٕ پیش :-

یہٕ توٗلُ چھُ رنُن کیُت ، یہٕ چھُ رننُک توٗلُ۔

یِم زَنَن PARTICIPLE VERB ہُک دوٗیُم قسم چھُ تِم PARTICIPLE
اُکہِ شکلِ منز ہمیشہٕ روزن۔ یعنے یِمن زن نہٕ کراوِتۍ سندِ
تعداد، جنس تہٕ حالتٕ مطابق کانہہ تبدیلی ییہٕ۔ یِمن ہیکوٕ
بروٚنہہ چھہٕ INDEDINABLES تہٕ وَنِتھ۔ یِم PARTICIPLE
کُن بٔنِیہٕ ترٛیہٕ قسمکۍ بنان۔ اَکھ گیہٕ تِم یِمن زن بڈٕ کراوِتکہٕ سِیدہٕ
بروٚنٹھے بٔنِیہٕ کُنہٕ کامہٕ ہندٕ سِیدٕ باوتھ کرن۔ دوٚیمِن لفظن منز
ہیکو اُسۍ وَنِتھ زِ امہٕ کراوِ تہٕ پتہٕ چھُ بٔنِیہٕ کُنہٕ کراوِتکہٕ سپدنُک
اِمکان روزان۔ مثلن : "یہٕ کتاب پٔرِتھ گژھہٕ بہٕ مدرس" یا" بتہٕ

پہ کتھ تہٕ زٕ پہ "مُت" چھُ جُملس منز کراولہٕ ہندٕ یا تِم لفظکہٕ
جنسہ، تعدادٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان یتھ پیٹھ کراولہٕ ہنز کامہٕ
ہُند اثر آسہِ۔

## لوٗتام زن PAST PARTICIPLE ADJUCTIVE وُگ

سوال چھُ کاشرِ زبانہِ منز چھُ یتہٕ موٗلہٕ کراوتس پتہٕ "مُت"
SUFFIX لگاونہٕ پتہٕ بنان۔ مثلن۔ گرٕ ژوٗلمُت لڑکہٕ چھُ بیٚیہ گرٕ
آمُت، ژٕ کیازِ چھکھ چھوٗلمُت پلو بیٚیہ چھلان، یمن جُملن
منز چھُ ژوٗلمُت تہٕ چھوٗلمُت، لڑکہٕ ہنز تہٕ پلوچ خاصیتھ
بیان کران تہٕ پتہٕ چھیہ پہ کتھ تہٕ صاف ظاہر زٕ یم دہ نوے لفظ
یعنے "ژوٗلمُت" تہٕ "چھوٗلمُت" چھِ موٗلہٕ کراوتی۔ "ژل" تہٕ چھل
لس پتہٕ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ پتہٕ بنیمتی۔ پہ "مُت" چھُ
جُملس منز تمہٕ لفظکہٕ تعدادٕ، جنسہٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان،
یتھ خاصیتھ باوُنی آسہِ۔ مثلن:-

| نرجنس | | |
|---|---|---|
| اوٗگن / دوٗگن | چھوٗلمُت پھِرن چھُ بیٚیہ چھلان | MAS: SINGULAR |
| | چھلیمتی پھِرن چھُ بیٚیہ چھلان | - PLURAL |

| مادٕجنس | | |
|---|---|---|
| اوٗگن / دوٗگن | چھیٚجمٕژ قمیض چھُ بیٚیہ چھلان | FEM. SINGULAR |
| | چھیٚجمٕژہ قمیض چھُ بیٚیہ چھلان | - PLURAL |

| ACCUSATIVE | چھٹی ہتس پلوس چھ اِستری کران |
| --- | --- |
| اڈگُن / دوگُن | چھٹی ہتین پلون چھ اِستری کران |

FUTURE PARTICIPLE VERB تہٕ PARTICIPLE ADJECTIVE

ADJECTIVE تہٕ PARTICIPLE VERB پیش کالُک

PARTICIPLE VERB کاشُر زبٲنؠ منز چھُ پیش کالُک

موٗلہٕ کرٲوِتس ستۍ "اُن" SUFFIX تہٕ "کیُت" لفظکہٕ میلہٕ
ستۍ بنان تہٕ پیش کالچہٕ کامہٕ ہنز باوتھ کران یا خاصیتھ ہاوَنہٕ
خاطرٕ چھہٕ موٗلہٕ کرٲوِتس ستۍ "اُک" SUFFIX لگاونہٕ یِوان۔ یمن
دۄنوٕنی ہنز مثالہٕ چھیہٕ پیش :۔

یہٕ تۄٹُل چھُ رنُن کیُت ، یہٕ چھُ رننُک تۄٹُل۔

PARTICIPLE VERB بٕک دۄیُم قسم چھُ تم PARTICIPLE یم زَن
اُکۍ سے شکلہِ منز ہمیشہٕ روزن۔ یعنے یمَن زَن تہٕ کرٲوِتی سندِ
تعدادِ ، جنس تہٕ حالژ مطابق کانہہ تبدیلی ییہ۔ یمَن ہِکو
INDEDINABLES تہِ وَنِتھ۔ یم PARTICIPLE چھہٕ برونہہ
کُن بیٚیہٕ ترٛیہٕ قسمکی بنان۔ اکھ گیہٕ تم یمَن زَن بڈ کرٲوِتکہٕ سِندہٕ
برونٹھے بیٚیہٕ کُنہٕ کامہٕ ہِندِ سِپدنٕچ باوتھ کرن۔ دۄیمین لفظن منز
ہکو اُسۍ وَنِتھ زِ امہٕ کرٲوِتہٕ پتہٕ چھُ بیٚیہٕ کُنہٕ کرٲوِتکہٕ سِپدنُک
اِمکان روزان۔ مثلن : "یہٕ کتاب پرٛتھ گژھہ بہٕ مدرس" یا "بتہٕ

پہ گژھ تہٕ زٕ پہٕ "مُت" چھُ جُملس منز کراولہٕ ہنز یا تمہٕ لفظکہٕ جنسہٕ، تعدادٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان یتھ پیٹھ کراولہٕ ہنز کامہٕ ہُند اثر آسہٕ۔

یوٗتام زَن PAST PARTICIPLE ADJUCTIVE ووُگ

سوال چھُ کاشرِ زبٲنۍ منز چھُ یتہٕ موٗلہٕ کراوتس ستۍ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ ستۍ بنان۔ مثلن۔ گرٕ ژٕرلمُت لڑکہٕ چھُ بیٚیہٕ گرہٕ آمُت، ژٕ کیازِ چھکھ چھولمُت پلو بیٚیہٕ چھلان، یمن جُملن منز چھُ ژٕرلمُت تہٕ چھولمُت، لڑکہٕ ہنز تہٕ پلوچ خاصیتھ بیان کران تہٕ یتۍ چھیٚہ پہ گژھ تہٕ صاف ظاہر زٕ یم دہ نوے لفظ یعنے "ژٕرلمُت" تہٕ "چھولمُت" چھِ موٗلہٕ کراوتۍ۔ "ژٕل" تہٕ چھل" لس ستۍ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ ستۍ بنیمتۍ۔ یہٕ "مُت" چھُ جُملس منز تمہٕ لفظکہٕ تعدادٕ، جنسہٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان، تیمۍ خاصیتھ باونۍ آسہٕ۔ مثلن:-

| | | |
|---|---|---|
| نرٕجنس | چھولمُت پھیرن چھُ بیٚیہٕ چھلان | MAS: SINGULAR |
| اٮ۪کُن / دوٗگُن | چھٲلمتۍ پھیرن چھُ بیٚیہٕ چھلان | - PLURAL |
| مادٕ جنس | چھچمژ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھلان | FEM. SINGULAR |
| اٮ۪کُن / دوٗگُن | چھچمژ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھلان | - PLURAL |

یِم PARTICIPLE VERB تہٕ چھہِ جُملَس منز دۄیہِ پھِر وَرتاونہٕ
یِوان تہٕ اَمہِ پَتہٕ چھُ بۆڈ کراوُت تہٕ استعمال سپدان۔ گریرِسَن
چھُ اَتھ FREQUANTIVE PARTICIPLE وَنان۔ تَسُندُ وَن تہٕ چھُ۔

THE FREQUANTATIVE PARTICIPLE IS FORMED BY
ADDING "اۆ" MATRA TO THE ROOT WHICH IS THEN
REPEATED AS IN "وُچھ" "وُچھو"

یِم PARTICIPLE کِتھہٕ پاٹھۍ چھہِ وَرتاونہٕ یِوان اُچھہِ کینہہ مثالہٕ
چھیہٕ پیش؛

گیٚوی گیٚوی چھُ لۄکُن رَزنہٕ ناوان
نٔژی نٔژی چھُس گیوٚر یِوان
پٕری پٕری چھُکھ مشران ...... بیترِ۔

اَمہِ علاوہ چھُ کٲشرِس منز بێیہِ اَکھ PARTICIPLE
VERB ییٚمیُک استعمال تَمہِ کامہِ باپتھ سپدان چھُ یێمہِ کامہِ خاطر
بێیہٕ کینہہ کرنہٕ یِیہ۔ مثلَن :۔

بیوٚل وَونہٕ چھُ کھۄہس کُن منز گژھان۔ اَتھ جُملس منز
چھےٚ اصلی کام بیوٚل وۄون گژھنچ کام چھێیہٕ بیول وونچہِ کامہِ خاطر
کرنہٕ یِوان۔ دۄیمین لفظن منز ہیکو وُنتھ زِ کھۄہس منز گژھنک
مقصد چھُ بیول وُون، لہاذا چھُ اَتھ دۄد مۄلہٕ کڑاوِتھ ستہٕ
'نہٕ' SUFFIX جوڑنہٕ آمُت۔

کھیتھ گژھکھ ژٕ بازر سودا اَنٕنہٕ"۔ یم PARTICIPLE چھِ مولہٕ کرٛاوِ ثِ
ستیٚ "اِتھ" یا "تھ" SUFFIX لگاونہٕ ستیٚ بنان۔ "اِتھ" چھِ تمَن
کرٛاوِ مولَن ستیٚ لگان یمَن آخرس CONSONANT (زُری اَچھُر)
آسہِ تہٕ یمَن اَندس VOWEL (اۆر اَچھُر) آسہِ تمَن ستیٚ چھُ
صرف "تھ" لگان۔ "پٕرِتھ" تہٕ "کھیتھ" لفظن منز چھیہٕ یہٕ کتھ
صاف ظاہر۔ گریرسن چھُ اَتھ CONJUCTIVE PARTICIPLE
وَنان۔

میہٕ چھُ باسان زِ کٲشرِ زبٲنؠ ہُند یہٕ "اِتھ" چھُ VOWEL
(اۆر اَچھُر) یا "سورٕ" ستیٚ اَندٕ سپدن والین لفظن ستیٚ سورکہٕ
دِگنیارٕ نشہِ بچنہٕ موکھے "تھ"، ہیتھ یوت روزان۔ اِسٹرکول
چھُ "کٲشر شبدامرت" ناو پننِس کتابہِ منز "اِتھ" س ستیٚ
"کیتھ" پوت لاگیکھ تہٕ ذِکر کران۔ تمو چھُ وۆنمُت "اِتھ کینہہ
وا" تہٕ تمہِ پتہٕ چھکھ اَمچہِ مثالہٕ دِژمژٕ:
"پٕرِتھ کیتھ" "گژھتھ کیتھ" بیترِ۔ اما پوز گریرسنن چھُنہٕ امیک
کانہہ تہٕ ذِکر کۆرمُت۔ مہانے پرکاشس منز چھُ "اِتھ"
بدلہٕ "اِت ایت" SUFFIX دریٹھ گژھان۔ مثلن:

دلیوُت اوک کِتی پُرراجہٕ

امہِ پتہٕ چھیہٕ تمَن VERB PARTICIPLE اَن وارٕی
داتان ہم زَن کنٕہ کامہِ ہُند گرِ گرِ کرنس وکھنے چھِ کران۔

مَنۍ لال تلاشی

## کاشر زبانۍ ہند گرامری مُطالعہٕ تہٕ

# گریرسن

یِیمہٕ مقالُک مقصد چھُنہٕ کاشر زبانۍ ہندِس گرامرس مُتعلق گریرسنٕنین کامِن ہُند کانہہ مُفصل جایزٕ، بلکہٕ چھُ میون مقصد تِمَن کینژن نوقطن کُن پرٕن والین ہُند توجہ پھِرُن یِم اَتھ مطالعس منٛز بحیثیتِ کوتاہی درینٛٹھۍ گژھان چھِیہٕ یا یِم توجہُ طلب چھِ۔

لسانی وضاحتہٕ چھِیہٕ رِوٲیتی طور ترٕین شعبَن منٛز باگرنہٕ آمژٕ۔ گوڈنیُک باوژ ہندۍ مادی ذریعہٕ یعنے طرزِ تحریرٕ تہٕ املابیترٕ دوٚیُم گرام یعنے مارفالجی تہٕ نحوٕ بیترٕ تہٕ ترٕییم لوغات سازی۔ گریرسنن چھِیہٕ یِمَن ترٕنٛشوٕنی منٛز قلم آزمٲیی کٔرمژٕ۔

اَتھ سارۍ سے کامہٕ سام ہیٚنہٕ پتہٕ چھُ اَسۍ یِتھ نتیجس پیٚٹھ واتان اَمیُک بوٚڈ حصہٕ چھُ طرزِ تحریرٕکۍ مختلف کھرۍ تہٕ مسلہٕ اَنزراونس

یمو علاوہ چھ تم PARTICIPLE تہ میلان یم اکھ ٹیٚر
ناوٕچ شکلہِ منز چھ استعمال یِوان مثلن :۔ گرٛزھن، اَسُن،
گپُون، بیترِ۔ ظاہر چھ ز یم چھ مۄلہ کراوٕ تس ستی "اُن" SUFFIX
لگاونہٕ ستی بنان۔ گریرسن چھ یہ "اُن" SUFFIX پیش کالک
مونٹُت تہ یِنہٕ کتھ پوچھر دِنہٕ مۄکھ چھ تمی
یمہٕ مثالہ دِژمژ "وُچھُن" "وُپُن" بیترِ۔ اگر شبد گرٛت تہٕ
مُعنِیس کُن وُچھو تہ ییلہِ چھ یم لفظ INFLECTED VERB کی
PARTICIPLE -

غفلت پتہ کینژھاہ تمہ بندین وتہٕ ہاوکن ہنز۔ بقولہ مور جنسٹرین
(مور جنسٹرین ۱۹ اص ۸۳-۸۴) سِٹھاہ بروہہ کالہ پیٹھہٕ چھہ ہندوستانکہ
صوتیاتی ماہر پننہ نوژک پتہ بارکیھ مُشاہد سببہ مشہور آسی متی۔ یم
ہناتہ صوتیاتی پھیر ہاونس منز پننہ مہارژ ہُند ہاو باوکرنس منز تہ
تفریح محسوس کران آسی۔ شاید چھہٕ امی عادتہ کنہ الیشر کولن تہ
پننہ کامہ منز کوڈکاکی ہاوِمژ۔ یتھہ پاٹھو چھیہ تمس تہ کاشرلو
واولو پیٹھہ نظر ڈیجمژ تہ امیک اثر چھہ برابر گریرسننس مطالعس
پیٹھہ تہ بیوٚمُت۔

اَسی ژمو گریرسنہ فہرستہ منز کیہنہ مثالہ ییمہ سرتہٕ
یہ عیاں سپدِ زِ اکے آواز چھیہ مختلف واولو سیتی ہاونہ آمژ۔
مثلن نیٚ تَو 'ہٕ' تہ 'ہ' واول۔ گریرسن چھہ 'ںٕ' واولس متعلق
وَنان زِ ہندوستانی زبانن منز چھنہ یتھ کانہہ تہ واول۔ یہ
چھیہ اکھ مخصوص کاشر آواز۔ اَمِچ موجودگی چھہ شہ کرٕ تھکھ،
(KÜRᵘ THAKH) لفظس منز ہاوان 'ہٕ' واولس متعلق چھہ
وَنان زِ کاشرس منز چھہ امیک وَتاو کھلہٕ سپدان ییتھ آواز انگریزی
'HUT' تہ 'HOT' لفظن ہندین واول آوازن درمیان چھیہ
مثلن "اُدرٕن" (ADᵃRUN)۔ ڈیھی تَو دراصل چھہ دوشوٚنی
لفظن (کرٕ تھکھ تہ اُدرٕن) منز 'اُ' واول۔ مگر گریرسنن چھیہ
اکے آواز دوہو الگ واولو سیتی ہاوِمژ۔ نیٚ تَو بیاکھ مثال۔

کُن لوٗگمُت تہٕ تحریری کھوچہٕ تہٕ املایی بےٚ سوٗمبر چھےٚ تکرٕتھ تہٕ
اَتی رۄدمُت۔ طرزِ تحریرٕکی یم مسلہٕ چھنہٕ صرف گریرسنٕنس مطالعس
منز بلکہ چھہٕ اکثر یوٗرپی عالم اَتھ منز ہینہٕ آمتی۔ تِمَن دۄہَن کاشرِ زبانۍ
ہُند کانٛہہ تہٕ اکھ مقبوٗلہٕ عام رسم خطہٕ آسنہٕ سبب اوس پریتھ کانٛہہ
یوٗرپی، رومن اچھرٕ ہنا شیرٕ تار کرِتھ پننہٕ طرزِ تحریرٕ خاطرٕ درتاوان۔
اَکھ وجہ ہیکہٕ یہ تہٕ آسِتھ زِ کاشرِ زبانۍ اوس نہٕ گوڈٕ پیٹھے کانٛہہ
تہٕ گرامر جامع صوٗرتس منز یُس یہ زبان ہیچھناونس منز اَتھ روٗٹ
کرِ ہے۔ ایلشرکول سُند گرامر یوٗدوے اوس تہٕ سُہ اوس سنسکرتس
منز تہٕ تمۍ سُند طرزِ تحریر برونٛہہ کنہٕ آسنہٕ باوجود تہٕ چھنہٕ
کاشرِ لۄکھار لۄ امہِ حسابہٕ پکنٕچ کوشش زِ نہٕ تہٕ کرٕ مژ گریرسن
چھُ ادے ژکھ ہوٗت وَنان۔ (گریرسن ١٩١٦ ص ۲۲) زِ ییٚتہٕ چھہٕ
پریتھ کانٛہہ عالم پننۍ قونوٗن پانے مُرتب کران۔
بہرحال گریرسنن تہٕ چھُ کاشرِ زبانۍ خاطرٕ رومن اچھرٕ
ورتوومُت تہٕ کاشرِ زبانۍ ہندی چھہٕ تمۍ ۲۷ واولٕ تہٕ ژٕ دُواولٕ
(DIPTHONG) بدٕ گنڈی متۍ یہ چھُ پژی پانٛژ اکھ زیوٗٹھ فہرست۔
یوٗدوے یم ساری واولٕ الگ الگ فونیم ماننہٕ کھ تیلہٕ آسُن
کاشرِ زبانۍ ہشہٕ دُنیہس منز کمے زبانہٕ یمَن پننس ویسیع واولٕ
سسٹمس پیٹھ فخر آسہٕ۔ مگر ژٕکہٕ چھنہٕ گریرسنٕنٕ مقصد کاشرِ زبان
پننہٕ واولٕ گنٛجارٕ کٕنژ نیشہٕ ناوُنۍ، بلکہ چھیٚہ یہ کینژھاہ تمۍ بنٕز

دوران یا گرامری تبدیلی دوران لفظس منز آوازٕ پھیر سپدان آسہٕ۔
بقولِ گریرسن چھِ یِم ماترا واوِل کُنہٕ لفظٕچ آواز تھتھے پاٹھۍ متاثر
کران ییتھ پاٹھۍ انگریزۍ لفظ 'MAT' 'e' جوڑنہٕ سِتۍ MATE بنان
چھُ 'e' واولہٕ سِتۍ سپنز 'a' واوہٕچ آواز متاثر مگر 'e' چھُ پانہٕ
خاموش۔ یہ آو برونٛہہ ونُنہٕ زِ گریرسنن اکثر کامن ہنز بُنیاد
چھیٚنہٕ شُدھ امہِ بتہٕ ییتھ منز ایشر کولن ماتراہن ہنٛد ورتاو اکہٕ خاص
اندازٕ کوٗرمُت چھُ۔ تہٕ اوس لفظس منز کُنہٕ حرفس پیٹھ ڈرام (ـا)
لگاوان یُس یہ ہاوان اوس اُمہٕ برونٛہہ واوہٕچ آواز چھیٚنہٕ مُتاثر
سپدیمژ۔ ایشر کولس پتہٕ کٔرِ نہٕ کانٛہہ مقامی عالِمَن کاشرِس گرامرس
پیٹھ کام۔ اگر کینہہ کامہٕ شلن خان غلام محمد پوپل زیٖ سُند گرام
(۱۹۰۳ء) تہٕ سیف الدین تارٛبلی سُند رسالہٕ "متعلق اصوات کشمیری"
بامل آیہٕ مگر پرتھ ہش انفرادی کوششہٕ روز عام عالِمَن نشہٕ
دوٗر تہٕ یورپی ین ہنٛد وٕ تہٕ ہوٗک بنیوو شُدھ امہٕ تیتۍ۔ ییتھ پاٹھۍ
چھُ یمو تہٕ کاشرِ زبانۍ ہنٛد صوتیات وِشنہاونہٕ درزِ ماترا واولن
کُن ژوٗر توجہ دیتمُت۔ بقولِ برج بی۔ کاچرو (کاچرو ۱۹۶۹ ص
۲۹۴) چھِ یِم ماترا واوِل پُراسرار صوٗرژٕ رنگۍ پیش کرنہٕ آمتۍ۔
گراہم بیلی چھُ ونان (بیلی ۱۹۳۷ ص ۱) زِ کانٛہہ تہٕ شخص یُس
کاشُر رومن رسم خطس منز لیکھتھ وُچھِ تہٕ اَتہٕ وُچھ برکھ ہیوٚر
یہن لوکٕٹ واوِل تہٕ سُد حاران زِ یم کیاہ چھِ تہٕ یہند آواز

'ٲ' تہٕ 'ۄ' واوٕل ۔ گوڈنِکہِ واوٕلُک آواز چھُیہٕ PROMOTE لفظُک
دوٚیِم 'ۄ' ہِش ۔ کٲشرِ لفظُک مِثال چھُیہٕ 'ژوٚر' دِنہٕ آمژ تہٕ اَمہٕ پتہٕ
چھُ 'ۄ' واوٕلس مُتعلق وَنان زِ اَمیُک آواز چھُیہٕ 'GLORY' لفظٕکِس
اوٚہِس 'O' ہِتہٕ رَلان ۔ کٲشرِ لفظُک مِثال چھُیہٕ 'مول' ۔ ٹاکارٕ چھُ
زِ 'ژور' تہٕ 'مول' دوشوٕنی کٲشرِن لفظن منز چھُ 'او' واوٕل ۔
پتھے پٲٹھۍ چھہٕ گریرسنن 'ێ' تہٕ 'ۍ' واوٕل دِتۍ متۍ ۔ بعضے چھُ
یِمن وَرتاو 'اے' تہٕ 'ے' آوازن ہندِ خاطرٕ کرنہٕ آمُت
اما پوز بعضے چھہٕ دوشوٕے 'ے' بدلہٕ ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ بعضے
چھہٕ اکھ اَکِس بدلہٕ تہٕ ورتاونہٕ آمتۍ ۔

ماترا واوٕل چھہٕ یوٚرپی عالِمن ہندِ بحثُک اہم موضوع
روٗدمتۍ ۔ گریرسن چھُیہٕ مینوس تہٕ باقے تصنیفن منز بیٚتر
ذِکرٕ وِزٕ وِزٕ کوٚرمُت ۔ کٲشرِ زبانِ ہِنٛزن آوازن یا واوٕلن ہِنٛز
چھُ سُہ ترے صوٗرژ مانان ۔ اکھ سیٚٹھے ژھوٚٹ، دوٚیِم ژھوٚٹ
تہٕ تریِم زیٖٹھ مثلن گریرسنٕنی طرزِ تحریرِ مُطابق:

(1) $z^a$ (2) ahh , (3) pan

گوڈنِکۍ ژھوٚٹ آواز چھُیہٕ ماترا واوٕل ۔ گریرسن
چھُ وَنان (گریرسن ۱۸۹۶) زِ یوٚدوے یِم پتھ پٲٹھۍ غار اہم
باسان چھہٕ مگر غالبے کانہہ کٲشُر لفظ آسہٕ تیٚتھ یتھ منز
نہٕ یِم موجود آسن یا یِیلہِ نہٕ یِہند ذِکرٕ لفظن ہِنٛز گردان سازی

گریرسنن چھ یمن ماتراہن زیرِ اثر لفظس منز آواز پھرکی

کیہتہ اصوٗل تہٕ بَد کَڈِمتی مثلن ۔

یٮ۪لہِ a ماترایہ برونہہ 'a' آسہِ سہ چھُ a بنان مثلن

اندر (ANDAR) اَندٕر (AND^A RA)

یٮ۪لہِ 'ĕ' ماترایہ برونہہ 'ā' آسہِ سہ چھُ ŏ بنان مثلن کانُن

(KĀNUN) ، کانٛزاوُن (KÔN^ĔRAWUN)

یٮ۪لہِ 'ı' ماترایہ پتھ 'a' آسہِ سہ چھُ 'ŏ' بنان مثلن مول/

ماٗل (MOL > MÖL) لفظکس گردانس دوران واوِل آوازامہٕ

اَثماہہ مُتاثر سپدہہ چھِنہ صرف کاشر زبانی منزے لوت ۔ اما لیوٗز

یہ چھُ توجہ طلب زِ امہٕ آوازہٕ پھرکی اصوٗل چھا گریرسنُن ماترا اثر

بِکہٕ یہ چھیہ واوِل ہشرن یا بنیہ کانہہ ازٲنی اصوٗل ۔

صوتیاتی مطالعہ علاوہ چھُ گریرسنن کاشر زبانی ہندِ بابتے

گرامری جُزن مثلن ناوُت (NOUN) باوُت (ADJECTIVE) کرٛاوُت

(VERB) تہٕ پرٛی ناوُت (PRONOUN) نظامچ تہٕ ورٛشھنے

کرٛمژ ۔ یہ ورٛشھنے چھیہ گرامری وضاحژ ہندِس رلواینی اندازس

پیٹھ ۔ گریرسنس برونہہ آس ایجورتھ تہٕ ویڈن تہٕ کاشر

گرامرچ امہٕ آیہ موٗختصر ورٛشھنیہ درٛمژ ۔ ویڈن تہٕ ایجورتھن بیٚتہٕ

کاشرِ ناوتین ہنز اَٹھ حالژ درٛمژ آسہ تہٕ کوٗر گریرسنن یہ

حالژ نظام ہنا آسانی سان پیش ۔ کاشرِ ناوتین چھُ سہ ژورن

گیا چھِیہٕ ۔ یہ بوزِتھ گژھِ ژُ زیادٕے حاران زِ یمو منز ہیکن

نہٕ وارِیاہ آوازٕ نمار کاشُرِ بوزِتھ ۔ یم چھِ اَکہٕ تِمن موسیقی لہرن

ہنز یاد پاوان یم سائنس دانن ہندِ وَنہٕ موجُب انسٲنی کن چھیٚنہٕ

بوزِتھ ہیکان مگر بیاکھ کنہِ چھِ بوزان ۔ بیلی ین یوٗروٗپے تلفظس

منز یمن ماترا ہن اہمیت دِژنہٕ اما پوز یہندِ وجودٕچ نِش چھیٚنہٕ ژٕ

انکار کران ۔ ژٕ چھُ پانہٕ تہٕ شُن ماترا داولِن ہند فہرست دِوان ۔

مورجنسٹرین تہٕ چھیُنہٕ یمو نِش ژٕلے انکار کران تِمی سندی کینژ تہٕ

چھیٚنہٕ یہنز کام پانٕس برونہہ واولہٕ آواز متاثر کرنہٕ ۔ شہ چھُ

یمن توارکنی دلچسپی ہندی مانان ۔ ارنسٹ نیوٗ تہٕ چھُ یہنز ذکر

کران تہٕ یہندِ تحریرِ خاطرٕ چھِن رومن رسم خطکی پانژھ واولہٕ

ورتاوی متژ ۔ یعنے گریرسن بیلہِ گوڈنچہِ لٹہِ ماترا داولِن ہنز گتھ

تژٕ پتمو عالمو تہٕ کرٕ اتی تھیچھ ۔ مگر تِمو مشروو زِ الشر گول

اوس بُنیادی سنسکرت لب ولہجہٕ نِش نازانی یاب تہٕ باسان

چھُ زِ کاشرٕ زبانی ہند صوتیات وِنژ صناوہٕ وِز چھیُنہٕ ژٕ سنسکرتکہٕ

اثر نِش مُچھِ رِوٗزِتھ ہیوکمُت تہٕ اَمہٕ پتہٕ بیلہِ گریرسن کاشرِ

صوتیاتُک مطالعہٕ کورٕ ژٕ تہٕ لوکٕ اتی نقشہٕ قدمس پیٹھ ۔ اکثر

یوٗرپی عالم چھِ پانہٕ تہٕ ییمِ کتھ ہند اعتراف کران زِ یمو منز

چھیٚنہٕ اکثر آواز بوزِتھ ہیکان تہٕ یوس آواز نہٕ بوزِتھ ہیکو تمیُک

وجود تہٕ ہا چھُ ژٕلے غلط ۔

ہنز وضاحتھ پیٹھ تہٕ اثر انداز سپدمُت۔

کاشُر زبانی ہندِس گرامرس منز چھےٚ اَتھ اضافی حالت (GENITIVE CASE) دلچسپ۔ یہ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ کاشُر زبانی ہُند تصریفی (INFLECTIONAL) مزاج بروٚنہہ کُن یوان۔ گریرسن چھُ پانس بروٚنہہ ہیمن گرامردانن ہندی پاٹھی اضافی حالت ہاوُنہٕ خاطرٕ ہُند، سُند، اُک تہٕ اُن، پوٚت جاہن (POSTPOSITIONS) ہُند ورتاو ہاوان۔ یم نہ صرف کراول (SUBJECT) یا شخص کہ جنس بلکہ کراوی (OBJECT) کہ تعداد تہٕ جنسہٕ لحاظہٕ بدلان چھ۔ بقولہٕ گریرسن چھُ کاشُر زبانی ہندین سارنے مذکر ناوَن ہنز DATIVE حالژ ستی "س" پوٚت لگیکھ ورتاو سپدان تہٕ اضافی حالژ منز چھُ یوٚہے 'س' 'ہُند' پوٚت جایہ "ہ" ہیچ جاے رٹان تہٕ یہ چھُ "سُند" بنان۔ مگر امہٕ مطابق گوٚژھ تیلہٕ تمن انژوٚدی ناوَن ستی تہٕ "سُند" لگُن پہند DATIVE 'س' جوڑنہٕ ستی بناونہٕ یوان چھُ مثلن پلس، اسمانس، پوشس بیتر۔ مگر اضافی حالت بناونہٕ وِزِ چھُ یمن ستی "اُک" لگان نزٕ "سُند" یا "ہُند"۔ بہرحال کاشُر زبانی منز چھ اضافی حالژ ہندین پوٚت جاہن ہندی شُبقہ اصوٗل یم ویٚتھی لوٚتھی پاٹھی سِتھ پاٹھی چھ۔

ا۔ تم عام ژوٚدی ناوٕ یم واحد مذکر آسن تمن ستی چھُ "سُند" لگان۔

گردانن منز باگران ۔ ناوتین ہنز گردان سازی منز چھُ ماترا وٲوِس ہنز کارفرمٲیی وُچھان ۔ دوٚیمِس گردانس منز چھُ تم مذکر ناوٕتی شامل گران یم بقولہ تمی سندِ 'ہ' ماترایہِ پیٹھ اندواتان چھِ تہ گوڈنکِس منز باقے تمام مذکر ناوٕتی ۔ تمہ سند طرزِ تحریر مطابق چھِ ژوٚر ، دوٚش ، پریم ، سوٚنر ، نرکھ ، وٚری ، دانہِ ، گرٕ ، قاضی بیتر ناوٕتی گوڈنکِس گردانس منز شامل تہ گرُ ، گوٚر ، کوٚر ، مول ، مٲہنوی ، ژیوٚن تہ گاٹُل دوٚیمِس گردانس منز ۔ پتھے پاٹھی چھُ تریمِس گردانس منز تم موئنث ناوٕتی شامل پہند NOMINATIVE واحد 'ا' یا 'ہ' ماترایہِ پیٹھ اندواتان چھُ تہ ژوٚرمِس منز باقے تمام موئنث ناوٕتی ۔ تریمِس گردانس منز چھِ گرُ ، کوٚر ، سیر ، گرٕ ، موج ، مٔژ ، کوچھ ، ووٕرز تہ وُنی ہوی ناوٕتی شامل تہ ژوٚرمِس منز مال ، کرکھ ، روپے ، بینہِ ، نٔدی ، کوٹھ ، گاو ہوی ناوٕتی شامل ۔

امالپوٚز ہیوٚ ورٲے چھِ کینہہ موئنث ناوٕتی یم یمن دوشوٕنی گردان باگرنس نیر اُستھ ہیکہ ہن ۔ مثلن پٹ ، بُڈ ، راتھ بیتر ۔ گریرسن سند طرزِ تحریر حسابہ چھُ پٹ تہ بُڈ تریمِس گردانس منز شامل تہ راتھ ، وال بیتر ژوٚرمِس منز ۔ مگر یمن چھُ نہ گریرسنن دیتمت واوہل پوٚت لوگ لگان ، بلکہ کانسونٹی پھیر تہ سیدان ۔ غرض وٕنن چھُ ہز تمی سند دٔسی بد کدٕ آمت کاشر زبانی ہندِ صوتیاتی نظامُک بُنیادی کھوچر چھُ تمی ہنز گرامری بجزن

پھندِس پیٹھ کال کرٛاوتس NOMINATIVE حالتھ ورتاونہٕ یِوان چھیہٕ

مثلن بہٕ ژاس، ژٕ آکھ بیتر بہٕ ترٛیمس منز چھ کینہہ کراوٕتی شاپال

پھندکس پیٹھ کال کرٛاوتس ستہٕ دوشہ وٕے NOMINATIVE یا

AGENTIVE حالتھ ورتاونہٕ یِوان چھیہٕ۔ مثلن میہٕ نوٚژ یا بہٕ نوٚژس

بیتر۔

دوٚیمی تو گریرسنن وپرٕشنو مُت کاشُر زبانی ہند کال پہ

نظام۔ گریرسن چھُ ونان زِ مختلف کالہ ورتاو خاطرٕ ہیکوٚ اسی اکثر

کرٛاوتی ہوٚ ٹُلہ ضوٗرژوٚ ییٹھ ورتاوِتھ۔ ۱۔ ٹُلہ کرٛاوت ۲۔ ازکال ناوکرد

۲۔ پیٹھ کال ناو کرٛود ۴۔ شبقہ ناو کرٛود۔ مثلن کرٕ کران، کوٚرٕ کوٚرمُت

مگر کینہہ کرٛاوتی فارمہٕ چھیہٕ ہوٚ نبرٕ بہٕ باقے ضوٗرژوٚ ییٹھ بناونہٕ

یِوان مثلن INFINITIVE فارمہٕ ییٹھ ہیکوٚ اسی یم ترٛ کال بناوِتھ۔

۱۔ میہٕ چھُ کرُن ۲۔ میہٕ اوس کرُن ۳۔ میہٕ آسہ کرُن۔

گریرسنی بنے شبقہ پیٹھ کال باگرن چھیہٕ توجہس لایق۔ سُہ چھُ

الگہ ترٛین فارمن منز باگران۔ ۱۔ نزدیکھ پیٹھ کال ۲۔ بنے شبقہ پیٹھ کال

۳۔ دوٗر پیٹھ کال۔ مثلن۔

۱۔ میہٕ کوٚر ۲۔ میہٕ کریوو ۳۔ میہٕ کریایوو

شاید گریرسن بہٕ دٕیم بہٕ ترٛیمِ الگ الگ ناو کرٛاوی آسنہٕ،

بلکہٕ گریرسن یم عملاتی پا باوسلو بیاتی پھیر آسنہٕ۔ بعضے چھُ اسی پیٹھ

کالک دوٗر ہاونہٕ خاطرٕ کرٛاوتس ییٹھ دباو ترٛاوان اَمہٕ موجب

۲. ترٛیم شخص پٔری ناوٕنٛ کس واحد مذکرس ستی تہٕ چھُ "سُند" لگان۔

۳. 'ہُند'، پوٚت جا چھُ باقٕی سارنٕے ازوٚوی جمع ناوٕن ستی، نزوٚدی واحد مونث یا جمع مونث تہٕ مذکر جمع ناوٕن ستی ورتاونہٕ یوان۔

۴. دوٚیم یا ترٛیم شخص کس جمع صورتس ستی تہٕ چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔

۵. 'اُک'، پوٚت جا چھُ سارنٕے ازوٚوی واحد مُذکر ناوٕن ستی ورتاونہٕ یوان۔

۶. 'اُن'، پوٚت جا چھُ انسانٕی ہندٕن ناون ستی ورتاونہٕ یوان۔

اما پوز تِمن مونث ناون ستی یِم 'ا' یا 'ی' واوس پیٹھ اَند واتان چھِ، چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔ بعضے چھُ 'اُن' ناون ستی تہٕ 'سُند' استعمال سپدان تہٕ اکثر چھُ 'سُند' پوٚت جا ورتاونہٕ وِزِ 'مٕلہٕ ناوس 'ا' پوٚت لوگ جوڑنہٕ یوان۔

کاشُر زبانٕ ہُند گرامٕرٕچ نظام تہٕ چھُ گرٛیٚنٕن سرسری طور ویژھنووُنٛت گرٛیٚن چھُ صرف یہِ وٕنِتھ کٔتھ رٹان زِ ساری کاشرِ گرامٕرٕچ چھِ ترٕنٛ یا رکٕہٕ پٕٹھ یوٚدوَے سرسری طور اُسی تہٕ اَتھی باگرِ نظر ترٛاو، اُسی ہیکو تِتھٕ یِمن مزید ورگہٕ باگے کرٕتھ۔ مثلن یِہِ گرامٕرٕ ہیکہٕ ہوکھ اُسی ترٛین ورگن منز باگرِتھ۔ گوڈنکِس ورگس منز چھِ تِم بہندس پیٹھ کال گرامٕرٕ اول ناوتس منز 'NOMINATIVE' بدلہٕ 'AGENTIVE' حالتہٕ ہُند ورتاو سپدان چھُ مثلن 'مٕے اوٚس'، دوٚیمِس منز چھِ تِم گرامٕرٕ شامل

# کأشرِ ڈپارٹمنٹچہ کینہ کتابہ

| | |
|---|---|
| کأشرِ ادبُک توأریخ | ناجی منوّر، شفیع شوق |
| رٔیشُت پہٕ سأنی رٔیش | رشید نازکی |
| جدید کأشرِ شاعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کأشرُ لُکہ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| کأشرُ ہنٛدی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| نثرِچ کتاب | ترتیب:۔ ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوٗشار سوٗمبرن | ترتیب:۔ غلام نبی فراق |
| کأشرُ شومت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| تہذیٖبُک توأریخ | ناجی منوّر، شفیع شوق |
| ادھال نامہٕ (جلد اکھ) | چمن لال چمن، بشیر اختر |
| ادھال (جلد ژ) | ڈاکٹر آر، کے، کاو، ڈی، این شاستری |
| تصوُف: اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کأشرِن مسلمانن ہنٛدی رسم پہٕ رِواج | غلام محمد خان |
| کأشرِن بٹَن ہنٛدی رسم پہٕ رِواج | سومناتھ پنڈت |

چھیہٕ اَتھ منٛز آوازٕ تبدیلی تہٕ لیوان ۔ دباوٕ والی کراوتی چھہٕ بعضے
اُسی شرطیہٕ صورتٕس منٛز تہٕ وَنتاوان ۔ مثلن :-

"میٛنہٕ کریہٕ کوشش مگر......

گرِیٚستن چھُ دراصل ژُورگی ہاوتی پٕرٛی ناوتی
( DEMONSTRATIVE PRONOUNS ) نظامُس لٕرِ لوٚر یُچھ کالکُ
یہٕ نظام ہیوٗ مُت ۔ بہرحال یِم چھہٕ کینٛہہ اہم کتھ یِمن مُتعلق
مزید مطالعہٕ کرنٕہ یُن گژھہٕ ، یُتھ کاشُر زبانی ہندِس INFLECTIONA
مزازس پیٛتہٕ کنہٕ کارفرما اصوٗلن ہنٛز نشاندہی کرنہٕ ییہٕ ۔ یِم
کامہٕ چھینہٕ اَسہٕ اَمہٕ لحاظٕ ضروٗری باسان تکیازِ ماجہٕ زلوٕ ہیچھنس
منٛز چھہٕ یِم اصوٗل زانٛنٕ غار اہم مگر ییٚمہٕ ساتہٕ اَسہٕ یہے زبان
غار کاشرن ہیٚچھناونٕی پیٚیہٕ تمہٕ ساتہٕ پیٚدٕ اَیہ اہمیت تہٕ عیاں ۔

کٲشِرِ منز بُدھ مت — جے، این، گنہار
رد پہ بھوانی — سوم ناتھ پنڈت
سنگلاب — ترتیب :- رحمٰن راہی، شفیع شوق
کٲشِرِ ہندِ تواریخ دان — پروفیسر ایس، کے، کول
قدیم شارِیاتس
کاشرِ ہُند دیُت — کے، این، در
فصلن ہندی کیٖو کریل
پٔتہ تہندُ تدورک — ڈاکٹر نورالدین ریشی
افسانہٕ کیاہ گوو — ڈاکٹر رتن لال شانت
ناول کیاہ گیہ — موتی لال ساقی
دُدرنگ ہاتیس — مظفر عازم
مذہبی رہنُما — رشید نازکی

## انہارِکی خاص شُمار

شیخ العالمؒ نمبر — تحقیقی رسالہ
کاشرِ ادبُک فکری پوٚت منظر — ادبی تنقید ،،۲
ادبی تنقید ،،۱ — سربت پہٕ ادب
اَزِچ کاشُر شاعری — کاشرِ زبانی ہنز بناوٹھ
کاشرِ لُکہٕ ادب

# ANHAAR
# GRIERSON NUMBER

( *Vol 10 No. 13* )

RESEARCH JOURNAL
THE UNIVERSITY OF KASHMIR
FACULTY OF ARTS
THE DEPARTMENT OF KASHMIRI

( SERIAL NO. 2 )

*Printed at :- Shalimar Art Press, Srinagar.*

# V. V. RESEARCH INSTITUTE

## SOME SELECT PUBLICATIONS

1. A Vedic Word-Concordance ( वैदिकपदानुक्रम-कोषः ) in 5 Sections Containing 16 Parts Ed. by Āchārya Vishva Bandhu.
2. Ṛgveda (ऋग्वेदः) with Commentaries of Skandasvāmin, Udgītha, Venkaṭa-Mādhava and Mudgala in 8 volumes edited by Āchārya Vishva Bandhu.
3. Atharvaveda (Śaunaka) अथर्ववेदः (शौनकीयः) with the Padapatha and Sayaṇacarya's Commentary in 5 volumes, edited by Āchārya Vishva Bandhu.
4. ब्राह्मणोद्धार-कोषः (Brāhmaṇic Citations) edited by Āchārya Vishva Bandhu.
5. Vedic Textuo-linguistic Studies—Āchārya Vishva Bandhu.
6. Mahā - Subhāṣita - Saṁgraha, Vols. I to VII—Comp. Dr. Ludwik Sternbach, Ed. by S. B. Nair.
7. Ārṣeyakalpa with the Commentary of Varadarāja —Cr. ed. Dr. B. R Sharma.
8. Śāṅkhayana-Āraṇyaka–Cr. Ed. Pandit Bhim Dev.
9. The Ṛgveda—Ram Gopal.
10. Kalpa-Sūtra ( कल्पसूत्र-वैदिक वाङ्मय का बृहद् इतिहास ) —Prof. Kundan Lal Sharma.
11. Vedāṅga (वेदाङ्ग-वैदिक वाङ्मय का बृहद् इतिहास) – Prof. Kundan Lal Sharma.
12. यजुर्वेद तथा सामवेद संहिताएं (वैदिक वाङ्मय का बृहद् इतिहास) —Prof. Kundan Lal Sharma.
13. Linguistic History of Uttarākhaṇḍa—Dr. D. D. Sharma.
14. Index of Papers submitted to the All-India Oriental Conference, Vol. IV, Sessions XXIII to XXXI (1966–82) - Dr. K. V. Sarma.

